ناولہِ ہُنٛد ناو : اَکھ دور

قیمتھ : شےٚ روپیہ

چھاپَن وَری : ۱۹۷۴ء

گوڈنیُک چھاپ : پانٛژھ ہَتھ

سرورق یُیتہٕ چھوپ : ویتٔناتھ پریس سرینگر

اَنٛدرِم صفحہٕ یُیتہٕ چھٲپ : بروکاز پریس سرینگر

پبلشر : نزدوش

سرورق : جی، احمد، آرٹسٹ

بہٕ چھُس دیناتھ پریس، سرینگرٕکِس شری ہردے ناتھ کمپاسو سُند سیٹھا مشکور۔ یمو یہ ناول خوبصورتی سان چھاپنس منز سیٹھا اَتھ رُوٹ کوٗر۔

ارپن

پنٕنہِ ماجہ گوٚنہِ وتی ہیٚشہِ ناوٕ!

# گوڈٕ کتھ

یہ چھُ میون گوڈنیُک ناول۔ برٛونٛہہ اوس مےٚ اَکھ ناولٹ ووٚمُت 'وۄتھ چھےٚ گرٛزان آگرٕ'۔ مگر مےٚ ہیوٚو یہ بدلاوُن۔ اَمہِ برٛونٛہہ چھِ مےٚ ترٛےٚ افسانہٕ مجموعہٕ شایع کرٛیمٕتۍ۔ یِم تِمہٕ یہ وُچھمٕتۍ آسہٕ نوٚ مُشکلن بال مرأیو۔ آدم چھُ پیٚتھٕ بدنام تہٕ گرداب۔ مےٚ چھِنہٕ یتھ ناولہِ مُتعلق زیادٕ کنٛہہ کرُن۔ مےٚ چھُ یقین زِ میٲنِ افسانن ہٕنٛدۍ پٲٹھۍ یی وِ تِمن یہ ناول تہٕ پسند۔

بنسی نردوش

دین محمد اوس پٔنتھ میو پانژٕو ریتوٚ پیٹھ ہسپتالس منز واسپر
صٲبنس علاجس تل۔ اُمِس اُس گوڑٕ گوڑٕ اَکھ ژاس لایہمُت۔ یتہ اوسُس
ووہ نی ژاسہِ سیتی بُخار تہٕ کھسان تہٕ یوٚہے ہفتہٕ وادن روزان۔ اُمِس اوس
باسان دٕزٕ وینہٕ تادِ بیٹھ پان نیتہٕ دٔچھنہ تہٕ کھوٚورِ ژٕر دٔزان۔ یتھٕ پوٚرِس
منزٕ یم حکیم وید تہٕ گرگلی ٹوٹکہٕ زانن وٲلی ٲسی تمن نِش اوس یہِ علاج
کرِتھ تھوٚومُت۔ فرق ٲسِس نہٕ کانہہ گومُت۔ سارِنے ہُندہ اندازٕ اوس زِ اُمِس
چھےٚ ژاٲوِج کینسر۔ اَتھ بیمارِ چھےٚ لاگ تہٕ کرِتھ تہٕ اُمِس نہٕ کامہٕ وٲلی اُمِس
نِش بیہنس ہراسہٕ کران۔ بیمارِس نکہہتھ کرِنی اوس گوہناہ۔ یتھ کنی اگر
گامس منزٕ سارِنے ہُند صحت پرکھاونہٕ پیہ ہے یتہ۔۔۔ ژیتھ زٕنی بیرام۔ یہِ ژاٲوِج کینسر تہٕ آسہِ ہے دہِ تن۔ مگر اَڈِین اوس نوٚن تہٕ اَڈِین
اوس تل تل رٔوزِتھ۔

دین محمدس اُس گرِ وٲژمُت کوٚرِ نگینہٕ۔ شکلہٕ عقلہ کنہ تہٕ اُس یہِ پٔرِی پانٹھ

بگیتے۔ کامہ مسولہ تہٕ آسہ اُمو شُندُے پھران۔ دین محمدس اوس یہ پانس
مولوٗم زِ میانٮ۪ لڑکی چھٹے ساسس منز اکھ۔ اُمس گو ژھ نہٕ اختایہ تہٕ زون
ڈیشن۔ اُمو سٕنز پوت ژھایہ گو ژھینہٕ کانہہ وُچھن۔ مگر اُمو شند سوچنہٕ سیتین
ماینکہ ہیے دیتھ کتھ۔ نگینہٕ اُمس اُکس کاشکارسٕنز کور۔ کانٛسہ چکدار سٕنز کور
اُس نہٕ زِ دیوان خانس منز روز ہیے۔ ہار نہٕ تاپہٕ کرایہ تہٕ ماگہٕ نہٕ ژھینڈ نش
بچہ ہیے۔ بُرقس تہٕ نقابس منز نیر ہیے اندر نیبر۔ اُمس اوس کامہ ویسن
ہندو پاٹھو بَبس بَتہٕ ہیمہ ژوٗٹ ہیمہ چاے ہیمہ کھامس ہیچھ ٹین
گرژھن ہیوان۔ تہٕ نیشد کرنہٕ وِز بَبس سیتی سیتی ریہ وانس منز گوہ تہٕ گوہ
کرنی ہیوان۔ وُڈر ہیمہ گنہ دوہ ہَس کاٹھ تچہٕ تہٕ گہہ ساریتھ اُنن ہیوان۔
آنگنس منز ہیہ کہ ناون ہیوان تہٕ اُمی سیتی دانس شنداون ہیوان۔ اُمس
اگر عاج زِند آسہ ہیے دین محمدن آسہ ہیے کہو حالہ پانس علاج کرنہٕ خاطرٕ شہر
کن تسکھر کرمت۔ مگر یہ اوس کورِ ہاسنز مایہ تہٕ کلہٕ کنہ کامس منز شرپتہ چھ
وَن گامسہ پاکہ ناونو پاکہٕ ناونو قسمہ قسمہ چہ خمیر بُہرس نرس اُنتھ دوہ دوہ
کڈان تہٕ داندس رنیر ناوان۔ اَتھ یہ دود تہٕ اوس نہٕ سیتھو کیتھہ۔ اَتھ دادس
ہیمہ اُمو عام نکھ وَنان زِ" یس یہ گسرِلُچ تس ژٕج زہٕ ہیمہ۔ یہ چھ

راز روگ۔ پادشہَن ہِنز بیماری۔ یہ چھَنہٕ ژلان سَہَل سَہَل۔"

ژٕلِہ ہے تہٕ کیتھ کُنو۔ کَسر گژھنک سَبَب اوس غذا۔ ناکافی غذا۔ ہَرگاہ وَیہ وُن تہٕ اصل انسانَن ہُنٛد میوٕہ غذا دِین محمدس بنیو مُت آسہ ہے زُوس مالگہ ہیس یہ اُتھر۔ یِیمو اَندرِہ اَندری زرزر اوسُس ژونمُت۔ یہ ووت ڈاکٹری مشوَرِ خاطر شہر، یتیٚلہ دوٚہ نو کھاہس ہپیٹھ نیرنس لایق تہٕ اوس نہٕ روٚدمُت۔ بیٚیہ سُتہ کوٚر ہنٛدِ زورِ جَبر۔

دِین محمدس اوس نہٕ پیتھ کُنہ بچہ ژیچ کانٛہہ براُنہہ۔ تَس اوس پانس یہ وِیدام ژامُت زِ میٚے چھُنہ زیادِ کالس زِنٛدِ روزُن۔ سیٚتی اوس دَیان زِ میٚے ییتہٕ گژھ نہٕ یہ کورہَن دَکن تہٕ ڈٕلن لگِنو۔ اَو کِنو اوس اَکس تہٕ بیٚیس نِشہٕ دَوا اژھاران تہٕ پانس تسلا دِوان۔

"یہ دوا کیاہ ییم خنوٚروٚر بَراہ۔"

یتیٚلہ دوٚہ نو دوٚہ ہے دوٚہ ہے نگیسن مجبوٗر کوٚر۔ دوٚپنس۔

"ناتہٕ ڈاکدر چھنا۔ شہرس منٛز چھے سرکاری ہسپتال چھُ۔ مشن صاحبُن ہسپتال چھُ۔ کُنہِ جایِہ وُچھتہٕ علاج ما بنی کانٛہہ۔ ناتہٕ ژٕتے چھُے نامیون تہٕ زَرِ زَرِ گژھان۔ بَبا ژیٚپے کھورس کوٚانٛڈ اَژی۔ بہٕ نے کھُنٛڈ ہارِ تہٕ لوٚتیٚلہ۔ ماج

چھَم نہٕ تَس بیٚہہٕ ترٛاوِمٕتیم۔ مےٚ کُس مام چھُم پٮ۪تر چھُم سُے کھیٚیاوِم چاوِم ناژٕ کوٚ نہٕ چھُکہ میانہٕ خاطرٕ خوٚدایس صحت منگان۔ اوٚرزٕ کانٛچھان"۔

یمَن کتھَن اوس نہٕ دیٖن محمدس کانٛہہ جواب پھوران۔ کیٚنژھا اُیس پھعشان زِ سأری چھِ سوٚنچان زِ شوٗبہٕ چھُ گژھِن وُن۔ کیٚنژھا اوسُس پنُن دِل دَپان۔" یہٕ گیٚنٛد گیٚنٛد تِہ نَبا گوٚ جان۔"

اٰخرس لوٗگنہٕ دیٖن محمدس کورِ ہنٛدِس وٚننس بیٚہہٕ شہر گژھنَس کانٛہہ چارٕ۔ یُتھُے یہِ پٕژھان پٕژھان مِشن ہسپتال ووت۔ ڈاکٹرَو وُچھ اُمہ سٕنٛز ہیٚیتھ۔ تِمَو ژاپہٕ اوٗنٛگجہ۔ تِمَی وَتھ کرنوٗکھ واڈس منٛز داخل۔ ترٛیہ آیہ تِمَو کڈنوٗ پلوٗ۔ وُشنہٕ آبہٕ کرنوٗکھ شران۔ تہٕ نوٚو پلوٗ لأگِتھ بیہنوٗکھ بِسترَس پیٚٹھ۔

دیٖن محمدَن دوٗپُک۔" مےٚ ہیٚسہ چھےٚ بایو گیٚرِ انہٕرِش کوٗر گُمٕنی زٕنی۔ بہٕ نا چھُس نہٕ یوٗردا اٰخل گژھِنہٕ آمُت جنابَو بہٕ چھُس مشورس آمُت۔"

ڈاکٹر صأبَن بوٗزِس نہٕ اکھ کتھ تہٕ۔ دوٗپنَس :

"چوٗن واپس گژھُن تہِ چھُ مُشکل۔ ژٕ کھاریٚکھ وَتہٕ بیٚہہٕ خوٗن مَتہِ۔ ژٕ گژھکھ وارِیاہس کالس علاجس تَل روزُن۔ اَدٕ چھُے بچُن پاے۔"

پننہٕ طرزٕک اوس یہِ ہسپتال گوڈٕ گوڈٕ شہرس منز آمُت۔ اتھ اَندر
آسہٕ نرسہٕ تہٕ پاگرم زنانہٕ۔ وِلایتکۍ بٔڈۍ بارٕ ڈاکٹر آسہٕ اَتہٕ نوژکھ کھوتہٕ نوژکھ
اپریشن کران۔ نوِ کھوتہٕ نوِ طرزٕک علاج تہٕ دوا اوس اَتہٕ بیمارن واتان۔
اَتھیٚک انتظام وُچھِتھ اوس ارِن درِن بیمار پننیٚن ژماہ گرٕ ھان تکیاز
ییٚمہٕ لولہٕ تہٕ مایہِ سیتھ نرسہٕ تہٕ دایہِ بیمارن ہُشدٕ ژٕل مَل آسہٕ تُلان، تیمَن
ییٚتھ تہٕ ترٕ ونِتھ آسہٕ پکان تیتھ کُن وُچھِتھ اوس انسانس گرٕ مُشان۔
دین محمدس لوٚگ یہٕ اَتیٚک طور طریقہٕ وُچھِتھ بسترس منز روزنس
کانٛہہ چارٕ۔ اُمس آیہِ دوا بوتلہٕ دِنہٕ۔ نفیس نفیس خوراک آو کھیاونہٕ۔ دودٕ
پونٛی۔ بٹہٕ لہٕ آب۔ بتھٕنۍ۔ ڈبل روٹ تہٕ ناٹن ہُشد شوربہٕ۔ یہِ اوسُن یہٕ عُمرِ منز ناہہ
کھیومُت۔ زانٛہہ وُچھمُت۔ ییتھ پُژھتھ اوس یہٕ اُمس تمہٕ دوہہ تہٕ ووتمُت۔
ییلہِ یہِ گُرس بیچھٕ گولٛند لاگتھ دستارٕ وِتھ ڈُمہٕ ڈُمہٕ ہیتھ نگارٕ دِوان دِوان
ہووُر اوس گومُت۔ نگینہٕ مارُج اَنتہٕ خاطرٕ سعہ سعہ ندر مال۔ ییمہٕ شُشدبن تیتھ گُنہٕ

پرٛزلوٗن۔ پرٛوٚن تہٕ ملاےٚم اوس یِتھٕ گنٛز مدھومتی ہٕشر۔ ژوٹ گاڈ چھےٚ آسان
کنٛڈِ روٗستےٚ۔

گرٛس منٛز تہٕ اوس نہٕ کانٛسہ یُتھ ییٚنہٕ واتان یُتھ اکھ ہسپتالس منٛز
بیمارٕ واتان اوس بخلقن ہٕشر۔ خدمتھ تہٕ بے غرض خدمتھ کرنٕکۍ اوس یہ
ناو ہٕشیوٚن لایق اکٕے ہسپتال۔ اَتہٕ کیٛت ڈاکٹرٕن ہُنٛد خوش خلق تہٕ نوٗلوس وُچھتھ
اوس فرشتن ہُنٛد گُمان سپدان۔ یِتھ پرٛتھ رِس کانٛہہ انگریز ڈاکٹر کانٛسہ بیمارس
نبض وُچھان ہے۔ دادِچ دگ ہٕشر خبر پرٛزنٲوِتھ پرٛتھرِس اوس یہ مُشکل بیچے
گژھان زِ یِمے ٹوٚکھ چھا سیٚہ بدٕ میلو پیٹھٕ سمنٛدرس تار دِتھ سانٛس
مُلکس پیٹھ قبضہ کرِتھ آمٕتۍ۔ یِمے چھا وُنۍ کیٛن ہندوستانٕکۍ مالکھ تہٕ موختار۔
اَمہِ وِزِ اوس اِنسان دیان ہٕسی تاکہ طاز تلہٕ ہیوٚتے وینہٕ ہیٚکن بادٕن۔ یِم اَمہ
شوقہٕ تہٕ جذبہٕ سیتۍ سانٛین بیٚمٕرن تہٕ بایَن ہُنٛد علاج چھہ کران۔ تِمن صحت چھہ
بخشان۔

اگر کانٛہہ اَمہ ہسپتالٕچ عمارتھ وُچھہ ہے دِل اوسُس ووٚتھ کھیوان۔
تنکیا زِ یہ ہسپتال اوس اُکس پُر فضا جایہ پیٹھ تعمیر کرنہٕ آمُت۔ اکِ طرفہٕ شنکرا
چارِک تھدِ تھوٚد بال تہٕ بالہٕ دامنہٕ کِس اُکس تھوٚنگس پیٹھ الگ کُن۔ یہ

عمارژھ تیتھ کنۍ اِستاد زَن تہٕ مہرٕ یمؤ اُس ڈٲرٕ دارِ کنۍ یان اُلوٚند ترٲوِتھ ژۄر
نَظرٕ ہِش دِوان۔ اَتھ ژرٕ ؤنہہ کنہٕ اوس دوہن ڈٲلن ہُشد آب ویرِس تَل سمکھان۔
تہٕ ویرٕ تلہٕ نیرِتھ اَکس نالس منز سپدان۔ اَتھ نالس اُسو نان ژۄٚ ؤنٹھ کول۔
اَتھ نالس منز اوس یَدرس یَدرس پیٹھ بوٚنہ شہجارِس ہاوس بوٚٹن ہشہ قطارٕ۔
رٕمَن سیتھ ڈونگہٕ بیٚیہٕ اَنۍ بَرِتھ تہٕ ناوٕ۔ نالس اَپارٕ اوس کھُلہٕ مٲدان منز سڑک
اَکس طرفس اوس مہاراج صاحب پونٕ گنڈان تہٕ بیٚیس منز اُسو فرہنگو کاف گنڈان
آسان۔ ہسپتالہٕ چھِ دارِ کنۍ اگر کانہہ نظر دِیہ ہے تس اوس گاف گروٚنڈ، پولو
گروٚنڈ۔ تمہ دور شہرٕ کہ بیٚٹھِ حِصہٕ۔ مشیدن ہندی گُمبہ تہٕ مندرن ہندِ کرنہ نیر
گرٕ وٕنۍ کلس۔ ڈیچھنہِ کنۍ ڈل تہٕ یمبرت تام بوزنہٕ یوان۔ تہٕ اَمہ دور تہٕ اگر نظر
تُلہ ہے گُلمرگہ کین پہاڑن تہٕ شیشہ تینتالیس تام واتن اوس یوہے گروٚٹہ زٕ گروٚٹہ
باسان۔ یہ نظارٕ وُچھِتھ اُس دِلس شہلُتھ پیوان۔ اَچھن گاش ہیوٚ پھیران تہٕ
احساس سپدان زِ یتھ کشیرِ منز زُون چھُ ہُنزِ پاٹھو جنتس منز زُوْن۔
قدرتُک یتھ حُسن کتہٕ آسہ بیٚیہ۔

یُتامتھ اِنسان زمینَس پیٹھ چھُ۔ تَس چھِنہٕ زمینہٕ ہٕنٛز قدر۔ یۄہے
شخص یُتھے ہوائی جہازَس کھَسہٕ تہٕ زمینہٕ نِش دوٗر گژھہ تَس چھےٚ زمینہٕ ہٕنٛز
ماے گَژھان۔ پان پَزٕ ژھیٛوٗن ہیٚوٚ باسان۔ زمینہٕ ہُنٛد حُسن متاثر کران۔ مۄہتھ
چھُس گژھان زٕ سعہ کھسہٕ وِزٕ آسہ یَیلہٕ یہٕ زمینَس پیٹھ واپَس واتہٕ۔ اَمہ
ہسپتال دارِ کِنہٕ نظر دِتھ اوس سُہ مَزٕ سُہ کھوژُن تہٕ سعہ ماے گَژھان
یوٚہ سہٕ جہازَس مَنٛز سفر کرَن واٚلِس مُسافرَس چھےٚ گَژھان۔ دَری یاو تہٕ آرٕ
باسان یَنہٕ داوہی۔ مکانہٕ باسان گنٛڈ کھ ڈبہٕ ہِشہٕ۔ تہٕ کھلہ ماگدانَن۔ کھاہن
تہٕ کھَلَن ڈٕلِشتھ باسان یہ چھُ سورُے فقط تصویر۔ یِمَے تام مُصوٚرَن بَرِ شہ
سِتی شیرِتھ بنووِمُت۔ اَتھ رَنٛگ بوٚرمُت۔ اَتھ گُلوٚ سجاوِتھ میتھ۔ پہاڑ
بناوِتھ میتو۔ اَتھ وَنہٕ کَجہ مَنٛز تہٕ حُسن بخشمُت۔ یہ حُسن چھُ کاغذَس پیٹھ زندگی
منٛز چھُنہٕ۔ دَری یاو بُتھِس پیٹھ کِنہٕ کیٛن مکانَن۔ دَری یاو چَھن ناوَن۔ ڈونٛگَن
بَچَن منٛز روزَن والین ناوہٕ ہاٚنزَن، گاڈٕ ہاٚنزن، زَنی ہاٚنزَن تہٕ تارٕ ہاٚنزن
ہٕنٛز زِندگی مَنٛز چھُنہٕ۔

پٕژھ پاٹھو اَمِس یِتھَس پُر فضا تہٕ دِلکش ماحولَس منٛز روزَن والین لوٗکَن
ہٕنٛدٕ خلقت فاقہٕ ہتین مسکینَن موٗزوٗرَن، کاٗریگرَن تہٕ واتہٕ والین گرِستین

نانگارن، پیرن تہٕ فقیرن ہٕشن۔ یمن دوہہ بُرِتھ کاچنس یِنڈ برابر بھتہٕ
بَنُن تہٕ بوڈ مسلہٕ اوس۔ گامن ہٕشن چھنہٕ گَنِچھے۔ شہرس منز اُسو ننگے تہٕ
نیمتہٕ نُنی مُلکہ ہٹرِ ہٹرِ پھیران۔ مسلہٕ اُسو واریاہ مگر یمن مسلن اوس
سنان خال کانہہ کانہہ یَس ہاکس بتس صورتھ آسہ ہے تتھ گرس منز اُسو
اُرِی ذُرِی مرد تہٕ نر زنگہٕ وہراُورِتھ سوہ کھالہٕ نیٚنڈرا تراوان۔ دَپو ساری کماون
تہٕ سوہ مبراوَن تیمچ اُس نہٕ گنجائش تہٕ۔ اُکس پیٹھ اُسہ پانتر پانتر تہٕ پلان۔ زیچے
زَن لگہِنکھ، شکایت اُس نہٕ ملالہٕ اوس نہٕ۔ دِ رِیچ گنھ اُس تہٕ سہل ہال وٹھن
پیٹھ اُنیکھ۔ زِٹھس اوس نہٕ روبہٕ یُن۔ یُس بہٕ شہ اوس اَنہٕ رس منز اعتقاد س
تہٕ تقدیرس ٹھیچھ کرِتھ خوداپہ سُند شکرانہٕ کران۔ یَس نہٕ بھتہٕ نصیبس آسہے
سہٕ تہٕ اوس سوتَس بستہ چاے چیتھ دوہ یو دوہ یو اَتھو خوداپس کُن حمد پران۔

زِحمُد تَس خوداپس کُن یِی ٹی تہٕ کھیوتَس۔

کھین یِتھ وَنہو سہٕ اوس کینشن چکدارن، سرکاری افسرن تہٕ خُوجن
نصیبہ۔ عام خلقت اُس ہاکس بھتس تہٕ نعمت زانان تہٕ اُچھن اَتھ لاگِتھ
یوٚہے اَچھہٕ ہاکس بھتس بیٚیٹھو آلہٕ وان تہٕ بڈ بڈِ وَنان:

" میانہٕ بھتہٕ خوداپہ ہیٚنڈین تہٕ مُسلمانن پوشہٕ ناوی زٕ تہٕ تہندی خاطرٕ تہٕ

پوشہِ ناوِس زِ میانِہ شرُہن تہٕ زُرہن تام ۔"

یہ ہاکھ بھَتہٕ شرُہن تہٕ زُرہن تام پوشہِ ہے نہ پوشہِ ہے اما پوز اکھ کتھ اُس
ئیزہ کنو پوشہِ پوشی شرُہن تہٕ زُرہن تام واتان تہٕ سعہ اُس کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ بیمارؠ
کینٛہہ سنٛے تہٕ میانہٕ دود ۔ زُکام تہٕ تٔاس ۔

وَستہٕ قےٚ اُسو گُنہِ وَری یہ اکی ساتہٕ ہَتہٕ بَدہن لوکَن آو ریتہٕ بَل تہٕ مزار
بَل واتہٕ ناوان ۔ بیمارہن اُس نہٕ گژھنہٕ تہٕ بیرامَن علاج واتہٕ ناونُک اوس نہ
خاص کانٛہہ انتظام ۔ یہ نےٚ جان جاے آسہہ ۔ ہوادار فضا آسہہ ۔ کوثرس ہیو
آب تہٕ گُلِ شیشہٕ چار آسہہ ۔ یَتہٕ ئزہ ہَس ہیٚہ عام لوکھ زِنٛدہٕ اُسی تمہٕ کنو اوس
رتھ ہند روزُن تہٕ خوداہ شنرؠ کراماتھ ۔

کینٛژھنے دوہن مَنز گو دین محمدس پوٗرہٕ گمان زِ وُنہِ چھُنہٕ آبہٕ دانہ میون
ختم گومُت ۔ خوداین اوٚنُس بہٕ یتھ ہسپتالس منز ۔ دیو تس چھُ وُنہِ میون شاہ
ہیشوان منظور ۔ پانس اوس تَس اُندری اکہ کتھہ ہُند ہول ۔ دَیان اوس نگینہٕ

گژھ میانہٕ وِے اَتھو کاتُشِہ کاش کار لژکس بوٚنژہٕ گنڈٕتہٕ پیو۔ گامس منٛز اٰسو زمیندار گژھ کِمے بہَن۔ یموے اوس گامُک زمین لگانس پیٹھ نیوٚمُت۔ دین محمدُن مول تہٕ اوس وقتہٕ اَکہٕ لگان دار۔ اَکھ کھار زمین اُس تسَ تِی تس اوسُن ہٕنگہٕ تہٕ منگہٕ اَکہٕ دہہ ہہ لٔرِ جایہٕ نار ہیوٚتمُت تہٕ نوٚ لرٕ جلے بناونہٕ خاطرٕ اوس تس زٕ ہتھ روپیہٕ قرض ہیوٚن پیوٚمُت۔ یمن دوٚن ہتَن روپین ستو اُسو دین محمدٕنۍ ہالی وٕٹھ وٕٹھ باہ شتھ روپیہٕ سوٚدس منٛز دِژمتہٕ تہٕ کرٕتھ رتہ اوسُس نہٕ قرض تلنہٕ وژھمُت۔ آخرس اوس یہٕ زمین تہٕ تمہِ سِندہ اَتھہٕ تلہٕ دراٮ۔ دین محمد تہٕ اوس کاش کار۔ مول مرنہٕ پتہٕ اوس شہ اَکی سے چکدار سُنٛد زمین لگان۔ تمہِ اوس پتہٕ گتہٕ بٹن احسان زونمُت۔ تکیا زٕ زمیندار یس کاشکارس اکہٕ درٕیتہٕ زمین لاگن کیتُت دِیہٕ ہے۔ دوٚی ترٕ وری یہٕ اوس تس بدلاوان۔ اَتھ اُس مان ہان لگان۔ فیصلہٕ کٔس ژوٚرٕ میس جعس پیٹھ تہٕ اُسو زمین لاگن وٲلی کاشکار متھہٕ گنہٕ رٹان۔ زمیندار اُسو کِمے مگر کاشکارن اُس نہٕ گرٕندے۔ پیٹھہٕ اُسو موٚزوٗر زیادے تستہٕ۔ موٚزوٗر آسنہٕ بدلہٕ موروٗثی کاشکار آسُن تہٕ اَکو سے جایہٕ زمین لاگنُک بوٚنیکس تیپدٕن اُس نختادارٕی۔ دین محمد اوس اَمہٕ لحاظ نصیبہٕ دول۔ پیٹھ اوس اُمہٕ سِنٛدِس چکدارس گتہٕ بٹن تہٕ اُمہٕ سِنٛدِس ہٹہٕ ترٕس پوان۔ بوٚتامت دین محمد

اَیہِ زُوٗ اوس سُہ اوس ترٛیٚن ہٕشرٕ کاُم گنٛنہٕ زوٗنہٕ نِچھ والان۔ تہٕ سیٹھاہ ہیمتھ
اوس گنہٕ بَٹہٕ نِس گرِس منٛز چارواین گاسہٕ تراوان۔ دودٕ ہاوان۔ تِہنٛدِ زٕل مٕل
گُلان۔ تمہٕ پاہ کران تہٕ سوہ نمکس ہیپہٕ ہیمتھ کھاہِس منٛز واتان۔ گنہٕ بٹس
اوس آسان فصیل اَگہٕ ہٕنٛدِ بٔییہِ ہٕنٛدِ کھوتہٕ زیادٕ۔ سُہ اوس پانہٕ مانان زِ یہِ چھِ
دِین محمدُن خاطرٕ اتھ۔ اَوٕ موکھ اوس سُہ دِین محمدس یِرٕ بڈ کران۔ مِہنتس قدٕر
کھاران تہٕ تَمی ہٕنٛدِس سوکھس دوکھس منٛز دِلچسپی نِوان۔ گنہٕ بٹھ اوس
پانہٕ کینٛہہ ٹوٹھکہٕ زانان۔ یمہٕ آسہٕ تمہٕ ساری دِین محمدس ہیپہٕ اَز ماوی میتو۔ مگر دِین
محمدس اُس نہٕ یِرِزرِچ کانٛہہ نِشانی نظرِ گژھان۔

دِین محمد اگر شہر گو تہٕ تتہٕ نَس ہسپتالس منٛز داخل گو۔ تَس اُسس
پَڑتھ زمیانہٕ کورِ ہرگاہ کانٛہہ حاجتھ بٔییہِ۔ کانٛہہ مُشکِل یِیہِ، تمہٕ منٛز بیٚیس
گنہٕ بٹھ یکار۔ یہِ کتھ گیہٕ تَس ہفتہٕ پَتہٕ پَرٕ۔ پیٚلہِ گنہٕ بٹھ پانہٕ شہر کھوٗت
تہٕ اَمہٕ سُنٛد پے پتاہ مولوم کران ووت ہسپتال۔

گنہٕ بٹن دِتُس پوٗرٕ بھروسہ۔ دوٚپنَس۔ پیٚنہٕ با گابرِ کھ۔ نَگینٛہٕ فکر میٚکھ۔
علاجس ہیپہٕ گژھہ روزُن۔ نگینہٕ گژھہ خدایس پُشراوِنۍ۔ زِچھن وٕل چھُم سُہے۔ بٔییہِ بٔ تہٕ
چھُسس تتی نَس۔ تُسنٛدٕ خیال تھاوُن گومیون ذِمہٕ۔ سوہ نہٕ بٹھنہٕ کیاہ تہٕ نگینہٕ کیاہ۔"

نمگینس، اوس گامک گام راُچھ۔ یہ نہٕ کیہہ رکنو۔ پنزو رکنو۔ گامس منز
اُمس وُنہ رواداری تہٕ برادری۔ کاریج کوٗر اُس ہینہٕ کوٗر۔ نعہ شن کورِن اوس نہٕ
نِبر نیرنس ہٹاکھ۔ اَچھ آسہٕ ہور وُڈرتام گرٕھان، اَچھ آسہٕ سنگروٗنی تام نیران
تہٕ اوہٕ آب شیرِھتہٕ یوان۔ مدھومتی ہٕہندِس بُتھِس پیسھٹہٕ ہلو چھلان۔ تاچھ
دِوان مگر مجال جھازہٕ دوہان کرٕوہَن ہٕہندِس اَتھہٕ فاصلس منز لمہ ہے یمَن
لوٗنچہ کانْہہ۔ یِمَن کُن وُچھِہ ہے تِلہٕ ٹارِ کانْہہ۔ ژوٗر اُمس نہٕ مُتھہٕپچھ اُمس نہٕ۔ اگر
کُنہ وِزِ کانْسہٕ گرِس ژوٗر پھر ہن رتہٕ اُسہٕ آسان شاُدۍ پورِکو۔ حتیٰ پورِہٕ
پیسھٹہٕ آمتو۔ ناُمی ژوٗر۔ بنڈہٕ پونگ تہٕ وِلرک اوس نہٕ کانْہہ آسان۔ یانِس
آ رہے نہ آسہٕ ہے تو تہٕ اوس نہٕ بیِیس زاگن۔ گامس منز آسہٕ بَٹہٕ مُسلمان کَرہ
سیتہٕ سیتہٕ۔ اَنگُن گنہٕ دوہس گنی۔ ہینہٕ ہینہٕ واُرٕ اگر الگ تہٕ اُمس آسان تہٕ گرِتھ
ترِیس خوش گرِ ہے سہ اوس بیِیہٕ ہشہٕ وارِ منز ہاکھ، واگن، باغہٕ معہ نجہ۔ اَلہٕ
اَلہٕ پوش تہٕ یہ کینْہہ دوہہٕ یومُت آسہ ہے تہٕ زنان تہٕ باہ وٕاُنی گامس اوس

یوٚتاہ مِلہٕ ژار زا اگر اَکس دمہٕ دِچ گاٹھ آسہٕ ہے محلُک محلہٕ اوس گرٕس چوان تہٕ گوڈنکین دوہن اَمس پو باگرہٕ یوان۔

گنہٕ بٔحھ کھوٚت یمن پانژن رٕتن منز دمہٕ یہ ژورہٕ پھِر شہر تہٕ ژٕلھ وِزآو دین محمدن حال ووچھنہٕ ہسپتال۔ اکھتے نیوٚن اکہٕ پھِر ووہلر گاڈِ تٕرکھا تہٕ پانس سیتی۔ دین محمدن سوٚز یہ ہسپتالہٕ کِس ژنگرس۔ امہٕ دوہہٕ روٗد سارٕکوے ہسپتالس منز گنہٕ بٔٹھ تہٕ دین محمدن چرچہٕ۔ نرٕسن اوس نہٕ بہان زِ گنہٕ بٔحھ چھُ چکدار تہٕ دین محمد چھُ تٔمۍ سُند رعیت۔ یہ اَمس نہٕ کانہہ واحد مِثال۔ کاٗسن منز اَسہٕ واریاہن چکدارن تہٕ کاشکارن ییتھی رِشتہٕ۔ انسانی ہمدردی ہِشن قدر موجود۔ مالکہٕ سُند تہٕ نوکرٕ سُند رشتہٕ اوس ازلی۔ چکدارس اَمس رائے زِ دِنہٕ وول چھُ خدائے۔ مےٚ دِتُن بیٚیس دِتُن نہٕ۔ کاشکارن ہُند تصوٗر تہٕ اوس یُتھے۔

"یٔس دٔے دِیہ، تٔس کُس نِیہ"

اعتِقادکس حدس تام اوس یہ تصوٗر سارٕنے رشتن ہُند فاصلہٕ کران۔ تہٕ یوٚہے اعتِقاد اوس پانہٕ وانی وائٹھ دِوان۔ زیوٚن مرُن تہٕ اوس یکہٕ وٕٹہٕ۔ نِشنِد کرُنس۔ بیول وَوٕہٕ نس فصل لوُننس بیٛچھ اَمس واریو۔ از اگر اکس طرفس کُن ساری سمجھتھ کامہٕ لگہٕ ہن یکہٕ اَسہِ بیٚیس طرفس کُن کُنی ہلہٕ کرِتھ کام معہ کلاونہٕ

پیوان۔ گامہٕ بٹَن خاندر آسہٕ ہے مُسلمان زنانہٕ آسہٕ توٗمُل ژھٹنہٕ تہٕ وَن وُنہٕ
پیوان تہٕ گامہٕ مُسلمان خاندر آسہٕ ہے گامہٕ بَٹہٕ اُسی یِنہٕ واٹِس استقبالس
نیران۔ وان اوس الگ۔ کھیتس چِنِس اوس باتہٕ وائنی پرہیز تہٕ ٹھاک۔ بَٹہٕ
کھیٚیہٕ ہے نہٕ مُسلمان سُند مسلمان کھیٚیہٕ ہے نہٕ بَٹہٕ سُند مگر دِل اُسی اکھ
اَکِس نزدیکھ۔ اَکھ اَکِس ہیچھ اُس پَرٛتھ۔

ییٚمہٕ ییٚمہٕ دوہہٕ گنہٕ بَٹہٕ دین محمدٕنی شیٚنچھ ہیچھ گام آو۔ زَن دِزِکھ پلٕے
زنانہٕ مرد اُسی لاران لاران گنہٕ بٹَس نِشِس پیوان۔ دین محمدُن حال بوزان۔
کنھ ہیپتالس منز چھُ۔ دوہنی کیٚتھ چھُ۔ کھین کیاہ چھس دِوان۔ علاج
کُس چھُس کران۔ گنہٕ بٹن ییٚمہٕ اندازٕ پرٛتھ وقتہٕ دین محمدُن حال گامہٕ وٲلی
بوزناوی تمہٕ رکنہٕ اوس گامہٕ والین باسان زِ زنتہٕ سُہ پادشاہی کرنہٕ چھُ گومُت
زن تہٕ سُہ زِندے جنتس چھُ گومُت۔ میٚہہٕ دُچھنہٕ تہٕ کھووری خدمتس
وَقتہٕ وِزِ کھین وَقتہٕ وِزِ دَوا۔ چِھلِتھ تہٕ چھوٗکھتھ بِستر۔ گامہٕ واٲدٕ اُسی

حسرت کھوان تہٕ سوچان زِ یِتھ اِنسان گژھہِ قسمتہٕ وول آسُن یُس
شہر لگہٕ تہٕ یِتھس علاجس تٕل روزِ۔ یِنہٕ وُچھمُت اوسکھ تی اَسی بوزان۔
نِمپنس اوس اَندری تلواس ووہ تھان۔ دُیان اُمس کاو لاگتھ گژھہا تہٕ مول
وُچھہن پننیو چشمو صاف تہٕ پاک بسترس بیٹھ۔ ہشاش تہٕ بشاش نرسہ تہٕ وائہ
تس خدمتس۔ کانسہِ تھاوہانہٕ خبر تہٕ یُتام بہٕ پھیرِتھ تہٕ توڑ یمہا۔

سوہ تکھریہ اکہ دوہ یہ لٹہٕ شہر گژھنہٕ خاطرٕ۔ مگر گنہٕ یٹن دِتس تہٕ
گرٕ نیرنہٕ۔ گنہٕ بٹن اوس دین محمدنی ہیتھ وُچھمتھ انداز کورمُت زِ یہ چھُ
گژھہ وُن۔ یوت پلالہ سِیدرِتھ تہٕ چھنہٕ اُمس کانہہ فرق گمژ۔ تس اوس
خیال زِ ہسپتالہ بیٹھ واتہٕ اَز نہ تہٕ یُگاہ یہ شیچھ زِ دین محمد ہسہ موٗد۔ یٔتہٕ نس
چھُ سہلے۔ اُمس کورِ ہکو دِلاسہ دِتھ۔ مدار کرِتھ۔ تہٕ کانہہ کامی لڑکہ ژھارون
یُس گرٕ بیٚیٹھو انوس۔ تہٕ اُمی شِنز زندگی کھارو رٕیتھ۔ گنہٕ بٹس اُس ستار ڈارنس
عُلیس بیٹھ نظر۔ موقدمس تہٕ اوس لڑکہ ٹار کھوٚتمُت۔ گنہٕ بجھٹ اوس
پُتو مِیرِ پھرِ یوٚہے صلاح کرٕنہٕ دین محمدس نِش گومُت مگر تتہٕ اوسُس نہٕ کنھ کرنس
وار وِستار آمُت۔ یِکیا زِ دین محمدن اوسُس اورٕ ے ووٚنمُت۔

” گنہٕ جو۔ بہٕ ہسہ یمہا کام والیس ۔“

"کیاز یہٕ" گنہٕ بٹن اوسس پرٛزھمت۔" اگر تتھ لایق چھکھ، بکھ ساۓ میانٛز کنہٕ وٕنی۔"

دین محمدن اوسس وۄش ترٛاوِتھ وۄنمت۔

"مےٚ نِسہٕ چھےٚ نہٕ وسا یتھ زِندگی پیٹھ از مرا، پگاہ مرا۔ دپان چھس زنگینہٕ کرہن پننیو اتھو کٲنسِہ حوالہٕ۔ تتہٕ روزِم یہٕ کیٛل اندرے۔"

اتھ پیٹھ اوسس گنہٕ بٹن وۄنمت۔ "دِل گژھہ بوٚڈ کرُن تہٕ خود ایس پیٹھ گژھہ پژھ تھاوٕنی۔ یتیہِ یوٚت گوٚ ڈاکٹر صاحب چھ ونان بیٚییہِ زٕ ریتھ ترٛاوٕنی۔ اَدٕ اگر خوش کرِیس۔ کام گژھن۔ گژھن۔"

گنہٕ بٹن اوسس نہٕ یہٕ دِل تسلاہ خاطرٕ کینٛہہ نہٕ وۄنمت۔ تمۍ اوس پانہٕ ڈاکٹرس سٟتۍ مشورٕ کوٚرمت۔ تمۍ اوسس وۄنمت۔ وٕہراٛٹھ ہنٛد یم زٕ ریتھ گژھن۔ پتہٕ اگر مرضی گژھو واپس کام نیٚنۍ۔ اَسہِ چھُنہٕ کانٛہہ ہرجہ۔ گنہٕ بٹس اوس پانس گھبراہٹ۔ تس اوس نہٕ باسان زٕ وہراٛٹھ ہنٛدۍ یم زٕ ریتھ کیاہ کڈِ دین محمد جان پاٹھۍ۔ وۄنۍ اگر شہرس منٛز نگینس تھی دین محمدن پننۍ وتھ ژٹ اُمیٚشد یہٕ ھندمہٕ تُلُن چھ محال۔ پیٹھ نہٕ شہرس منٛز زان کٲنسہِ سٟتۍ نہٕ کانٛہہ انگ نہٕ عاش ناو۔ تتہٕ نسےٚ یہٕ کورِ ہنۍ پانہٕ موٗر ژھینہٕ۔ اَوے اوس نہٕ گنہٕ بٹھ

اُتھ کنِھ بیہِھ رضامنٛد زٕنٛگیٖنہٕ وُچھِ ماٗلِس بُتھ۔ مگر نگیٖنس اوس کھیٖتھ چھُتھ
ہٲرِتھ ہیوان۔ تَس آسہٕ اَندرٕی شراکہٕ وسان۔ ٲنٛزِی اُمس سٕعہ برٛمبکہٕ ییوان
تہٕ پھیرن نالس منٛز بُتھ لَدِتھ زورٕ زورٕ وَدان۔ یُس نہٕ اَکس بٔڈٕس تہٕ
نظرٕ ونِش ڈوٗل سُے مول رٕہتہٕ وادَن نظرٕ ونِشہٕ دوٗر آسُن۔ نگیٖنس اوس نہٕ
وہمٕنی برداش رۄزمُت۔ اوٚتام اُس دَپان کانٛژھا گوٚ ژٕھمہ سیٚتہٕ وول شہر تام
آسُن وہمٕنی اوسُس یُتا جاٗرِس بیہِھ ووتمُت سہٕ اُس کُنی زٕنی کانٛشہٕ پٔژھنے
گارنےٚ شہر کھَسُن پَژھان تہٕ اَمیک موقہٕ ژھانڈان۔

کالہٕ اوس رۄزُد پیوٚمُت۔ واریاہَن جویَن اُس وٕزنی لَجمٕژ۔ مدھومتی
ہُنٛد آب اوس زیادے شور یومُت۔ نگیٖنہٕ وُڈھ نکہٕ نکہٕ گاشہ۔ دانہٕ کُھٹ کنہ
دِژن اَسمانَس کُن نظر۔ نیوٗل اَسمان اوس چھوٚٹِتھ چھوٚکِتھ ہیٚنٛد ونٛدکہٕ
ہِش گومُت۔ برکہٕ پہٕ اوس کھَسِہنے۔ کامِس منٛز اُسی ساری وُنہٕ شوٚنگِتھ۔
گاسہٕ لرِین تَہٕ نِشیر لَبہٕ آسہٕ رُدِ سیٚتہٕ رلونہٕ آمٕژ۔ نگیٖنن ہیوٚت خودایہ سُنٛد

ناو۔ پلو اکھ تھوون بہ کھچس منز۔ پرو س یُس پہ شاکھ ءِسن ہیپھ ٹالی سوُمت
اوستس تہ لوگن ناٹلی، تہٕ ژھسیہٕ دِوان دزایہ گامہٕ منز نیبر۔ وَتن ہیپھ اُسہ
دوب آیہٕ سیتہٕ برنہٕ آمتو۔ وہ کھلی یکان یکان واتژ وہ لر بجِھس ہیپھ۔ اکہٕ
اوس ڈونگہٕ اکھ تیار۔ ڈونگس منز آسہٕ واریاہ سوارِ۔ نگیتس پتے آیہٕ
بنہٕ نریش اکھ مسلمان موہنوس سیتہٕ، سوہ تہٕ ژایہ ڈونگس منز۔ تس سیتہٕ آسہٕ
بوچہ بنٹنہٕ زٕ تہٕ مردِ اکھ۔ تم گیہٕ اُہی کران وایس۔ یُس مسلمان موہنیو اوس
نوشہ سیتہٕ اوس، تس کوٗرکھ بانہ بانہ۔ ہیئس تھاوِ زیٖس۔ تہٕ بیٹیہٕ یمہٕ سوارہ
ڈونگس منز آسہٕ تمن تہٕ دوٗپکھ: "یہ ہیبا چھےٕ کور ہیٚن حوالہ"

تہٕ کور ہین یمن سوارن حوالہ کرنہٕ آیہٕ۔ تمہٕ آسہٕ اکس گالوس منز
تہٕ یہٕ ہیپھ بیئس گالوس منز نگینس سیتہٕ۔ آمہٕ سیتہٕ بڈییہٕ نگینس ہمتھ۔
آمہٕ اوس نیہٕ زٕ نہے وہ لرس منز ناوِ ہند سفر کوٗرمت۔ اکہٕ دوہ یہٕ پھر اوسُن
لوکہٕ چارس منز بہ رو بے رو دو لر گ اٗنتہٕ روس سوٗدرٕ چھٕ چھتہ تراس
کھیوٗمت۔ کیاہ گوم کیاہ گوم۔ اکہٕ اپارہٕ یپور ترون چھا ٹھنچہ کنہ۔ انا تسے
داٗتس آسہٕ لوسان اکہ نار دِوان۔ اَز اوس اَمس گوہ ڈرنچ لکہٕ وہ لرس منز
سفر کرُن۔ وہ لرس نار دِیُن۔ اکہ سفرس سیتہٕ اوس کینژھا وسواس تہٕ

وَسواس اوس اُوِ کینہ تہٕ کیاہ زِ یہٕ اوس مُسلمانَن تہٕ ہیٚندین بہٕہتھ زِ دوہ لرس منٛز
چھُ دوہ لہ راتہٕ یہٕ اگر خوش گو۔ ناو تہٕ پھےٚ خوش خوشحال یا گھٹٕ اپور تران۔ اُمس
اگر خشم کھوت۔ واو چھُ کران۔ تلخ چھُ دوہتھان تہٕ ناوِ ڈونگہ۔ بحر شیُس تہٕ شہ
چیز دوہ لرس منٛز یکان آسہ۔ شہ چھُ دُبہٕ پھیران۔ ویسے اوس تار پیوان شام
دِنہٕ۔ ناو اُمس راتس یکان۔ ہر گاہ ہاںٛزس اوٚبر لنگ اَکھ تہٕ نظر گژھہ ہے
شہ اوس نہٕ ناو ہاہیتھ نیرنس ہٕہران۔ وُنی کینٛسس اوس نَب صاف۔ وطلبہ کینہ
اوس دوہ لرٕ چمکان۔ آبس آسہ زِ ژٕ پیوان۔ نار ژوکھ ہیٚو آفتاب اوس
پہاڑو پیٚتہٕ کینہ نوان ڈرامت۔ نکینس دُ چھ اُمس ہٹہٕ نوہ شہ کیٚن پھیرہ پھیرہ
اُمس تہٕ اوس ڈکس پیٹھ بیٚتھے دوہ زُل نار ہیٚو چھکون ٹیکہ اَلوند۔ اَتھ پیٹھ
چھلے یہٕ کیتھ نہٕ کنجھن منٛز تور نکینٛسس فکر زِ اُمس چھُ وارِ گژھن۔ یہٕ چھےٚ شمبلہ
باگہٕ اہرش۔ اُمو شُند سیٚتھ دول ستارہٕ اوس مُنٛزِ کُمنٛزی ٹھوٚد ویتھ اَتھ
نگالوس کیٚن نظر دوان تہٕ اُمس پرٛژھان۔ "وارٕے چھکھ سہ" تہٕ یہٕ اُمس
منٛد چھیتھ کلہٕ سیٚتھ جواب دوان "وارٕے"۔ پتہٕ اوس ستارہ اندر کیٚن ہاںٛز
بایہٕ نِشس گژھان بجیر تموکھ بران۔ تیتھٕ نگُ چلہ مہ تھوان تہٕ ہاںٛزنہٕ برٛدونہ
کیٚن نِوان۔ سمہ تہٕ اُمس کھوٚرٕ اَتھس منٛز رُڈ پتھے کشاکشا دوان۔ تہٕ اگر بجیر

ہُنٛد گرٕ گرٕ اَنٛدرٕ میوٚ سوارٕ یوٚ بوزٕے یوٚ تیٚلہٕ اوس ستارٕس کأشہ نَتہٕ کأشہ
ہُنٛد آو گرٕھان۔

"ہیَبا ستارا۔ کِہوٚ زِ اَسی چھِنا اِنسان۔ تَلا چھےٚ اُنٛ یوٚری۔ تموک ہاچھ
آسہ تہٕ چھِنٛدٕس۔"

یُتھے ڈٲنٛگہٕ مِنٛزٕس ہیوٚ ووت۔ ہٲرز بیٚوٹھ آیہ کرٕہم پرٕنہٕ۔ شعبان
بٹن کِچہٕ چھِنٛدٕ مِنٛز ژوچہ تہٕ ییمہٕ تژادرٕن آیس۔ ہُشیار پورٕک کھٔتریٚ اکھ
تہٕ اوس ڈٲنٛگس مَنٛز۔ تٔمۍ کوٚڈ جولنہٕ مَنٛز نابد پھوٚل تہٕ یوٚ ہیٚے بوٚدن وولہ
شعبان بٹَس تہٕ اقبال ڈارٕس اوس کمشنرٕس نِش مُقدمہ توٚرے اَسی تم
شہر دوان۔ اکھ اوس مُستغیث تہٕ بیاکھ مُدعی۔ یہ مقدمہ اوس گوڈٕ سوٚیہ
تحصیلس مَنٛز۔ تَتہٕ سیٚمٹھ اُسکھ ریونیو کمشنرٕس سوٗزمُت۔ تہٕ پگاہ تہٕ گیٚیہ
کالہ کیتھہٕ اَس یمن دوشوٚنی بیشی۔ شعبان بٹ اوس کتھہ کتان لی۔ تمو سِنٛدرِ
کتھہ اوسن نہٕ سوارٕن وقتک کانہہ خیالاہ روٗدمُت۔ گژھچھ یہ کوٚت واتی
یہ اَس نہٕ فِکرِ رُوزمُت۔ اَمہ سِنٛدی جٔنہٕ اَسی اَنٛدرٕ کنہٕ گالوس مَنٛز نگینہٕ تہٕ
یہ بٹہٕ نوشتہٕ بوزان تہٕ لوٕ تہٕ لوٕ تہٕ اَنٛدری دٔپ دوان۔ ہُشیار پورٕک کھٔتری
یێلہٕ یہ بوٗز زِ شعبان بٹ تہٕ اقبال ڈار چھِ مُقدمہٕ پأروی کرنہٕ شہر گژھان

دوان۔ تمۍ کھیو ژاس۔ مقدمہ یمو کوٚرمت سہ تہٕ اتھو نادِ منز۔ تہٕ مقدمہ
یمِس کوٚرمت تستہٕ اتھو نادِ منز۔ ہشیار پورٕکو کھترو دو چھ۔

"یہ نسہ بنہٕ نہٕ نیبرٕ۔ ہرگاہ یتھ ہیوٚ مالہٕ بیٚیہ گنہٕ جایہ آ سہے تموآیہٕ ہن
ژگہٕ تہٕ منگہ کھیمتٕ۔ باپتہٕ واٚنی لٹھو لاین کوٚرمت۔"

یمِس یہ کھیوٚن اوس تمۍ کھیو وولہٕ اپور تراوتھ۔ نگینہٕ کھشیاوہٕ ہانزِ نہٕ
پانس سیتی۔ ستمبل تام واتنس لگ نہٕ تار سے۔ بٹہٕ نوش تہٕ منتارٕ کھوت تستمبہ
دیمتہٕ اوس رژھ پتہٕ رژھ آب ہران۔ ستمبلہٕ کوٚر ہانزن رز نینہٕ خاطر
مو ہنیتھ۔ رزہ لمان تہٕ ڈکھ کران ووت ڈونگہ کھنس بیہتھ۔ اڈو کھنیو
اُنی نس ہیوٚر تہٕ اڈو روٚدی راتس نادِ منز سے۔ نگینہٕ اُس اَمی وَقتہٕ حالس
نش واتن یتھان۔ ہانزن تہٕ ہانزِ نہٕ دوٚپس۔ کوٚری روزِ یمتی راتس
پکار واتناو وتھ اُسو ا ر کدل۔ تتہٕ بیہتھ چھ منن، ہسپتالہ کے۔
یہ راحت کٹھی باسے یہ تس مشکل ... ... گرتھن دوا
ننمو دوٚپس یکو کوریا۔ ہا واتناوتھ اُمرا کدل۔ تتہ یمس ٹانگس۔ ٹانگہ
وانہٕ ناوی پانے نجھ وعدہ۔ خوداین نجاتھ ییتہٕ کیاہ لوٹ چھا۔ یتہٕ
مہاراج صاٚبنہ ہو کو منتہٕ چھے۔"

أمراکدل واتِھ وُچھ نگینن بدلے عالماہ۔ بجہ بجہ کوچہ وُچھن۔
تٕژ پۄر تہٕ ژٕ پۄر مکانہٕ وُچھن۔ بجلی گاش وُچھن زندگی منٛز گوڈنچہ لٹہٕ۔
شعبان بٹن نیہ ٹانگہ اڈس منٛز اَتہٕ اوس ٹانگہ اکھ ڈالگیٹ گژھن وول۔
تہٕمس دوپن۔ بھایا۔ یہ کور ہاہین ہسہ واتہٕ ناؤوی زین ہسپتال نِش۔ ٹانگہ وٲلس
بنے یہ بروہ تُہہ ہاہن سرٛ کہ بیہہ بیٹھ بیٹھہٕ زٕ سوار۔ تمہ تیجن بڑو نہٹہ کتہٕ۔ نگینس
اُس اندری نہٹ نہٹ۔ اندرو کہنو بیہہ پانس وہہ ہو نہ بیہہ ٹا چھیورُس
یٕ کیاہ زٕ آیے یِس یور۔ مَنہٕ منٛزی پوٚرن وظیفہٕ۔ زیہہ زہہ وہش بیہہ
تراونہٕ۔ ٹانگس پیٹھ یم زٕ سوار کھٕرش۔ تمہ آسہٕ بڈٕ بڈٕ اکھ اکس سیتی کتھ
کران۔ باسان اوس زِ یم چھ کتہٕ تام مُشید منٛز واظ بوزِتھ آیتی۔ واظ
خانہ ہِندِس تقریرس پیٹھ آسہ دوشوے پانہٕ واٴنی بحث کران۔ نگینس
آسہٕ پہٕہنزٕ سارٕیے کتھ کنن گژھان مگر فکرٕ اوسُس نہٕ کہینہ تران بکر ٹانگہ
واٴلس آسہٕ پہٕہنزٕ کتھ تیغ کھران۔ سُہ اوس بھوشان ہنگہٕ مَنگہ

گرُس چوب دِوان ۔ تہٕ کمچس ٹاس ٹاس کڈان وۄران ۔ گرُہ دۄ کڈلس نِشہِ
وُزِھ یمہٕ دۄہ شوٗرے سوار ہیتھ ۔ ٹانگہ وٲلی وۄن نگینس کُن ۔

"مشن ہسپتالس نِش کۄہنڈہٕ چھے ژٕتے گژھن ۔"

نگینن وۄنُس ۔ "مےٚ ہہ جوٗ چھُ ہسپتالس منٛز مول ۔ تمیُ سٕے نِش چھِم گژھن"
ٹانگہ وٲلی دۄنُس حاؔرتہٕ سان ۔

اَدٕ یۄت ژٕہری ناتراونے ینٛہ آتہٕ ۔ مُلاقاتہٕ خاطرٕ چھُ آسان وَق گنڈتھ ۔
نگینس توٗرٕ ہٕ فِکرٕ زِ تہٕ کیاہ گو ۔ منٛہ گمژ بوٗ وۄنُن ۔

مےٚ دِن نا مٲلس تہٕ سمکھنہٕ ۔ یۄتاہ کنٛہ گنڈرٕ چھا ۔ بٔے یِی تہٕ دۄیہِ
بیٚہتھ آہِرٕ چھس کُنی زٕنی ۔ تسُند بُتھ وُچھنہٕ ۔"

مِشن ہسپتالچہ چرٕھایہ کھوٗر ٹانگہ وٲلی گرٕ زوٗرٕ جبرٕ اَتھن کیتھ لاکم
ہیتھ تَس پیوٚہ بانس ٹانگہ بیٚہِتھ پیٚن وسُن ۔ لاکمٕ اَتھس کیتھ رٔٹنہ تہٕ گرٕ سِس
سیتو سیتو دوٗرُن ۔ چرٕھایہ نِش ٹھہرو ٹانگہ وٲلی ٹانگہٕ تہٕ وۄنُس ۔

"ہتو کوٗریا ۔ ہُکیاہ چھُے ہسپتالُک دَروازٕ ۔"

وانہٕ دالیو اُسروان بنٛد کٔرِتھ ۔ اُکِس طرفس کُن اوس فقط اَکھ
کانٛدرٕ ریٚلے ۔ ژٲنگی گاشس تَل اُس کانٛدریٚنہ غلطاہٕ گُنٛزران ۔ نگینہٕ گَیہ کھوٗژہِ

کھوٗژ ہسپتالہٕ کِس دَروازَس تَل۔ دروازٕ اوس بَنٛد۔ دَروازٕ ریچ ٹھَسراۓ
بوٗزِتھ وۅٚتھ ہیر پاوین لانٛپہٕ میٖنان تہٕ کرٛکھ کران اکھ زوٗن "ہَیا کُسؤ چھُوٚ؟"
نگیٖنَن دۅٚپُس۔ بہٕ ہا چھُس دین محمدٕنی کور۔"

"کَس دین محمدٕنی" دروازٕ أنٛدرٕ گَیہِ آواز تہٕ اُتھو سیٖتی آو دروازٕ مُژراونہٕ۔
"سہٕ ہیجو چھُ پیٚتھو ہسپتالَس منٛز۔" نگینُن لہجہ اوس گاٮ۪ی۔ آوازٕ تلے
تورٕ چوکیدارَس فکرِ زِ یہ گرٛڈھ کانٛہہ آسہِ۔

"سُہ وۅٚتھُس اور۔" ہَتو۔ رٲتھ کیٚژت ناچھِہ بیمارَن سمکھان۔ چون
ہا گوٗژھہ شُلہِ پَہَن یِن۔ ووہٕنی یوٗ پگاہ صُبحَن۔

یہ کَتھ بوٗزِتھ آیہ نگینَس لورِ ژٕنٛڈ۔ تَس کلے یہ زِیو۔ دٕ چھنہٕ کھوژُراوس
نہٕ زوٗن نہٕ زٔنی۔ چوکیدارَس تورٕ فکرِ زِ اُمِس آسہِ نہٕ ٹھکانہٕ کانٛہہ۔ دۅٚپنس
"ہتو۔ گرٛڈھوٚ راتس بہِو اُستانَس پیٚٹھ۔ نزدیکھے ہا چھے ٹِکیاہ ہو
ژرنگ دٕزان۔ اوٗرہِ گرٛڈھو۔ راتس۔"

نگینَس پھوٚر نہٕ جوابے۔ کہینہ توٚگُس نہٕ وَنُن۔ یہ گٔیہ کمہٕ پتہٕ ہشن
بوہ کھچہٕ تلُن دَرواز۔ پیہٕ ہٕ ہتوٚد تہٕ سوتے میتیو کوہ ٹھوژایہ اَستا نَس اَندر۔
اَتہٕ آسہ لعہ کچہٕ لعہ کچہٕ کوٗٹھریلے۔ اَکِس طَرفَس اوس نِمازِہ اکھ سجدَس
منز۔ یہٕ گٔیہ تہٕ بیٹھ اَکِس کوٗنَس منز۔ ژادَر ہشر اَوون تہٕ پیہے وُجن کَلہٕ تلہٕ
اُمِس اوس اوٚش دارِ وَسان۔ یُتھے یہ نَفَر نِماز پَرِتھ نیبر دڑاو۔ اوژاوٕ
بٔیاکھ زوٗن اندر۔ یہ اوس بَڑ بَڑ کیاہ تانی پَران۔ اَندر اَژِتھ ژاژج اُمہ
موم بتی۔ موم بَتہٕ گاشَس منز پیٚیہ اُمِس کوٗنس کُن نظر۔ تہٕ اوٚتنَس وُٹھ
پرژھ اُمہ نگینَس۔

"ہیو کُسو مُسافِر چھُوا کانٛہہ"؟

نگینَن کوٚڈ ژادرِ منز بُتھ نیبر تہٕ ووٚنُنس۔

اَہن جو۔ بہٕ ہاجو چھُس۔ بنڈٕ پور پیٹھ آمُت ہسپتالَس منز چھُم مول"۔
اُمِس ژٕژج موم بتی اَتھہ منز نیبرِتھ۔ تہٕ اَتہٕ گٹی منز زون اُمہ زِیہ گرِثھ آسنو
مَامَساکرِتھ پنِہ ہن شرُ ہَن منز۔ اُمہ کُڈ چنِد منز گنڈ کھ ڈٔبی۔ موم بتہٕ کرِن
اَکہ اَتھہ سیتی تھٔپھ تہٕ بیٚیہ اَتھہ سیتی زاژجن کھوٚر نیبھٹَس منز گنڈکھ
ڈٔبہ رٹِتھ تیج۔ گنڈکھ تچہٕ ہشر چمک پیٚیہ شیوٚدے نگینَس بُتھِس تن ڈرایہ

وُزمُلہٕ۔ اُمہِ شۆن ہموپش ہٕش۔ اُچھ وُچھتھ پۄو یہِ مَرد اَسمانہٕ۔
دۄپنس۔ "ژٕ نے چھُیا کھیوٗمُت کینٛہہ" ہگینن دِتُس نہٕ کانٛہہ
جواب۔ اُمہِ تھاوٕ دارِ ہٕندِس داسَس پیٹھہٕ موم بَتّی تہٕ پانہٕ وۄتھ اُمہِ شُند
جواب بوزنے نیٚبرٕ۔ نگینس کھۄتۍ وآئنچ بوٚہٹھ۔ ژھۄپنس سیتی ڈوٚکھ دِتھ
بیٹھ کھۄکھۄت موکھُت کرِتھ پڑارہِ زِ کر گژھ یہِ راتھ تہٕ بہٕ وُچھ
مالِس بُتھ۔ نیٚبرِ رُکھ اگر بَتھُس گژھ ہے یا بَڑس پیٚہ اُس وۄتھِ ہِش
کڈان تہٕ شیٚوٗد بہان۔ کینژھا وُسُس کھوژُن ہیوٗ پأدٕ گومُت۔ کینژھا
اُس پانس تسلا دِوان زِ بیٚیہِ خۄدایہِ ہٕندِس گرَس منٛز چھُس۔ مےٚ یٚتہٕ
ہنُن خۄدا تہٕ رسوٗل چھُ۔ مےٚ کیاہ غم چھُ۔ رَژھ کھنڈ گَیہٕ تہٕ یوٚہے
تفرآو بٔتہٕ ٹوٗر ہیٚتھ۔ گلاسَس منٛز اوٚنُن آب تہٕ بروٗنٛہہ کنہٕ تھاوِتھ
وۄنُنس۔
"ہتو کھیو میٚوٗنڈ کھنڈ، خانہٕ خۄداہَس منٛز نا چھینہٕ فاقے شونگان"۔
پانہٕ بیوٚٹھ دَرواز س نِش وَگوِس پیٹھ ژن تہٕ رأچھ دَراوُس۔ دۄپہِ
دۄہَس فاقہٕ آسِتھ تہٕ اُس نہٕ نگینس بچھ چھُ۔ اگر نے کینٛہہ بیٚیہِ میٚس
تہٕ تو تہٕ اوسُس نہٕ طلب۔ دۄہٕ نی پیٚلہ بروٗنٛہہ کُن وۄتُس۔ اَمہِ پتھ اوٚتھ

اَتھر - ژٲیشہِ دام کھنڈ چون تہٕ اَمہِ ہٕتہٕ منٛز کھین میٛنڈ ژھومبرٕ - یِمہ
ورٕ یِہ تھوٚد وُژھ تہٕ نبر دژایہِ - اَمِس مَردَس گو مشو ہیتھے بہٕ کیٛاہ اوسُس
سوٗنچان - اُمو ہُنڈ قد تہٕ اُمو ہُنڈ پہٕ شاکھ وُچھتھ آس عجیب عجیب خیال
دوٚپُن پناپیہ کانٛہہ پٔری ذاتھ آسہِ - اَتھ علاقس منٛز اوس یہٕ موشور زِ
اَتہِ چھُ شنکراچار دامنس تَل گُمژی مُنژی وِگنہٕ وَتہٕ وُن گرژھان - یِمہ
بَرکہٕ یہٕ چھےٚ اَستانس اَندر تہٕ آسان - یہِ خیال سنیوو اَمِس یوٗتاہ زِ
پوٚت کھوری ژوٚل واپس - اَمِس کوٗن وُچھُن تہٕ نہٕ دُبارٕ - نہٕ ژُلیو پننہِ
بانہٕ - نگینُن دوٚپ - یہِ کیٛتھہ ہنا - بانہٕ ژاوِن اَتی نَس تہٕ دژاو اَمِس
ماگٔیہ یِم مُشہٕ ہیتھے - یہِ وَژھ یہِ اَمِس آلو دِنہٕ خاطرٕ تھوٚد - مگر یہِ اوسُس خبر
کوٚت ووتمُت - نگینُن تُلی بانہٕ - یِم تھاوِن دارِ طاقس پیٹھ - ییٚتِس
کالس اوس سوم بَتہِ کاش سور یومُت - کلہٕ نَلہٕ ژہٕ ادر وُلِتھ ترووا اَمہِ ڈاچھ
یِم بتس زِ ژور میٛنڈی چھیرک اَمِس نارس نارس - اَمِس کھڑو وُچھان
وُچھان کاٗف - یہِ گیہ گمہٕ وَقتہٕ ہُشار یِیلہِ نیبرٕ کنٕ نلکہ حداگو تہٕ باٗنگو
دِژ بانٛگ -

وہرٲژ پَتہٕ ٲسۍ یِم ہرٕدِنۍ گوڈٕنکۍ دوہ۔ گُلین ٲسۍ زردی پھیرِمٕژ۔ ژُبہٕکۍ واو اوس بدنس ترٕٹھہ ہیوٗ گژھان۔ واہ واہ باسے یہٕ نگینس ژادرِ اندر تہٕ لبہٕ تخ ہِشہ۔ بدنس نخ پھیرنس سیٹھاہ کوٗڈ آمہ کاڑ تہٕ بیہٕ ٹلبہٕ سیٹھا سیٖوٗد۔ زیادٕژ اندر ٲسۍ واریاہ لُکھ جمع۔ اکھ زٕ زٕنۍ ٲسۍ نیٖبرٕ تالاوس پیٹھ بُتھ چھلان۔ نرٕ زٕ ننگہٕ پَتھٕرٕ ژھٹران۔ دوٗرِ اوس کُہ کرُن اکۍ کوہ کرون کوٗن کرِتھ ہیے تلمُت۔ گوڈٕنیچ فِکر لَجۍ نگینس راتہٕ کین بانَن ہُنٛز ٹوٗرٕ تہٕ گِلاسہٕ اوس تمۍ قرارٕ طاقس پیٹھ نیٖبرٕ اوس وُنہٕ اَنہٕ گوٚٹ۔ ژٲرِن ہُنٛد چرچر تہٕ اوس نہٕ کنَن گژھان۔ اما پوٚزٕ سوٚت سوٚت ہوا اوس پانس سیٹھا خوش یوٗنہٕ مُشکہٕ وارہٕ سیتھ ژٕہ وا طرف پھیران۔

کاش پھیوٗ لیہٕ وُنۍ واٹ نگینہٕ ہپتالہٕ کِس دروازس تل۔ دروازٕ اوس یلہٕ کے۔ اَتہٕ اُس پاتٕر کنِہ ہُنٛز ہیٖر۔ کھوژان کھوژان کھرٕ تہٕ ہیٖرٕ تہٕ ہیٖرٕ دٕچھنہٕ نیچہٕ نیچہٕ ڈبہٕ کرِتھ نیٖچھ دیوٲر مکانہٕ لٲن۔ تلہٕ تہٕ کمرٕ تہٕ پیٹھٕ تہٕ۔ ڈوٗن وول اوس براندس پیٹھ لژھل ہیتھ کوٚرِ ٹینس ہُنٛز سوٚنبران۔

اَمہِ پُرُژھس۔ دوٚپہے ہَجوٗ بَٹھُن پوٚرِیٛک بیمار اکھ چھُ ییٚتہِ ژےٚ

ماحبر کہتہ جھنس ہَز آسہِ۔"

شیخنَ کرِٕس ہیٚر پیٚٹھٕ بوٚن تام نظرَ تہٕ اتھو سیتی ہوونس اشارٕ

اُکس کمرٕس کُن۔

ییٚلہِ اَمہِ اکھ کمرس کُن قدم تُل۔ شیخنَ ووٚننس۔

ہَتہٕ بی۔ وُنہِ دِنےٚ نہٕ اور اَژنہٕ۔ وُنی کہینس چھےٚ اور ڈاکدر صاحب

روٚندس ییٚنہٕ وول۔"

نگیٚتس نوٚر نہٕ فکرِ ز روٚندس ییٚنکُ مطلب کیاہ گو۔ تمہِ ہتھ اوٚ پھُٹھ

براندس سیتی اُکس ہتھمس نٕش تہٕ یانہٕ ریٚین کُنہِ ٹِکھ اکھ کمرس کُن۔

دروازس تَل وا اتھ رُکے یس قدم۔ کمرہٕ ہنٛزِ اُس عجیب مُشک یوان۔ اَمس

ہشیوٗتُ من کرِدہ ہیوٚ سپُدن۔ دژہ کھہش چھیرِنیٛ۔ دروازٕ پیٚٹھےٚ ڈیٛژن

نظرٕ۔ اَندرٕ اُسی شٕتسترٕوِن چارپاین پیٚٹھ بیمار وہ زچہ ژادرٕ ہِہتہٕ پیٚٹھ

اُڈی اُسی شوٗنگی ہتھے۔ اَڈٕ ین اوس کھرٕون کھرٕون گرٛزھان۔ دروازٕ

اَژٕ وُنے یوس سہٕ چارپاے اُس۔ تتہِ پیٚٹھ اوس بیمار اکھ اُچھہِ وٕہراوتھ

تالوس کُن وُدسے گنڈتھ۔ اُمی سٕنزٕن اچھن ہنٛزٕ ژھانپھ باسے یس

مٲلۍ ہشِنز ہِش ژھانٛپھ۔ یہ گیٚیس بڑونٛہہ کُن۔ کٔمرس منٛز اُس کوٗنس کُن
نٔرس اَکس بیمارس نِیِھن وُچھان۔ تمہٕ دِتس تتی بیٚہِتھ آلو۔

" ہتہٕ بی تٔژ کوٗتہ ژ اَیکھ یور۔"

اَمہ ووٚنس۔" مےٚ چھُہ موٗل یِیتہٕ "

اَمہ شُنٛد یوٗتے یوت وَنُن ژِ وار یاہو مٔریضو تُل شانٛدرِ پیٚھٹہ کٔلہٕ
تھوٚد۔ بڑونٛہہ کَنہٕ یُس مریضن تالوس کُن مُدٔرے گُنڈِتھ اوس۔ تٔس
گٔیہ حرکتھ۔ وۅہ زِج ژادرِ دٔکہٕ دِتھ کٔڈی تمو اَتھ تہٕ یِمے تُلِن تھوٚد۔
نِگیتہٕ کھُرش پتھ بڑونٛہہ وُچھنہٕ ورٲیی چارپایہ پیٚٹھ تہٕ نحیف یان
دِتن اَمہ سٕندِس وُچھس پیٚٹھ بَرتھ۔ نہ چھوٚر دین محمدس کیٚنٛہہ نہ کٔرنگیٚنن
کانٛہہ کتھ۔ نِگیتس ووٚتھ اوٚش دار۔ یُتھ زِ تسَ تام بُشپےیس۔ نٔرس
آیہ دوان تہٕ تمہٕ تیٚج نِگیٚنہ تھوٚد۔ دوٚپنس۔

" یےٚ نوزُک بیرام چھُ۔ یی چھا شایان۔" دین محمدس آیہ زیٚیٹھ
ژاسہ لہر۔ نِگیٚنس وُشنے یہ کتہٕ فیٚرش تام۔ زَن ژوٚر ہانٛز رٔنکھ۔ نرٕ سہ
دوٚپنس " وُچھتہٕ ہنگتہٕ منگہٕ آیس بٔیمہٕ ژاس۔"

دین محمدس گٔیہ ژاس کران نِیل ہِش۔ بجتی لبہٕ ووٚز سٕلیٚکس

اُچھن گوس کھوٗژ۔ مگر آس چارئہ تہٕ ناژن پھیوٗرُس نیجر۔ تمو ہوو
ژاس کرانہِ نرٕسہ کُن اِشارٕ زِ اُمِس میہ وَن کینٛہہ۔ میٚچھے دم ہیوٗشنبولُن
بیوٗلھ شرٕیِ ہِندی یا ٹھوٗ وَدنہِ۔ پیٚتہٕ کنٛو اَستان ڈیڈٕرِ تل ژھیٚنہٕ گومُت شرُ
لوٗکن ہِندِس غل غوشتس منٛز۔ وُنہ چھُ دوان تہٕ وَدان بہٕ کوٚت لوٗکُن۔
نگینس یُس نقشہٕ دِلس پیٹھ کھنُنہٕ اوس آمُت تتھ تہٕ ہسپتالہ
رکس ماحولس اُس زمین آسمان فرق۔ راتھ شامنس میٚچھے یہ ہسپتالہ
رکس دروازس تل واٗژ تہٕ اَتہِ کوٗرنس چوٗکیدارن جواب۔ اَتھ نقشس
لوٗگ گوٗ ڈنیک پھیش۔ اَز یُس رابطہٕ تہٕ ضبطہٕ ہسپتالس منٛز وُچھن تمہ
رکنہِ باسیوس مول زن قادَس منٛز۔ اُمِس اُس راے مول وُچھن ہشاش
بشاش۔ اَسان تہٕ گنٛدان۔ تتھ بدلہٕ وُچھنس زَسمہ ہیوٗ چھمُت۔ بُتھس
لیڈر پھیرِتھ۔ پیوٗن ووہ زٕ جارنہٕ گُنی۔ اُمی سِنٛز حالتھ وُچھتھ روٗزِس
دِلہٕ چہ کنٛہہ دِل ہیے منٛز۔ کوتاہ اوسُن سوٗنچھتھ تھووٗمُت۔ مالِس سیٚتھ
کمہٕ کمہٕ کنٛتھ کرٕ۔ کامنٛک کیاہ وَنس۔ پنٛن کیاہ باوس۔ مگر مالِس نِش
واٗتِتھ کوٗرُس نرٕسہ کوٗڈ نیٚتھی ٹھاک کنٛتھ کرنس۔

"رینٛہٕ سہ مگر ماژی کرتھ۔ اُمِس چھُ زیادٕ کنٛتھ کرنس منع۔" دین محمد

نہ اُس ہنٛز زیادٕ کینہہ کرٕنۍ سامرتھ۔ سہٕ رُود یتھہٕ مُدتس تہٕ تتھہٕ مُدتس کورِ گِنِے وُچھان۔ اُتھہ منز ژاو ڈاکٹر اندر۔ نگینس وُچھتھ گوٚو سُہ حٲران۔ یتھیا زِ یہ اوس نہٕ ملاقاتُک وَق۔

دین محمد ووٚ تھسُ گو گنٛڈتھ۔ "ڈاکدر صاب۔ یہ جنابو چھِے آمٕژ وُہیو کرُو ہیو ییٚتھہ ہۆے نِش۔ یہٕ چھس ناموٚل"

ڈاکٹر صٲبن کٔرِس اَسنہٕ ہنا۔ نگینس رٲو وٲنۍ۔ خبر کیٛاز ژایس نتھہ نتھہ۔ شاید قد آور انگریز ڈاکٹر وُچھتھ۔ ہیٚیر ییٚتھہ بوٚن تام زِہیَے کھۄنہٕ ہش نالی لاگِتھ۔ ییٚلہِ تمہٕ انگریزی لہجس منز اَسان اَسان نگینس پرُژھ۔

" دین محمدنی ڈاٹر " ڈاٹر کیاہ گیہ یہ فکر نارٕ نیچ کوشش کرنہٕ وَرٲیی کوٚر نگینن کلہٕ سیتۍ آنکار۔ تَس ژھبہ گۆیہ ژھینہٕ نیرتھ۔ ڈاکٹر دِتُس دِلاسہ۔

ہینو گابرکھ۔ چون فادر کرَون اُسو جلد ٹھیکہ۔ یہ سوزون اُسو جَلد گرٕ واپس۔ ویری سوٚن "

نگینن کوٚر تس ہیٚیہ کلہٕ سیتۍ منٛد چھ منٛد چھ یقرار۔ ڈاکٹرن ژۆو

اُسُن تہٕ لوٗگ دین محمدس نِیِھن وُچھنہٕ ۔ یَتہٕ وُچھُن حاضری بورڈتھ پیٹھ وُچھُن اُمۍسُنٛد اَڑٕیُک حرارتھ ۔ یانَس باسیوس زِ اُمِس گژھ حرارتھ زیادٕے یہِن آسُن ۔

نرسہِ تھوٚو ڈاکٹر صاب نِس وَننَس پیٹھ دین محمدس زیوٚتَل تھرمامیٹر ییتِس کالس گیہِ بیمار ساری ہشار ۔ اَڈٕی بیٹھ ڈادرشیر نہٕ ۔ اَڈٕ بو تھاوی تھعہ کہِ بانہٕ چار پایہ تَل ۔ یِم اَڈٕ تام مُنٛزٕ مُنٛزٕ دٲرے وارے امسی کران ٹیمو کرٕ ہنٛگہٕ تہٕ منٛگہٕ ژھوہ بہٕ ۔

دین محمدس اوس اَتھی برٛنٛزس منز اَکھ ڈگری حرارتھ زیادٕ گومت ڈاکٹرن ووٚن انگریزی پاٹھۍ نرسہِ کیٛاہ تامتھ ۔ تہٕ یَتہ لوٗگ بیٚیِن مریضَن ہُنٛد ملاحظہٕ کرنہٕ ۔ ییٚتِس کالس رُوٗز نگیہٕ اُمۍ ہیے کُن وُچھان ۔ بیمارَن دِلاسہٕ مدارٕ کرنُک یہ انداز اوس نہٕ اَمہِ زانٛہہ وُچھمُت ۔ گوڈٕنیتھ اوسُس نہٕ ڈاکٹر تہٕ زانٛہہ نظر گومُت ۔ بنٛڈٕ پورٕ یُک حکیم صاب اوسُن اَکِہ دوٚہہ ہے وُچھمُت ۔ زٕ ریوٗمُت بُڈٕ ۔ وہ گھُل تہٕ کاچہ وَٹھ برونٛہہ کنہٕ تھاوِ تھ کیٛاہ تامتھ ژیٹان ۔ کُچھ سہ تہٕ کھجایہ ۔

نیرنہٕ وِزِ آو ڈاکٹر بیٚیہِ نگیہنَس نِش تہٕ ووٚننَس ۔ چون گژھ

واپس گرٕ گژھن۔ چون گژھ نہٕ ییتہٕ روزُن۔ انڈرسٹینڈ۔ ویل"

نگینہٕ بیچھس ہانکلہٕ سٕنٛدی پاٹھۍ وُچھنہٕ۔

اَتھ پیچھ ووٚننس نرسہٕ۔ دَپان چھے ڈاکٹر صاب۔ فِکرِ توٚریہٕ چون

گژھِ گام گژھن واپس۔

نگینن وُچھ ماٹِلس کُن تہٕ دین محمد ووٚنُتھ ڈاکٹر صابس۔

"جناب تی کرِ۔ اَدٕ کیاہ کرِ ییتھ سَریہٕ منٛز۔ نہ بوے کانٛہہ نہ بنٛد کانٛہہ

اَدٕ روزِیا اَستانس منٛز۔۔ یہ بوزِتھ دژاو ڈاکٹر بَرٕ نیبر۔

دین محمدُن کتھہ گئیہ نگینِنس دِلس ترٛیتھ۔ تَس گوٚ ہیرِ گوہ گل

بنٛد۔ تَس باسیوو بَبَس چھےٚ ماے شٹھے منٛز۔ یہٕ وُچھنس تہٕ نہٕ تہٕ دَپان

چھُکھ گام گژھن واپس۔ یہٕ کیاہ ییتی روزانتہٕ۔ رۄزِس زن دوہ ہس

دوہن دوہ ہین۔ یوٚتامت مُلاقاتک وَق ووت۔ مُلاقاتک وق ختم تہٕ گوٚ۔

نگینہٕ بیچھ ہانٛلی ہیے نش۔ بٔیین مریضن تہٕ آو کانٛہہ کانٛہہ سمکھن تہٕ ولن

مگر اَڈٕ ہِن آو نہٕ کہنہ۔ رٕتھ روٗدی دروازَس گُنہِ نُدرے گنٛڈِتھ وُچھنہٕ۔

ہسپتالس منٛز لیج ووہہ دژہ سہہ۔ کمپونڈر آیہ دوا بوتلہ ہنہٕ تہٕ نُو تھاونہٕ۔

دایہ آیہ اَڈٕ ہِن یکو بَدٕ لاو نہٕ اَڈٕ ہِن وَتھرٕ رن۔ نرسہٕ آیہ تہٕ لجہ پرٛتھ اَکس

ہدایتہٕ دِنہٕ۔ دین محمدَس ووت دوٚد۔ اوٚڑ چاوٕ ناوٕ تمہٕ نگینہٕ زورٕ جبرٕ قسم دِتھ۔ تہٕ پَتہٕ ووٚننس لاچار سپدِتھ۔

اَدٕ باگرٛاھ۔ پَتہٕ بنی نہٕ ناو۔ یِتھے کنہٕ نیرِ ونہٕ واپس داتان واتانٕی سوٗز زِکم شیٚچھ کٲشِہ اَیِتھ۔ گتہٕ بَہڑ اوس کھٔسَن وول تس اَیِتھ نتہٕ بٔنیہ یہِ ناشہر کانہہ۔ باند باند چھٕے نتہٕ روزی مٔے کَل۔

نگینہٕ دژایہ بٔنیہ اوٚش ووہ بھران نبر سرٕ کیہ بیٚمِھڑ تہٕ لیٚچھ ڈٲنی دِتہٕ زِ یِیمہٕ شُشد یہٕ بھَتہٕ تُوٗرٕ نتہٕ رِگلاسہ چھُہٕ سُہ ما گرٛاھ ہیم نظرٕ پانس سیتہٕ کوٗرٕن واریاہ سوچ اَز راتس تہٕ روزا کینہٕ گرٛاھ واپس۔ قدم دژاس نہٕ۔ دِلَس دوٚپُس یِیٚتہٕ یوٗت گوٚ نتہٕ بٔنیہ اَکھ راتھ۔ فرق کیاہ پٔنیہ۔ داتمُک بھَتہٕ چھُہ ٹُوٗرِس منز واریاہ۔ تتھ بیٚمِھڑ تہٕ چلہٕ گنڈارٕ بٔنیہ یوٚتانی نہٕ یہٕ ووہ لہ لور کٲشِہ پُشراوٕ۔ گرٛاھ کوٚت۔

یِی سوچ کرِتھ آیہ نگینہٕ بٔنیہ اَستانس کُن۔ اَتہٕ نس وُچھن سرٕ کیہ

بیٚہتھ راتک نفر اِستاد۔ تیمۍ تہٕ پرٕزناو۔ مٔنز وَتہٕ بیٚہتھ بیٚہتھ نگینہٕ چھُنٛچ گٔنڈ مُژراوِتھ تہٕ بھتہٕ ٹۄٚر کڈِتھ۔ یہ آس برٛونٛہہ کُن تہٕ وۄنُنس۔

ژٕ کٔرتہٕ باوُشکھ صُبحہٕ بیٚہتھ۔

نگینن وۄنُنس۔ بہٕ ہیچھ اَسۍ ہسپتال گٔژھِتھ مٲرِس نِش۔ سُہ چھُنہٕ اَتہٕ علاجس بیٚہتھ۔ اَندرٕ کنہِ کوٗرُن سوٗنچ زِ اَمِس ما آسہِ یہِ خیال گومُت زِ کوٚمتاََمت مُسافر ہاے گٔییم بھتہٕ ٹۄٚر تہٕ گلا سۍ ہیتھ۔ اَمۍ وۄنُنس اورٕ ے۔

یِنہٕ باوٕ تہِ خیال گٔژھِہٕ بہٕ ما اوسُس بھتہٕ ٹۄٚرس آمُت۔ اَمہِ گرٕ ژھ ہیے کوٗت۔ یہ کوٗرتھ تہٕ جان۔ یا نٕس سیٚتہٕ یکہٕ نود مٔژن۔ بہٕ آسہ صُبحہٕ بیٚہتھ دوہ یہ لَگِتھ چاے ہیتھ۔ خانہٕ دارِنہِ کوٗرُس مجبوٗر۔ مےٚ وۄنُس چھُن۔ سوہ سے گٔژھِتھ آسِہ کٲنٛسہِ رِتس مۍ ہنٛزِ سِنز کۄر نگینن سوٗنچ اَندرٕ کنہِ خودا چھُنہٕ کٲنٛسہِ بَنٛد کرُن ووٗل۔ یوٗژ چھکھ وۄنُمت سُہ چھُ کنہٕ تَل کٔرِس کٲنٛسہِ تہٕ رِزق وانہٕ ناوُن ووٗل۔ یوٗ ہیے وُچھتہٕ بہٕ زانُن نہ زانہِم۔ تہٕ کرِتھ تہٕ کتھ گوٚس بیشانہٕ ذرٕ ذرٕ "۔

یہٕ وۄنُھکھ۔ یکھ باوہ نۍ میون گرٕ۔ اَکھتُے پموے اَمہٕ تہٕ شامنٕس

مُلاقاتہٕ وِزِ مأرِس نِش "

" شام وَقتَن بنیا بیّیہ مُلاقاتھ " نگینَن پُرٛژھس بشاشتہٕ

سان۔ " کیٛازِ ہٕ " یہ وُنِتھ پوٗک سُہ کوچَس کُن۔ اُمی شِہرٕ تلہٕ ژراوتہٕ اُمی

ہِشہرٕ کنھ باتھ وُچھتھ بڈٕے یِہٕ نگینَس اُمِس پیٛٹھ پَرٛژھ۔ اَستانَس منٛز

وایِس گرٛ ژھینہٕ بدلہٕ بیٚیہ یِہٕ اُمِس پَتہٕ پَتہٕ کوچو کوچو منٛز۔ تہٕ گوہ ڈرٛیچہ لَبہٕ

ژون اُمہ شہر باشَن ہٕنٛدِس مکانَس منٛز کھوٗر۔

ہیٚر کھَسان کھَسان نے لوگ نگینَن اندازٕ زِ یہ گرٛژھ دُنی یادار گرٕ

آسُن۔ مکانَس اوس اَنٛدرِ تہٕ نیٛبرِ کُچھ کرِتھ۔ ہیٚرٕ آسہ لوٗتھ تہٕ

ڈوٗرِتھ۔ یِتھ کمرَس منٛز نگینہٕ بیٛٹھ۔ تَتھ اُسی قالینہٕ وہراوِتھ۔ تہٕ لبَن

سیٛتہٕ اُسی تکیہ ڈوٗکھِس۔ اَتٕہ وُنے بیٛٹھ یہ دَروازس نش ہیٛوٗر پہَن۔

یہ مرد ووٗتھس۔ اَنتیتھ ماسہ بیہہ۔ ہُتیتھ بیہہ نگینس سیتہٕ۔

یہ وُنِتھ تُلُن اُمی شُند بوہ کھچہ تہٕ ژونُن یانَس سیٛتہٕ اَنٛدر۔ نگینَن اوس نہٕ

گنہٕ بڈٕ نِس کرَس منٛز نہٕ یِتھ فرشہ فروش وُچھمُت مُشکہٕ تجُن ہِشہٕ خوشبوٗ

اُس وُنہٕ کمرَس منٛز موجوٗد۔ اوٗتاملتھ اوس ہیٛنا لگ دوا مُشک اُمِس

یلوٗن باسان۔ مگر اَتھ کمرَس منٛز رٕژھ کھنٛچہ بیہتھ باسے یہ اُمِس دماغَس

ترٲوِتھ۔ بوٚ چھہ کھٕلےیس، تہٕ اٚندرِ کینہہ یٕس وسواس اوسُس۔ سُہ گوس

اُمہِ سٕنٛز خانہٕ دارِن وُچھتھ دوٚر۔

نہ اٚس یہِ خانہٕ دارِن تہٕ نہ اوس یہِ اُمہِ سٕندِ مٲرِد۔ یہِ اوس دِژال اُمِس

اوس ناو صِدیق جُو۔ وَنان اٚمِس سعد دہِ بنٛجاگی۔ اُمہِ سٕنٛد علاقہٕ اوس یِتھ

کٕنہِ فتح کدٕلہٕ۔ تَتہٕ اوس اُمہِ سٕنٛد اَڈٕ۔ ٲنٛزی اوس یہِ رِتَس مَنٛز اَکھ دوہ یہٕ

لٕنہٕ طوطَس نِش یور یِوان۔ سُتہٕ مَطلبہ کینہہ۔ طوطہٕ اٚس اَکہٕ وَقتہٕ حافِظ

نغمَس مَنٛز طاق۔ اُمہِ سٕنٛد گیوُن تہٕ نَژُن اوس موشوٗر۔ یہِ اٚس بٕجَن بٕجَن

مٔجلِسَن مَنٛز راتَس گیوان۔ اُمہِ سٕنٛد یہِ پیشہ اوس وارٕ وارٕ ٹھِکرٕ سیتو سیتو

ژھعہ کیوٚمُت۔ اَتھ اٚسی نہٕ خریدار روٗدی میتی۔ کینٛژھا اوس اَکھ وجہ یہِ تہٕ

زِ سٕنِما ٹاکی اٚس شہرَس مَنٛز شوٗروٗ گمُژ۔ ڈرٲما تھیٹر تہٕ اٚسی گٕنہِ گٕنہِ شہرَس

مَنٛز یِوان تہٕ پاگھٕ تھر گٔنڈان۔ طوطَن اوس نَژُن ترٛووُمُت مگر گیوُن اوسُس

وُنہٕ تہٕ یِوان۔ صوٗفیانہٕ کلام گوٗژھہ اُمہِ سٕنٛدِ زیوٗ بوزُن۔ للہٕ دیدٕ تہٕ نُندٕ ریٚشُن

واکھ، اَزِ ہِنہٕ مالہِ ہیٚشدی وَژُن۔ حبہٕ خوتوٗنہٕ ہیٚشدی بٲتھ تہٕ واریاہ کاشُر غزل اُسہِ اُمِس زیٚو پیٚٹھ بیہِتھ۔ اَمہِ علاوٕ اُس یہِ پانہٕ ستار تہٕ وایان۔ ییٚلہِ کُنہٕ دوہہٕ صدیق جُوٗ نِس اَڈس پیٹھ مجلِس لگہٕ ہے۔ طوطس اوس نادوا تان۔ صدیق جُوٗ اوس اکھ زٕ دوہ بڑو نیٚٹھ اُمِس زارٕ پارٕ کرس پوان اُمِ شِنْدِ خاطرٕ اوس بلبدُرُن ٹُم ٹُم واتان۔

اَمہِ وقتہٕ تہٕ اُسہِ یِم فتح کدل کُن سَکھرے ہیتو۔ انتظار اوسکھ ٹُم ٹُم کرُواتہٕ۔ اکھتھ منز ییٚلہِ صدیق جُوٗس ستہِ نگینہ آیہ۔ طوطس پھیوٗ زٕ بُتھس رنگ۔ یرٕ ژھ یاسمن ٹھرٕ ہش زنانہٕ وُچھتھ کھیٚیہِ طوطن ووہ پھٹ۔ صدیق جُوٗن وَنے پوس زٕ یتھ ہیٚوٕ ووہ ہتہ وُن یاوُن آسہِ نہٕ نظر گومت مگر طوطس اوس نہٕ بیوٕ ٹھُمت۔ نگینس گو طوطس کُن وُچھتھ کلہٕ لون کُن تِس ہیوٕ اُمِ شُند روب۔ طوطہٕ اُس وَہرٕ شیتھ زنانہٕ۔ نارٕ ٹوک ہیوٕ بُتھ۔ اَکس نکہٕ وائرِس نستہٕ واجِ۔ زاوُج ہٕنہٕ داوہش۔ قصابس سوءنہٕ پشرٕ پھٹی پُشہٕ ر وُلھن دَنداس کوٗرمُت۔ تہٕ سوءرمہٕ لاگِتھ۔ نگینس ٹھرے یہِ نہٕ اُمس کُن نظرٕ۔ مگر نگینہ وُچھتھ زَن وُچھ طوطن عینہٕ ہُند ہلال۔ تَرَٕژھے فراغتھ گیس نالہِ مَتہ رٹن۔ شکایژ کرٕنس۔ دوٚپنس۔ ناتہٕ زٕ کیازٕ دوٚزکھ رٲتس اَنانس

پیٹھ۔ یور کونہٕ آیکھ۔ نگینس آو اَسُن۔ دوٚپُن۔

"یہ کرٕتھ سنا۔ دپھتس بہٕ کیاژی زانہٕ ہمت تِہٕ زیور یمہٕ ہا؟"

ییٚلہٕ اَمہٕ نالہٕ مَتہٕ رٹ۔ نگینس آیہٕ مُشکہٕ دارٕ۔ تس گیہٕ ساری سے بدنس عجیب حرارتھ۔ دُبرہٕ ہارٕے گئیس تیز۔ لُطُف ہیوٚ آس۔ سوچنہٕ کوٚرُن ظاہرا آسہٕ ماجہ کورِن نالہٕ مَتہٕ سیتھ یوٚہے مزٕ یوان۔

طوطہٕ وُژہس۔ اچھا یکھ اَندر۔ بہٕ دِمے نہٕ ییٚتہٕ نس کُنی زَنی روزنہٕ مےٚ چھہٕ گرژھُن فتح کدل سالس۔ ژٕ یٚے چھے مےٚ سیتھ توٚر یِیُن۔

بیٚیس کمرس منٛز اوس سماوارس منٛز قہوٕ گرٕ کان۔ قہوٕ چٕوان چٕوان پرژھس طوطن بیٚیہ۔

یکھا مےٚ سیتھ۔ وَنوُ یٚ اَسہٕ ہا یمو جلدٕے واپس توٚ تام واتہٕ ہا پیتا لس منٛز ملاقاتک وَق۔ نگینس توٚگ نہٕ انکار کرُن۔ تمہٕ تھوٚو کلہٕ لجن کُن۔ رٕژھ کھنڈ گیہٕ تہٕ سرٕکہٕ پیٹھ ووت بلبدرُن ٹھُم ٹھُم۔ نگینن اَسۍ نہٕ اَکس ٹانگس زٕ گری لمنس وٕچھمت۔ دارٕ کِنہٕ پنجرٕ منٛزی نظر دِتھ وُژہس طوطہٕ۔ اَدٕ باتہٕ ووہتھ ووہنی۔ لاگ یم پلو۔ خبر تتہٕ کُش کُش آسہٕ۔

نگینن دوٚپُس۔ بہٕ چھس یمنے پلوَن منٛز جان۔ طوطن بوٚزٕ ہس نہٕ

اَکھ کتھ۔ تَس اُسو رنگا رنگ پلَو تہٕ پوشاک صوٗندوقن منز تاہ در تاہ۔ ییپتھ سوٗٹ اُسو نہٕ نگینن کاںٛسہ وُچھمتو بیٚیہ رنگا بہ رنگو۔ سبزٕ مخملک شلوار پھیرن آو طوطس زیادے پسند۔ یہ کوٚڈ اَمہ صوٗندوقہٕ منزٕ تہٕ دِتُن نگینس بڑوشہہ کُن بَرِتھ۔

وۄنۍ لاگو پلَو یہ ہا چھُے میٚے وُہن وَرِ ی ین ہُندسوٗٹ۔ رِچھ کرِتھ تھوٚومُت۔ نگینس آیہ نہٕ اُمس نِش پلَو بدلاوُنس اَتھہ وَتھے۔ کمرس منز اوس نہٕ بیٚیہ کانْہہ تہٕ کرِتھ تہٕ باسے یہ نگینس یہ خجل خاری۔ طوطہٕ دراَیہ کمرٕ تانٛی۔ بہانہٕ نیبر تہٕ نگینن دوٚپ پانس سیتو۔ وُچھتہٕ یہ کاںٛژاہ مروت چھے کران۔

پتھر رُہا بیٹھے کَڈیٚ اَمہ پلَو۔ اَکہ اَکہ تہٕ نوٚو پھیرن تہٕ شلوار لوٚگن ییٚ تیس کالس آیہ طوطہٕ کمرس منز واپس۔ طوطس روٗد نہٕ پانس تام تمہ دوٚپس۔ تلا تھوٚو دوہ تھ۔ واتھ ہیوٚ کرٕ ٹیلون۔ نگینہ وُڈنھ گرا پانس کُن وُچھان نہٕ گرا طوطس کُن وُچھتہ منز چھان منز چھان تھوٚو د۔ طوطن کوٚر دس تمہ شوقہٕ نالہ موٚت زَن تہٕ مہربینہ کوٚر اُمیس سیتہ راٗژ خاطرٕ یاراَو ہرش۔

نگینن نیٖتھے طوطُن برقہٕ لوٚگ۔ تس باسیو پان زَن رزن منٛز بند۔

تمہ اوس اکہ پھرِ بُرقہٕ لوگمُت، سُتہِ گنہٕ بٹنہٕ۔ گنہٕ بٹھنہٕ نوہش اُس بُرقہٕ لاگان۔ گامس منز اُس یہ دُنی یاد آری ہشر نشانی۔ یُس گرس ہاکس ہتس صوٗرت جان آسہ ہے۔ تتھہ گرس منز آسہ زنانہٕ تیبر نیبر نہٕ وِزِ بُرقہٕ دِوان۔ شہرس منز تہِ آسہ مُنزی مہ طبقہ چہ زنانہٕ بُرقہٕ دِوان۔ نگینس آو نہٕ اَتھ منز وار۔ مگر طوطن زون یی مُناسب۔ نگینس اوس مخمل کِس الٹہٕ لوِ شاکس منز ینن پان ووہ پرٛہیوٗ باسان۔

صدیق جوٗ کھوٚت ٹم ٹمس برٛونہہ کنہٕ۔ طوطہٕ تہٕ نگینہٕ کھٔژ پتہ کنہٕ۔ وَتہِ پکان پکان ہووس بُرقہٕ منزی یہ گوٚ پولوٗ ماٚدان۔ ہُتہِ چھ گاف رِگشدان۔ یہ گوٚ اَمرا کدل۔ ہُہ گوٚ ہُتہ نس مہراج صابُن دربار۔ نواب بازرِ رِکنہ ووت ٹم ٹم پننس مُنزِ لس ہیپھٹ۔ تہٕ رُکیو اکس ڈیڈہٕ تل۔ یہ ڈیڈی اُس سڑکہ پیٹھ۔ سڑک اُس نہٕ زیادہٕ کھُلہٕ۔ سڑکہ دچھنہ تہٕ کھووِرِ اُسو ڈیہ دار مکانہٕ ییٚمن زِ پور ترٛےیور۔ مگر ییٚتھ لرِ منز نگینہٕ ژایہ سو اُس بڈٕ بنڈ لر۔ ڈیڈِ اندرکنہ اوس بیثا کھ دروازٕ۔ دروازٕ اندر اَژتھ اُس کھووِرہ رِکنہ ہیر۔ آمہ برٛونہہ پیٚتن اوس کوچہ لرِ تلی رِکنہ کوٗ ڈمُت۔ رتس تتہ اوس بثاکھ دروازٕ۔ دروازٕ مُژرا اوتھ اوس اُندر آنگن۔ آنگنس پیٹھ اُس

ژرٕکوٚجٕن ڈب۔ آنٛگنس منٛز اوس اَکھ اَندس نلکہٕ۔ نلکس پیٚٹھ اوس ڈبہ سیٖتی ہیٚر کنہٕ غسل خانہٕ۔ بیٚیس طرفس کُن اوس بیت الخلا۔ نلکس سیتی اُس ہیر ہیٚوٚر کھسنہٕ باپتھ۔ دَروازٕ اَڑٕ وُنے یِوسہٕ ہیر اُس تیاری اُسو پُژھو لُٹھو یِوان گژھان۔ گرِکو باڑٕ اُسو اَندرِمہ آنگنہٕ ہیر رِکنو ہیٚوٚر کھسان وسان۔ باسان اوس اَکھ مکانس سیٖتی چھُ بیٚیہ تہٕ اَکھ مکانہٕ گنڈنہٕ آمُت۔ سارِنے مکانَن اوس اَندرِمو رِکنو پلوَ۔

صدیق جُوٗن آو بوٗزِتھ گیہ آنٛگن ڈبہ رِکنو زنانہٕ نارِ الاُنٛز۔ اَکھ اُس اَڈوٚر پہَن۔ زٕ آسہٕ اُمی ہنٛزٕ نِصفہٕ وااُنٛسہ۔ یمَن اوس زَنٛتہٕ دُنی گاش پھوٚلمُت۔ نہٕ بُتھ چھوٚلمُت نہٕ مَس شوٗرمُت۔ معصومنیو کیٚڑ اَکھ دوٚہتھ دَوِہ دَوِہ ہیٚرِ بیٚٹھ بوٗن تہٕ تمی مُنٛزرو نلکس سیٖتی ہیٚوٚر کھسنکہٕ دروازٕ۔ نگینن اوس نقاب تھوٚد تُلِتھ پَتہٕ کُن شانن پیٚٹھ تُرومُت طوطن اوس برُقہٕ ڈیڈٕ اَڑان اَڑ اپنے نیبر کوڈمُت تہٕ کرٕ خسن منٛز تھوٚومُت تمہِ پلہٕ نوو یہ برُقہٕ معصومنیوس کُن تہٕ کھُرٕ نگینس پَتہٕ پَتہٕ ہیرِ ہیٚوٚر واتِتھ کوٚر تُرشوے زنانو طوطس سیٖتی پژر پاٹھ۔ تہٕ پَتہٕ لجہ اَکھ اَکس کُن وُچھنہٕ تہٕ طوطس اشارٕ کرنہٕ یہ کوسہٕ۔ جوانی منٛز یوسہٕ کشش خمارٕ تہٕ مستی

اُرکس اَنہرُشہ لَڑکی آسخ گرٛزھ سعہ اُس ہٕز نگینَس. تیوٗتےٚ یوت ہٕ اُمۍ شِدِس بُتھِس کُن وُچھتھ اوس بَدلے وجہ ہیوٗ یوان تہٕ شَشہجار ہیوٗ باسان بطوٗ ژایہِ اَندر یِیتھ کُنہ لوٗکھ یمَو ژرشوٕے زَنہو گُنےٚ اَنداز زِصدیق جُوٗن چھُ کتہٕ تامتھ نوٗ جل پھاسِہ نوٗ مُت. مگر یہِ کَتھ وُڈھَن ییچھ اَنہٕ نسَ کُس بُہرے. اَما پوٗز نگینَن وُیھتےٚ یمَن ژرشوٗنی لعہ تہٕ لعہ تہٕ سلام کرٛ، یمَو ہیوٗ اَکھ اُرکس نرِ بَتھ کُن ھقاوِھ ژُمٹ. بٹیہِ کوٗشنک اَکھ اُرکس اَھتَن.

وُیھتےٚ آفتابہٕ لوشُن ہشیوٗتُن. گرِس منز لج دَوٕ دَو. سارِ تہٕ شادِ وَرٛھ نیٚشدِر کرُتھ تہٕ ژایہِ غسل خانَس منز. نگینہٕ کھُرٗش دارِ ییچھ تہٕ اَتہٕ بیچھ دَرِ یادِس منز کھَسِہ وِنِین تہٕ وَسِہ وِنِین ناوَن ہُشد تماشہ وُچھنہِ. تسَ اُمس کَل ہارِس گَن. دعہِ ہَس منز ووٗنَن پھیرِ پھیرِ طوطَس "پکھ سہ نیرِو وعہٕنی واپَس" تمہِ دِتُس پرٛتھ ساتہٕ کنہٕ ڈول تہٕ ووٗننَس ژٔسے کیاہ اوے ناوارِ ییتہٕ میانی دَرِے پچھے پوٗز وُنی زِ" اَکھ اوس نہٕ اُمس نِش کانہہ جواب. یِنہٕ آمہٕ زٕ اَنہ

کھیوٚمُت اوس تہٕ کھیوٚن۔ یُس بێینہٕ توٚن آمہٕ ز اتھہٕ وٕچھمُت اوس تہٕ شہ
وٕچھٕن۔ سارٕے تہٕ شادٕے دوہ شوٗرے روزٕس برونٛہہ کَنہٕ توٚ تامَت وومہ دِرٕنی
یوٚ تامَت آمہٕ بَتٕہ کھیوتہٕ اَتھہٕ پَتھٕر وو۔ کھینہٕ وِزِ کھیوٚن اَگنَس دوگن
پیٹھٕ دزایہ چوکہٕ منٛز ژٕریٚش چێنہٕ نیرَ۔ تَتہٕ تہٕ کھیاوٕ ناوٕ طوطَن اکھ زٕ
میٚنٛڈٕو بینہٕ اَتھہٕ۔ کھیتھ چیتھ بێیلہ سارٕوے ڈاپھ ژوو۔ اُمس آو
کَلَس تَل شانٛد تھاونہٕ۔ تہٕ ڈوٚ کھس تکو یہ دِرٕنہٕ۔ پیٹھ ژووٕہَس نوٚو
دُسہٕ وُرُن۔ ڈاپھ دِتھ پُرٛژھس گاٹہٕ جارٕ شادَن۔ ژٕ کیتہٕ آمُت۔ ژٕ کمہٕ
کارٕچ۔ یہ دِیتنَس نہٕ باس تہٕ زٕ ژٕ کوٚت چھکھ واتُمت۔ تہٕ ووہ نی یێتہٕ چون
پوٚت پھیرُن چھُ محال۔

گوڈٕ گوڈٕ اوس یمَن تہٕ یتھ گرَس منٛز یُتھُے پلالہٕ سُنٛد مُت، یُتھُے
کُنہٕ اوسکھ یمَن تہٕ تھوکَن اَتھہٕ دوٚرمُت۔ مگر یمَن تہٕ تمیٚنَس اُس اکھ فرَق
یمن اوس پَتا۔ اُسہ کوٚت لچہٕ۔ تمیٚنَس اوس نہٕ وُنہٕ تہٕ اَمیٚک افشا گومُت زٕ
یُس بہٕ گرٕ چھَسَن زانان۔ باگہٕ وان تہٕ باگہٕ بوٚرُت گرٕ۔ یہ چھُ اکھ دُکان۔
کاروبارٕک اکھ اَڈٕ۔ تہٕ یتھ اَڈَس پیٹھ چھُ تمہٕ موٗلِس دُر دانَس
سودا کرُن ہوان، ییٚمیُک نہٕ کانٛہہ قیمَتھ ہیٚکہ دِتھ۔ شوقہٕ کُنہٕ اوس نہٕ

یور کانٛہہ لوٗگمٕت۔ سارٕے تہٕ شادٕہ تہٕ اُس یور حاژِر ثاتَو لاچہ مرٛژ۔ تہٕ دوہہ ٚ
اوس یمَن دوہہ لوسہٕ وُن اَفتابہٕ کھَسان تہٕ دوہہ کھَسہٕ وُن لوسان۔ یہِنٛز
سَبَح دَھِچ اُس راتس تہٕ پرٛتھ رائژ اوس یہِنٛد رفیق الگ۔ ییٚمِس نہٕ یِم
زانہٕ ہیٚن تہٕ۔ یَس نہٕ یِمَو وُچھمٕت تہٕ اوس آسان۔ خریدارَن منٛز اُس نہٕ
اَکے ذاتھ۔ بَٹہٕ مُسلمان۔ چیکدار۔ باپاری۔ پُلیسہٕ اَفسر کسٹم وٲلی تہٕ دفتری
نام اُسی یور یوان گرٛژھان۔ اَکی سٕنٛد بٔیِیہِ سٕنٛد کھوتہٕ اوس بیٛتھ گرٛس
معیار ہتھوٚد۔ یور اُسی تِمے خریدار لگان یمَن چینٛد برٛتھ آسہن۔ یم ٹانکین
حساب کرٛ ہیٚن تمَن اوس ڈیڈتلے جواب گرٛنہٕ یوان تہٕ سٹرکہ پیٛٹھ یمہٕ
ڈٕبہ دار لرٕ آسہٕ توٗری کُن وَتھ ہاونہٕ یوان۔

خریدارَن سِیتی چکاوُکاوکرٕن اوس عٔلی یَس ذِمہٕ۔ سُہ اوَس
صدیق جُوٗن موٗہنیٛوٗ۔ تمَو اوس شادَس سِیتی اُمِس نیکاح تہٕ پوٗرمٕت
گرٛ بَساونہٕ خاطرٕ نہٕ۔ بلی عٔلی ییٚنہٕ دِل تسَلا خاطرٕ۔ عٔلی یہٕ اوس شادَس
پیٛٹھ فدا مگر شادٕ اُس نہٕ تسَس مانزان۔ سوہ اُس کمَن کمَن اوٚنگجہ ٹینڈٕ پیٛٹھ
پیٛٹھ نژٕ ناوان۔ عٔلی ییٚنز اُس نہٕ کہتھے۔ سُتہٕ اوس موٗہنیٛوٗ۔ سُہ اَے شادَس
بٕروٚنہٕ ٹھ کُن ییٚہٕ ہے ہیٚتھ ہراسہٕ کرٛہے۔ مگر خریدار وُچھتھ اوس اُمِس

بَدلے بُتھ گژھان۔ ذرالہٕ بُتھ۔ شہ اوس یوٗنے خریدارس جواب کران
بڑسہ خوداییس حوالہٕ۔ رشوپرٔ اکھ ہیتھ چھُم ذرا مُت عاشش کرنہٕ۔ گژھ
اَتھ کھیٚنہ کرٕ مُتھنڈ گنہٕ جایہ۔"

صدیق جوٗن اوس تُسے لگان ییٚس سعہٕ شُند کرٕ ژاپُن منگہٕ ہیے
تِکیازِ یور اوس طوطس یُن گژھن۔ سعہٕ اُس نہٕ دوہہٕ نی نژان تہٕ کرِتھ تہٕ
کرِتھ تہٕ اوس نہٕ تمی سِنٛدِس ہٕٹس وُنہٕ موعلہٕ وُن۔ یاہٕ بلہٕ دارٕ اگر ئلہٕ آیہن
تمی ہٕشنز آواز بوٗزِتھ اُسو ناوَن منٛز وَسیہٕ وِنی تہٕ کھسیہٕ وِنی لوٗکھ وَجدس
منٛز پوان۔ ئلو کیہ ناوِہٕ ہمٕ ٹرٕس دَیان "واہ واہ لم سہ دوستا۔"

یٖیتہٕ اُس شادٕ تہٕ سارٕ یہنٛد دیدار لوٗہے لچھ روپیہ۔ گنہٕ دوہہٕ اگر
کاتھہ ناوِ ہا ٹرمیمَن دارِ کنہٕ وُچھ ہیے۔ شہ اوس نظر سان یٖیٖن سوارِن
اورکُن اِشارٕ کرِتھ ہاوان۔ "اُتی حَصَن چھ آسان شادٕ تہٕ سارٕ۔ وُنی آیہ
دارِ کنہٕ۔ وُنی حَصَن وُنی۔ پِیٹھ کنہٕ دِژِکھ نظر اکھ تہٕ ژایہ اَندر۔ حسناہ
چھُنکھ خوداے دُیتمُت!"

یہٕ تار دِنہٕ والی لوٗکھ اُسی یمَن وُچھنے کرنے دوٗر تام کھتہٕ ہیتھ
واتان۔

" ہے اَز ہَسہٕ اوس کُستام جانٕسپے بُچھ وُچھمٕت۔ تار اوٚسُس
دِوان اَتہٕ ہیٚیم یارٕبلس ہیہِٹھ دارہ اٚکِس کُن نظر۔ یُتھی صوٗرت زنانا گِیِم
نظرِ۔ زنانہٕ چھیم وُچھمٕژ مگر سعہ نارٕ وُزٕ مکیہٕ ہٕ۔ بختاوار گژھ آسُن یُس
یُہُنٛد دیدار کرِ۔"

وقتٕکی بختاوار اٚسی اَتھ گرَس منٛز۔ لگان تہٕ شادُن تہٕ سارُن بُچھ
وُچھان۔ مگر اَز اوس یمن دوٚشوٕنی نگینس بڑونٛہہ کُنہٕ پنُن یان بےمطلب
باسان۔ نتہٕ اوسُکھ لوہ کچارُک کُستام اٚوٕژُل تہٕ زاٚوٕژُل خیال اٚمِس کُن
وُچھتھ بےتاب ہیوٚ کران۔

طوطہٕ آیہ اکِہ دوہ یِہ پھِرِ کرِس منٛز نگینس نِش۔ تمہٕ پرژھس ژٕ
ماگُیکھ دوہ ہیر جایہِ ہِش۔" دوہٕ نی روز کھ راتس ییٚتی۔ یکاہ صُبحنَس
گژھہ۔ تہٕ وارٕ کارٕ مالِہُنٛد بُچھ وُچھہٕ۔"

نگینَن دِتُس نہٕ اَتھ تہٕ کانٛہہ جواب۔ یوٚت یوٚت تانی اوٚنُن دِیِس
مے پیتھے کُنہٕ کانٛہہ وایَس واتہٕ نادِ ہے جان اوس۔"

یِی کران آس اٚنٛدری کُنہٕ بیاکھ سوریٚخ۔ دوٚپُن۔ دوہٕ نی تہٕ ووت یوٚت
وَق۔ یہ سرٕکرِہ ہیہِٹھ دربدر گژھہ۔ تے دوہٕ نی رٕہِ ہتھے چھس۔ سارہ تہٕ شادہ

آیہٕ غسل خانہٕ منٛز آب شیٛرِتھ۔ مَس ہرٛ راُوِتھ پیٛچھ اُمِس برٛونٛہہ کَنہ گنٛگوٗ کرنہٕ۔

سارٕ وُنٛہِس: "اَسہِ تہٕ ہاوِکھ نا یِمہٕ زاویہ جہ واُنکہٕ کِہنہٕ کُنہ پِھ یاُران۔"

نگینہٕ وُنٛہ دارِ پیٛٹھ بِہِتھ تہٕ تِمہ روٗٹ سارُن مَس اتھس منٛز۔ تہٕ لِجس مَستنٛج اَکھ اَکھ لُنٛڈ ہیُٛوٚن ہیُٛوٚن کرِتھ یارِنہٕ۔ گھنٹہٕ ڈوڈا لوٚک سارس مَس یاران۔ شادن پور پانہٕ مَس۔ سوہ رِہہٕ لوگُن۔ غازِ موٚلُن تہٕ نوٚو جامہٕ لوگُن نالی۔ سارٕ اُس وُنہ واُنکے یاران زِشادٕ دراے نیبر۔

طوطہٕ آیہٕ بیٚیہِ دَروازس پیٛٹھ۔ تِمہ ووٚن سارس کُن۔ "ژٕ چھکھا وُنہ پانے یاُران۔" تہٕ وُچھتھ تَس واُنکَن کُن نظر پیٚیہ۔ تَس زوٚل ٹھاٹھا کرِتھ اُسُن نیبرِتھ۔ یِمہ واُنکہٕ یاُرِتھ دراے سارس بدلے شکل۔ تہٕ شاہ خوش یوٚہنی شکل زِ طوطس گوخاش۔ اگر یہ مرد آسہ ہا تیوٚ تا پیٛر دِمہہ مَس یتھ نہ حد و حساب آسہ ہے۔ مَس یارنس منٛز نِبانیری نہ ژٕ ٹٚے جورٕ کاشہ۔"

سوہ وُنٛہ نگینس کُن۔ تو تہٕ تھوٚو وُچھتھ ہاوِتھ۔ ووٚنی تہٕ تراوِتھ نہ نہ بہٕ ییٚتہ۔ یکھی کیہ بیٛٹھ چھُکھ میون مَس یارُن چانی زِمہ۔

نگینَس کھوٚت روٗخسارٕنۍ تام وُشنیر۔ یِہنٍہ تاریف بوٗزِتھ ووٚتھٕن
بیٚیہٕ آس اُسُن تہٕ اٚندرۍ کینٛہہ ووٚنُن۔

"یہٕ آسہٕ یِگاہ وُنۍ کینہہ گام کُن ڈرامٕژ۔ ووٚنۍ رۆزنا میٚۓ اَمہ
وراٚے کانٛہہ کاٛم کانٛہہ۔"

اَمۍ سِنٛدِس جوابَس پزارنۍ ڈرایہٕ طوطہٕ والِس۔

ھوٚدو بِھچھہ بیٚیلہٕ سارَن یِنُن بُہتھ اٚنس منٛز۔ وُچھ تمۍ ژاٹھ اکھ
نَظر نگینَس بیٚیہٕ تہٕ بیشاکھ پانَس۔ زن تہٕ اوشس کلہٕ پھٹپس منٛز۔ بشِد گر
اَمہٕ سیٚتۍ یوٚسہٕ شکل ڈرایس۔ تتھ کُن وُچھتھ باسیوس اٚندرٕ کیتہٕ کیتہٕ ہیو۔
زن تہٕ آس لوٚکہٕ چارو ایلِس۔ گُنۍ ژھال دِتھ بیٚیہٕ بٔتھرَ تہٕ لٔزِن نگینہٕ بنہٕ
کوٚچھ منٛز۔ نگینَن کھیٚیہٕ ووٚتھٕ ہش۔ ہاے کیٛاہ گوم۔ ییٚنہٕ سٕہ اویہٕ اٚژ کانٛہہ"
سارَن دیٚت پانَس یَل۔ جوٚنٛہہ ہوٚل کٔرِتھ کوٚرُن "ہو ہوں" تہٕ یِی
کران کوٚرُن نگینَس اَتھَن میوٚتھ۔

نگینہٕ وُژھ اٚمس۔ یور چھا تہٕ مہ وُنۍ کینہہ کانٛہہ پوٚژھ رینہٕ ہول
سارَن ووٚنُس کنَس تَل۔" اکھا ہا۔ کیٛتیاہ۔" تہٕ وُژھ ھوٚد۔ ھوٚدو ژِتھ
ووٚنَس۔ ژٕ کینٛہہ چھکھ باتبران۔ ژٕ پزار۔

اَپارِ ہِس کمرس منز وُچھکھ ناتہٕ وُنی کُس ژھٕشنہٕ لگیہٕ۔ اَتھ کمرس منز باگ اُس دم دار۔ یہِ اُس بشد۔ اَتھ اوس پیٹھ پردہٕ ترٛاوِتھ باسان اوس یہِ گرٛژھ بیٛیس کمرس منز ترٛنس پلو آسُن۔

نگینَس دوٛپ یوٚہے چھُ موقہٕ۔ پرٛژھس نا۔ طوطہٕ کیٛاہ واتی یشادٕ کیٛاہ واتی۔ صدیق جُوکیٛاہ واتہٕ وٕ تعہ بہ۔ مگر جِگرٕ ہیوس نہٕ۔ اَندرٕ ہے کینٛہہ دوٚ بِین ہمُن آسَن مَردٕ کامہٕ بیٚہِتھ آہتو۔ توٚرے ژھ ہِرٕتھ تیارِی کران۔ زَن تہٕ چھُکھ اَزِ اَزِ لگن کوٗرمت۔ تہٕ وعہٕ نی چھُکھ گوہ ڈٕنیچہ لَتہٕ کھُٹس منز اژُن۔

یہِ راتھ اُس نگینس خاطرٕ عجیب راتھ۔ ییٚمیٚک نہٕ اَمِس کانٛہہ مانے کڈُن تووٚگ کیٛتِس کالَس رُوز یہِ سوچان زِ طوطہٕ کوٚسہٕ چھِے۔ صدیقہٕ جوٗ کُس چھُ تہٕ ٹُمَ ٹُم گُشند اوس۔ وُرُن وَتھرُن اوس کمرس منز الگ الگ وہراونہٕ آمُت مگر اَمِس ورٕ اَے شونٛگنہٕ اَتہٕ کانٛہہ اُمِس تہٕ آیہ نہٕ نِیٛندرٕ بیٛیس کمرس منزاوس اَڈٕ راتَن تام گیوٗن چلان۔ رَبابہٕ اَسہِ وَزان۔ سنطورٕ اَسہِ

اوس وَزان۔ تہٕ طوطِنز آواز اُس ژٕر نیو کنِہ نبرٕ نیران۔ یہ راحت اُس
نگینٕنہِ زندگی منٛز تمہٕ فکرِ تہٕ بے فکری ہنٛز اٰخری راحت۔ یوہے اُکس
اخلاص واجنہِ شریف تہٕ پاک باطِن انہٕ رٕشہِ کورٕ چھہِ آسان۔ اَپارٕ اُس
طوطہٕ باتس پیٹھ باتھ تُلان۔ تیٚمِسٕنزٕ آواز اُس زاٰوِج تہٕ زیٚچھ۔ نگینَن اُس نہٕ
زندگی منٛز زانْہہ یِژھ سَنہٕ وٕنی تہٕ سٕنٛز آواز بوٗزمٕژ۔ زَن تہٕ اوس تَس
بے خودی ہُنٛد دَوا کاٰنٛسہِ آپہٕ وومٕت۔ بیدار اُسِتھ تہٕ اوس تَس پنُن
وجوٗد خابہٕ کِس دُنیہِ ہَس منٛز باسان۔ زن تہٕ تمہٕ سٕنزَن فِکرَن وَسوَسَن
تہٕ اندیشن ہُنٛد دَوا اوس یوٚہے۔ تَس گَو ہیٚتا لگُ خیال مُشِتھ گاہ چھ
ژھتھ مَشِتھ۔ منٛز یٚیٚلہِ اپاری مِہ کرِ منٛزٕ آواز اُس گژھان۔ مَرحبا
مَرحبا۔ اَدٕ اُس نگینَس زیر ہیش لگان۔ تہٕ پَتہٕ اُس بیٚیہِ اَتھ سوزَس
سَنان۔

"دِیو شَہرٕ کین بڈِین گرَن منٛز یی آسہِ سَپدان" نگینَس اوس
باسان زن تہٕ شام وقت چھُ تہٕ سعہ چھٔے مدھٕ مَتی ہنٛدس بُتھِس پیٹھ ہارٕ نَرٕ
تاپہٕ کرایہِ منٛز آبَس منٛز کھورٕ بقاوِتھ یان شہلاوان تہٕ اَتھی منٛز چھُ
اسمانکُ نیجر بوٗن زمینَس پیٹھ وٕسِتھ سارِی سے مَتھِنہ آمٕت۔ تہٕ

دۄرِ چھہٕ چیتر نارکس جنگلس منٛز کُس گُتامت کھوون لٲر ژٕراوان۔ تہٕ سۄے آواز چھےٚ بالہٕ دامنہٕ دامنہٕ سوٚت سوٚت تہٕ لوٚت لوٚت گوٚنگ ہِش پٲدٕ کرِتھ بوٚن بُتھِس تام واتان۔ یِہٕ شراہ مدہوشی چھےٚ اَتھ آوازِ منٛز۔ جوشس منٛز ییتھ چھنا آوازِ منٛز ییہِ اَکھ ٹھَر ٹھَر ہِش پٲدٕ سَپدان تہٕ سوے چھےٚ خوش کران۔ ییٚلہِ اَپارِ میہ کنٛھٹھ بیٚیہ گرٛز ہِش وُزھ۔ نگینس ژٲج وَزِھ وٲنِجہ کرٛکھ ہِش نیرِتھ۔ زَن تہٕ آبہٕ نوٚٹ اوسُس نکھس ییتھ تہٕ یوٚہسے ییوتس اَتھ منٛز پھٕتھر۔ یہ نےٚ اَمی وِزِ شادٕ اَپار ییتھ دور دوٚرِ ییہ ہے تہٕ دأرچیر دِتھ تھاوِ ہے۔ نگینہٕ اُس ٹٔنگہٕ دِنس تیار۔

دوٚیمی دوہہٕ ہیہ ننیو نگینس زِ بہٕ کمن ستمگرن نِش چھس لٕچ ہرش۔ دوٚے دوہ مَس آیہٕ پہ رٕژنہ ناونہٕ۔ گرا دوٚننس طوطن زِ "ییکیشاہ ٹُم ٹُم آسہٕ پکان"۔ تہٕ گرا دوٚھُس صدیق جوٗ "ییکیشاہ مےٚ سوٗز عَلیہ ٹانگہ اَنٕنہٕ خاطرٕ" مگر یہ اوس سوٗرُے اَپُز۔ اُمِس کوٗرٕکھ کتہٕ گنٛڈ مَنزٕ یمس

ژٕنگن برس اوس برٛونٛہہ قُلف کرنہٕ آمُت۔ تہٕ اَندرِمہٕ پلوٕ کنو کیاڑی چھُہ
بوٗن وٕشن یہ اُس نہٕ نگیننس خبر۔ خبر تہٕ زن آسہٕ ہیس۔ یُس پہرٕ اُمس
لاگنہٕ اوس آمُت سُہ کوٗت ژٕاوِہیس۔ یہ اُس یہ ڈٕپٕہ زٕ تہٕ قلفس مُنز
قٲد۔ یا کوٗژھ کانٛہہ شہزادیُن تہٕ اُمس پٔری صوٗرت زنانہٕ دیوَن
تہٕ جِننَن نِشہ موہ کلاوُن نتہٕ اوسُس نہٕ کانٛہہ موہ کلَن پاے۔ زَل مَل کرِنہٕ
وِزِ تہٕ آسہ زٕ زٕ زَنہٕ اُمس سیتی۔ اَمِہ دوٛہہ لوگ نہٕ نگیننَن ژٕیش
یا پوٗنٛز وُٹھَن۔ ژٕیٛمہِ دوٛہہ کرَ نکھ دوٛہ یوَ دوٛہ یوَ اَتھو لیلہٕ وُتٕرِ۔
خوٗدا تہٕ روٗسوٗل اوٗننکھ وٕسیلہٕ۔ دوٗپنکھ۔

دستگیر صابنہٕ پاسہٕ دی توٚ مےٚ یٔیتہٕ نیر نہٕ۔ مےٚ آسیم مٲلِس
یوٗری کُن کل۔ تس آسنمَ دروازس کُن وُچھان وُچھان چٔشمہٕ چھَمُژٕ۔
تمُشند عار ییی تنوَ۔ مےٚ دی توٚ اَکِہ لَٹہِ مٲلِس سمکھنہٕ۔ بہٕ یِمہٕ یوٗری۔
یہٕ گژھہ نہٕ کُن۔ کام تہٕ گژھہ نہٕ واپس"

اُمو سٕندِس واویلا کرنس۔ اوٚش ژٕاونَس تہٕ وسیلہٕ تھاونَس
پیٹھ تہٕ گوٚ نہٕ کانٛسہ ذرٕ ذرٕ۔ صدیق جوٗ دوٗپھُک" لگہ نَس خاقہٕ اکھ زٕ
پلنےٚ پیٹھ پایس۔ ننگس کتہٕ ییہٕ پرٛنگس پیٹھ دار۔ اُمِس چھَنا

سوّت تہٕ چاے چینَس ہٲل۔ اول سوال کھینَس ہٲل۔ اُمِس کتہٕ وَتن یمہٕ نیامَژٕ"

شادٕ تہٕ جبینہٕ آیس اَکِہ دمہٕ پھرِ سمجاونہٕ مگر سارٕ آیس نہٕ اکہٕ وِزِ تہٕ بژونہہ کُن۔

تَس دَپے یوکھ "تلاژٕ سمجاوُن۔ یے نَتہٕ مار مَنٛڈِ کھار" مگر سارن دوٚ پکھ۔

یہ اوٚتامتھ مےٚ ووٚنوٕ تہٕ کوٚرُم۔ اوسُم پانَس پیٹھ۔ ہیٚتوٚتم۔ یتھ بَدنَس یہِ سَپدُن اوس تہٕ سَپدُس۔ یہ کَتھ اَندرٕ نہٕ میانہٕ۔ بہٕ ژھَس گوٚہن پانہٕ پیر گمژٕ۔ ییتہٕ کیٛازِ کرَن پانَس ہیش۔ ییٚمہ زٕندگی کھعہ تہٕ ژھُس نا تی جان اگر پانہٕ مورُے ژھنُن تگیس۔

اَتھ پیٹھ ووٚتھُس صدیق جوٗ لاینہٕ۔ ووہ ووہ کرُنَس تہٕ خشمہٕ ہوّت ووٚنُن عٔلی یس۔ ہیا گژھو ڈیڈی بھاونوٚ بشد۔ وَنی اگر کانٛہہ یمٕ کتہٕ۔ دٕپی زٕ یچھ زیار تَس گمتوٚ" صدیق جوٗ ژاو پانہٕ خشمہٕ ہوّت اَندرٕ میس کمرس ہشرٕ۔ طوطہٕ اُمس بکالے پنُن گرٕ گاہرٕ۔ شادٕ تہٕ جبینہٕ تہٕ دراے نیبرٕ۔ اَتہٕ روٗز سارٕ تہٕ نگینہٕ۔ سارَس توٚ گنہٕ نگینس کُن بُتھ تہٕ ڈیٛن۔

زَن تِمَی اُس پھَنٛد کرٕ تھ اُنی ہِژ۔ نیٚبر اوس گنٛڈٕ کار میوٗلمُت۔ اکھ اُس
راتھ پیٚٹھ گوٚن اوٚبرٕ۔ سارَن تھاوٕ دارٕ دِتھ۔ اَنہٕ گنٛڈٕ منٛز آیہٕ ہارٕ اکھ
دارِ سیٖتۍ ٹھاسہ نہٕ۔ سٕعہ لٔج پکھو سیٖتۍ دارہٕ پنٛجرس ٹاس ٹاس میلونہٕ۔
زَن اوس تَس آزار ہیوٗ۔ ظاہرا اوسُس اول رووُمُت۔ سارَن دِژِس
چھَنٛگ اَنٛدرۍ رِنہٕ۔ نہٕ پیٚٹھ تَنٛگینَس نِش۔ تَنٛگینَس اُسۍ اُش گنٛڈ بِجلی
کاشَس منٛز نٲشپان۔ پیٚیلہٕ سارَن اوٚش وٕتھ ہتھرُن ہیوٗ تُس۔ تَس
ژٔج گُنی باکھ نیرِتھ۔ ییٚتھ زٕ اَنٛدرِمہٕ کمرٕ پیٚٹھ آیہٕ سأری باژٕ اوٚری۔ قند لوق
جُوٗن دِتُس دِلاسہٕ۔ دوٚہ پننس۔ اچھا کُڈ اَزیٖچ راتھ۔ پگاہ یوٚت خوش
کرِ توٚت گژھ۔ اَمہٕ دوہہٕ کھیٚیہٕ تَنٛگینَن ژوٚری مہ کالہٕ پَتہٕ سارنہٕ
زورٕ پَتہٕ تِمی سِنٛد پوٗ قسمو کِنہٕ زٕ ترٕ ٹے میٚنٛڈی بجتہٕ۔

یپاٹھٕ ییٚلہِ نہٕ نگیٖنہٕ گامَس منٛز نٔنی گیہٕ۔ نہ آیہ گاو چھاو نہٕ گِنہٕ بٹھٕنۍ
گرٕ۔ گِنہٕ بٹنہِ زانانہٕ لٔج فِکرِ۔ تِمہٕ سوٗزٕس مسہ ہنیوٗ۔ اوٗرٕ آس سہٕ شیٖچھ
ہیہتھ زٕ سعہ نہ دی چھٕنہٕ گرٕ۔ اَمہٕ دوٚپ آسہٕ دیوٗ اوٗرٕ یوٗر گٔمژ۔ وسہٕ نی
ییٚلہٕ نہٕ سند ھیا وقتَن تام تہٕ نگیٖنٕن کانٛہہ پےٚ دٕراو ۔ گِنہٕ بٹہٕ نِس
ہٕنگنَس منٛز گوَ ذٕرس گام جمع۔ اُڈٕی سوٗزی گِنہٕ بٹَن سنگروٗنی۔ اَڈٕی
گیہٕ چِترنارٕ کیس جنٛگلس منٛز وٕنی دِنہٕ۔ سارِی ہیے گامَس گوَ بھتہ دَب۔
گامہٕ گامَس گوَ شاٹمک زنٛن ہیوٗن تہٕ مٔشتھ۔ گِنہٕ بٹَس ووٚتھ نہٕ پانس
میٖوٗنٛدٕ تہٕ۔ یہٕ نے کھنڈٕ واوَن ہنٛد سُلطانہٕ وَنہٕ ہیکہٕ زٕ سعہ ہا یارٕ وٕچھ
مےٚ دفلہٕ بٹھس ہیچھ ناوِ کھٔسان۔ ذٕرستس گامَس گرٕشھہ ہا کھینا
شوٗنے۔ تہٕ کرٕتھ تہٕ رٕوٗد گِنہٕ بٹَھ راتس ہُشار۔ اُچھ ہیہٹ اُچھ لٔجِس نہٕ۔
رٕنگہ رٕنگیکو خیال آس۔ دوٚپُن خبر شہرٕس منٛز کتھ حالس منٛز آسہِ۔
وارٕ شہر تہٕ آسیا مالِس نِش۔

دین محمدس سیتی یمہٕ کتھ آسَن کرٕ مٕژ۔ تِمہٕ ہیٚیٚس یاد۔ نگیٖنہٕ گیہٕ
میانہٕ ذِمہٕ۔ سعہ نہ بٹھنو کیاہ تہٕ نگیٖنہٕ کیاہ۔ گِنہٕ بٹَس کرٕ ضمیرٕن ملامتھ۔
سونچنہٕ لوٚگ۔ مےٚ کرٕ غلطی۔ مےٚ پزِ ہے سعہ پوٗرٕ ہی آینی۔ گرٕس منٛز اُس

بٲژن سیٹھۍ یہ تہٕ اَکھ بٲژ۔ بۄڈ بڈہِم اوشس پاوٕ اَکس بجتہٕ کھیٛوٚن
اَدٕ سعہ ہیٚنکہِ ہے نا یہ پانس کیٚتھ ییٚتی نَس رٕنتھ۔ گَیہٕ ہُٹَن کوٚر کالہٕ
کالےٚ ٹانگگ انتِظام۔ کھنڈ داوَن ہُنٛد سُلطان جوٗ تُمَن پانس سیٹھۍ۔ تہٕ
صُبحہٕ ٲے دژاو شہر کُن۔ تہٕ ژیرہ شامَنس ووت شہَر۔ راتس روٗدی
دوٚہ شوَرے ژُنی گیہٕ ہٹنس اَکس رِشتہٕ دارس نِش۔ تہٕ دوٚیمہِ دوہہٕ
دور یِیہِ مشن ہسپتال۔

اَمہِ وَقتہٕ اُسی تَکھ بیمارَن کیٚتھ کھیٚن ہیٚتھ یِوان۔ بڑانٛدس
پیٹھ تہٕ اُسی واریاہ تَکھ جمع گاٗمتی۔ گَیہٕ ہٹھ دوریوو دین محمدنس
کمرس کُن۔ سُہ یَتھ چار پایہِ پیٹھ یِمَن شَن سَتَن رِتَن اوس تَھتھ بیٹھ
اوس بِسترِ وُٹھتھ۔ گَتہٕ ہٹس ژوٚل زنگو رکنہ ژو نیرِتھ۔ تمۍ پرٛژھ
بیٖیس بیمارس۔ "ہے یِیمِس دین محمدس میجاسہ چھٹی۔" سُہ ووٚتھس
تورٕ بۄڈ ووہشا ژرُ اۆوِتھ۔

"کہو حالہٕ۔ دوہنی تہٕ کُس ڈاکٹرٕ کاوِ ہییس۔ تَسے یِیمہ عالمے
چھٹی ہیچ۔"

سُلطان جوٗس ژٲج کرٕکھ نیرِتھ۔ تمۍ ژھٔٹ باکھ۔ گَیہٕ ہُٹَن کوٚر جگرے

تہ ہبر براندس بیہٹھ ہریتھ دِتُن لیپہ سیٹھی بُتھ تہ لوگ ڈنگہ دِنہِ۔

ہسپتالس نِشی اوس مزار۔ دین محمدس اوس مشن ہسپتالہ کیو ڈاکٹرو کفنک دفنک انتظام کورمُت۔ یِتھہ وقتہ گنہ بٹھ سلطانس سیتی مزارس پیٹھ آو۔ اتہ اوشک دین محمد میّتہ منز دوبرو ومُت۔

اُکس طرفس کُن اُسی وَتہ یکہ وٕنی جمع گمتی تہ تِم اُسی فاتحہ پران۔

گنہ بٹھ بیوٹھ ہسپتالہ چہ دوہس سیتی بوٕن کُن بُتھ کٔرتھ، تہ سُلطان جو گو فاتحہ خانی منز شامل۔ ڈاکٹرن تہ کمپونڈر اکھ تہ اوس اُتی نس ووٚدنی۔ اُچھ وٕتھ۔

کفنس دفنس پیٹھ یُس خرچ لوگمُت اوس۔ تمیُک اندازٕ لوگ گنہ بٹن سلطانس پرژہِتھ۔ چنٛدہ منز کڈٕن رُہ پیہ چنٛداہ تہ یمے پلہِ ناوِن اُکس کمپونڈرس کُن۔

ڈاکٹرن ووٚننس دوٚرِ بیٹھے۔ پنڈت جی۔ یمہ روپیہ تھاوِو چنٛدس۔ یہ اوس سون فرض۔

گنہ بٹن ما ٔنس نہ اکھ کتھ۔ دوٚپنس۔ " ڈاکٹر صاحب۔ دین محمد اوس نہ بیچھ وُن۔ یہ اوس بانہِ کماوِتھ کھیتہ وول تہ سیٹھی داہن

کھیاوَن وول۔ اگر توٚہی یِم پاٲنسہٕ رٔٹوٕنہٕ۔ مَرِتھ تہٕ روزِ بہٕ ٲمی سُند قرضدار۔ ہےٚ اگر یہٕ قرض وُنی کینٛہہ نٕکھہٕ والنہٕ دی ہیوٚجان اوس۔ لاچار سٔپدِتھ کرَناوِ ڈاکٹرَن یِمہٕ رۄہ پیہٕ خاٗراتھ فنڈس مَنٛز جمع۔ گٔنہٕ بٹَن دِیُت پانٛژ رۄپیِن نوٹ سُلطان جُوٗس تہٕ دوٚپنَس یِیتہٕ نٔسۍ بٕیِیہٕ کاٗنٛسہٕ کینٛژھہ دِیُن آسہٕ تہٕ دِس۔ تہٕ پانہٕ ژاو ہسپتالَس اَندر۔ اَتہٕ پٕژھن اَکس بیمارس
"اَمِس مَنیہٕ ٲس کوٚر یور آمٕژ۔"

سُہ ووٚتھُس۔ اَہن سہ۔ اوتر حسبہِنَس آیہٕ۔ گَنٛٹَن دۄن گَنٛٹَن ٲس یِیتی نَس۔ ٲمی ووٚنُس۔ یِنہٕ اَستانس مَنٛز روزِکھ۔ یِیمی قدمہٕ گَژھوزِ گرٕ واپس۔ میاٗنی کُنہ آسہٕ سۄ واپس تہٕ گَمٕژ۔ نَتہٕ یِییہٕ ہےٚنا راتھ یور۔

گٔنہٕ بٹَن سوٗز سُلطان جوٗ ناوِ مَنٛز واپس تہٕ پانہٕ بیوٚلھٕ اَمہٕ دۄہٕ تہٕ تھہرے۔ دۄن ترٛین اَستانَن چھیوٚر۔ خبَر وُنہٕ ما آسہٕ یِیتی۔ پانٛسہٕ تسلا دِتھ زِ سۄ آسہٕ کام واپس واٗژمٕژ۔ گٔنہٕ بَٹَن گوٚ صفاپور کُنہ بٕنٛڈٕ پوٗر۔ ٲمی سُند واتنہٕ برٛونٛہہ ٲس کٲمی کامس مَنٛز ماتمَ داٗری لٔجمٕژ۔ دین محمدنہٕ مرُنک اوس نہٕ دۄہ نی لوٗکن تیوٚنٛ چھیران یوتاہ یہٕ بوٗزِتھ سَنٛخ گوٚکھ

زِ نگینہٕ چھسے نہٕ شہرس منز گنی۔ گام تہٕ آیہ نہٕ واپس۔ گییے تہٕ گیہٕ کوٗت۔
دوٚیمہ دوہ ہیہٕ اوس جُمعہ۔ گامس منز آو دین محمدنس گرس منز بسن
دوہ منا وہنہٕ۔ جُمعہ چاپہٕ ہُند انتظام کوٗر گنہٕ بٹن۔ مسجد ہٕنٛدِس امام صاٖبَس
یہ پَرُن ہیے تہٕ آس پیش کرنہٕ۔ یہ رسم پوٗر کرِتھ گوٚ گنہٕ بٹھ اتہٕ پیٹھ
سوپور۔ تتہِ کوٗرُن پُلسس رپورٹ۔ یمن دوہن اوس تحصیلُک دفتر
تہٕ سوپورَے۔ تمو وۄن تحصیلدارس تہٕ تحصیلدارس سیتی کھوٚت شہر۔
تحصیلدارن دِتس شہرس منز پُلسہ والِ زِ سیتی۔ تمے تہٕ ہیتھ ووت گنہٕ
بٹھ بٹیہ ہسپتال۔ تتہِ پیٹھ گوٚ آستانس منز۔ تتہٕ پرٛژھن اُکس خادِمس۔
تمہٕ ووٚنُس۔

اَمہِ سۭتۍ تیٛنہٕ گرٛژھن داہ دوہ لَڑکی اَکھ اُس ظاہرا اَکہِ دوہ ہیٹہٕ
شامنس ہیتہٕ نَس کوٗنچس منز سوٗرِ ژنگہِ ژادر وٗلِتھ۔ بٹھتہٕ ٹوٗرتہٕ تلاے
اوسن دارِ طاقس پیٹھ حکومت۔ صُبحہ نَس اُس شُلی یٔیتہٕ ڈراہِش۔ یتہٕ
آیہ نہ یور۔ پُلسہ کرِ ہیے رزہٕ گرٛ تہٕ کمس۔ کانٛسہ پیٹھ گوٚرژھ شَک آسُن۔
کانٛسہ ہُند گوٚرژھ پیے لگُن۔ گنہٕ بٹس ہیوٚر مُچھس کرِ وہن زور۔ دوہن
ترٛین دوہن ہیٚلہ نہٕ ہیری پھیرو گنہٕ کانٛہہ پتا ڈراس مویوس تہٕ

تہٕ پھٕٹہٕ ہِتھو کوٚ ھٹو اوٚ گام واپس۔

دوٚہن ہفتن لاگِج نگینن سارِنے ہیتھ دیہ دٔب۔ اکہِ دوٚہ پیہِ پھِر گیٔیہ دار کٔنہو ووہ ٹھ لاینہٕ۔ گرا کھیون تہٕ گرا لوٚگُن نہٕ پوٚنی وُٹھن۔ اُمہِ سیتھو روٚد نہٕ نگینس سُہ دم تہٕ طاقت، یُس اَتھ ماحولس زیادٕ کالس تام مُقابلہ کرِتھ ہیکِہ ہے۔ تس پیوٚ پیتھٕ تتھ پہنٛدین اشارن پیٹھ پکُن نہٕ تتھ زندگی منٛز قدم تھاوُن۔ یوٚسہٕ زندگی اُسیتھ تِہٕ زندگی اُسس نہٕ۔ کیاہ گوم کیاہ گوم۔ نگینہٕ اُس اندری اَتھ مۆران تہٕ ژٕچھ ہاہیوان۔ یہ خیال کرِتھ پتہٕ اُس اُمیس دِنن گرٛھان۔ زِ اَکھ زنانہٕ دِیہ اکِہٕ سے راتس منٛز دوٚن ژوٚن مَردن پانس نِشہ پینہٕ۔ اَمہِ کھوتہٕ چھُنا مرُن جان۔ سُہ بُتھ کتہِ اَنہٕ ہٕ زِیہٕ وُچھ کانٛسہ ووہ پَر مَردس کُن یتمن ژھٕنجہ گرِتھ میونتر وٚش۔ اَنہٕ گوٚاٹ میلُن۔

ییٚلہِ اِنسان ژوٚوا طرف بے بس گرِتھ مُصیبتس منٛز ہینہٕ پیہِ

موٗ کلنٛج کانٛہہ وَکھ روز بس نہٕ۔ پَتہٕ چھُہ سُہ قیمتَس پیٛٹھ پان ژٕاوان۔
تہٕ پانَس تسلا دِوان۔

" مےٚ اوس نَصیبس پیٹھ لیوکھمُت۔ نتہٕ کوہ سےٚ تیاہ لی آیِم۔ کُنہِ زٕنی
دژٕایس گرٕ۔ کانٛسہِ ناو دِیتمُت نہٕ۔ ییٚتہِ دوہہ شاہنَس کوٚڈ رِچھ لَٹہٕ نگینہٕ
شیرنہٕ تہٕ سجاونہٕ آیہ۔ تَس کھۄژٕ ساری ہےٚ بَدنَس تھرٕ۔ گُمہٕ تٕھیٚٹہٕ دژٕایس
اَمہِ دوہہ اوس یار بَلہٕ طرنٛگ بٔنیاکھ کمرٕ سجاونہٕ آمُت۔ لیکن سیٚتہٕ اُسو
نگیہ تھاونہٕ آمتٕ۔ فرشَس قالینہٕ بِچھاونہٕ آمتٕ۔ نتہٕ اُس یہ سارےٚ
سجاوَٹھ بٕروٗ تھٕمیٚن کمرٕن منٛز توٗ تامَت سپدان۔ بوٗ تامَت نہٕ نگینہٕ اَٹنہٕ
واٹنہٕ اُنکھ۔

نیٚبرٕ کیتہٕ آسہٕ روٗدٕ ژٕادرٕ وَسان۔ زٕن اوس اَسمان نہٕ یہ ذاغنٛھ
زٕ اُرکس انہرٕشہِ کورٕ ہیٚنٛدِس یزٕ تَس سیٚتہٕ چھُ اَز سودا سپدُن وول۔ نہٕ
سُہ اوس رَزٕو رَزٕو اوٗش ہاران۔ نگینَس اوس سیٚتھہٕ ہیوٗ کیاہ تام باسان۔
یِنہٕ وول اوس آکوےٚ زٕوٗن۔ یلبدر۔ بلبدرٕن ناو بوزِتھ ہیو
نگینَس دوہن گرٕن ہٕنٛد ٹھُم ٹھُم یاد۔ طوطہٕ اُس کالہٕ پیٹھےٚ ڈیٚر دِتھ بیٹھمُت۔
تَس اوس اَز اَزماوٗن زٕ زنانہٕ چھا زور اور کِنہٕ مرٕد۔ طوطُن اوس کیتہٕ پھر

بلبدرُن ہِدٕ پھُسڑاوِنہٕ خاطر کیشرٛ ھاہ ہِنِنہٕ آوازٕ ہُنٛد جود استیمال کوٚرُت۔ تہٕ کیشرٛ ھاہ سارِنہٕ جواٗنی ہُنٛد خمار۔ تہٕ کرِتھ اوس نہٕ بلبدر برٛمیومُت تیٚس اوس گیوٚن پسند تہٕ بَس۔

طوطس یُس ساد گیونس بلبدرس بھی اوس یوان سہٕ اوسُس نہٕ بیٚیِہ کانٛسِہ بھی یوان۔ مثرٕ اوس بلبدر وجدس منٛز یِتھ طوطس سیتی تہٕ گیوٚن لیٚہ ترٛاوان۔ تہٕ مستی منٛز کلہٕ رٕگلہ ناوان۔ اُکس اُکس شارس پیٹھ واہ واہ تہٕ مرحبا کران۔ بو کیو بو کیو رو ہیہ چھکان۔ طوطہٕ اُس نہٕ یمن رویین چھکان تہٕ۔ یہ اوس صدیق جوٗن موٚہنیوٗ عُلی یہ وٹان نتہٕ جبینہٕ۔ تہٕ مثرٕ اوس کانٛہہ سارن واین وول ووستہٕ روہیین یا نشرٛن ہُنٛد یا داہن زوہین ہُنٛد نوخڈ کوٚرٹھس نل چارٕ رٹان تہٕ اُکی سِتنز بیٚیِہ سِتنز نظرٕ ڈالِتھ بیٚیِس کنٛ نِوان۔

طوطس اوس بلبدرن واریاہ لحاظ۔ اُوِمٕ کِھ نہٕ زٕ یہ اوس دھینہٕ دیارٕ وول۔ اُمی سٕنٛد کھوٚہ تہٕ اُسی اور یا کانٛسِہ واٗلی یوان۔ لحاظ اوسُس اُوِمٕ کِھ زٕ اُمِس اُسی ہنٛز کینٛژہ۔ اوٚصوٗل۔ بیٚیِن ہنٛدی پاٹھی اوس نہٕ یہ مسخرٕ کران۔ طوطس آسہٕ نہٕ اُمی ننہٕ کتھ زانٛہہ وَنہٕ کمی یمہٕ تیٚس ہیٚر کانٛہہ وَنان اوس۔

پۄ ڈٟچ زِ تہٕ سارٕس ہش نازل تہٕ نازنین زنانہٕ تہٕ اُٚس اُمۍ ہِنٛدۍ گیت گیوان۔ یہ اوس تٔس دِیان۔ یہٕ چھُس پننہٕ آشنہٕ ہُنٛد آمانتھ۔ سورُے گوٚجان مگر بیٚیہِ ہِنٛدِس بدنس اکھ لاگُن تہٕ ہنگہٕ مۂ۔ طوطُس اُٚس یہ ہے ژٲران۔ سو اُٚس اُمۍ ہُنٛد یہٕ ہٕ ٹچھر اوٚن یِژھان۔ یِتھہٕ دوہ ہہ طوطُن گوڈٕ رٕنچہ لٔٹہٕ نگینہٕ دِچھ تَس گوٚ پوٗر یقین زِ بلبدرس اگر سے کانہہ مدٕد والہٕ سو آسہٕ تہٕ ہے نگینہٕ بلبدرس پرارٕنہٕ برٛونٛہہ اوس طوطُن گیوٗن لوگمُت۔ اَکِس طرفس کُن اوس ماہ صاحب سنطوٗرٕ وایان۔ بیٚیِس طرفس کُن اوس طبلہٕ وٲزان تہٕ منزٕس اُٚس طوطہٕ جامہ لٲگِتھ پننہٕ شوقہٕ گیوان۔ نگینہ اُٚس ڈوٚکھس سیتھ نوٚ نوشہٕ ہہنٛدی پاٹھو کلہ تہٕ کأر ملہ نالہٕ تھ پرٲران زِ دوہ نی کیاہ چھُ سَپدان وول۔

یُتھُے بلبدر اندر ژاو۔ طوطُن گیوٗن روٗد جاری۔ عٔلیٚ ین اوٚن طشتہٕ منٛز اُلہٕ تہٕ نابد یہ تھوٗوٗن بلبدرس برٛونٛہہ کنہٕ تہٕ بلبدر بیوٚٹھ نابد چھکلس ژہہ ژہہ دِوان طوطُن گیوٗن بوزنہٕ۔ از اُٚس اُمۍ ہٕنزِ آوازِ منٛز شوقچ گہرٲیی نہٕ تب و تاب۔ یہ اُٚس دِلس ترٛٲوِتھ گژھہ وٕنی تہٕ دُنیا مشہوٗنی آواز۔ طوطہٕ نہٕ آوازِ ہُنٛد زیر و بم تہٕ سازن ہُنٛد چھیہ اوس تیتھ کنٛہ کُن سپدمُت اکھ اَکِس

منز جذب گومُت زِ یہِ اوس بنہٕ باسان زِ آواز چھا سازٕ منز یوان کنہٕ طوطہٕ نہٕ
ہنٛز چھہِ نیران ۔ یُتھ زِ صدیق جوٗ تام اوس اٚندرٕ پیٚٹھ نیبر وٚژامُت تہٕ اُکس
کوٗنس منز ژٕمیومُت ۔ شادٕ تہٕ سارٕ آسہِ درواژس ژھایہِ ہوٚل ہیے بُشٕگہِ
ہشہِ روٗزِتھ گمٕژ ۔ ماہہِ صابَس اٚسو اٚشو گٕنڈٕ بجلی ژٕاٚنگس منز چمکان
اٚتھو منز گئیہِ ہکین ہنٛز آواز ۔ یُتھے طوطن دم ہیوٚ دیُت ۔ تمہِ بوٗز کٔن
داٗرِتھ یہِ آواز ۔ نگینس اٚسو ہکو لگمتو ۔ تَس اوس پھیرن دامنہٕ تہٕ پوٚژ
ہنٛد اکھ جیبہِ اٚدریومُت ۔ طوطہٕ وٚژھ تھوٚد تہٕ تمہِ رٚٹ وٚچھس سیتی ۔ سعہ
وٚژہِ چھس !" رکھوزِ ۔ رٚچ سیا بلایہِ ۔ اَز تام کسٕ چھُ مول مٲج پوٚشمت زِ
ژٕئے پوشہٕ ہی ۔" تَس اُس طوطہٕ امی ہفتہٕ مٲلِسِنٛدِ مرٕنیچ شیٚچھ ہیتھ
آمٕژ تہٕ یہِ کتھ اُس امہِ دِہہ لٚنٛجہ وٚنیکھتام بوٗزمٕژ ۔ یہِ وَنان کوٗر تمہِ
سازندرن اِشارٕ نیرنُک ۔ ماہہِ صابَن تُل سنطوٗرٕ ۔ علیَن تُل طبلہٕ تہٕ سارِ
وول نہِ دژاو بلبدرس فرشی سلام کران نیبر ۔ اوٚرٕ ژایہِ سارٕ تہٕ شادٕ ۔
سارَن کوٗرِس زارٕ پارٕ ۔ سعہ تہٕ لجَس بلایہِ ۔ تمُے کٕرِس میٹھہِ تہٕ ماہ ۔ بلبدر
اوس بنہٕ اوٚ تامت اورکُن سنیومُت ۔ یہِ کوہٕ سہٕ چھنے ۔ تمُے اوس بنہٕ یہِ سوٚنچمُت
تہٕ ۔ سہٕ اوس اندر اٚژان اژانے سرٚودس منز آمُت ۔ تہٕ گیونُس منزلین

گومُت۔ یتھِ سارَن پننہِ پوٗژِ سیتۍ اوّش دِوَن ہُرُوُس۔ بلبدرس پیٚیہِ نظر
تس لیٚچ کھوٚر نیبرٕ بیٚہِتھ اَیستانس تام بجلی تار۔ یُتھ مین دِوَن ہیٚمہ
کھین پلالہٕ سیتۍ نگینہ کھیاونہٕ اُمس آمُت۔ تمہ سیتۍ اوس اُمہ پنٕنے دوٚہَن
منز کاڈ کوڈمُت۔ یُتھۍ لَبن اوسُس یوٚہَے ابوس رنگ ہیوٗ چھکنہٕ آمُت۔
تہٕ چُشمن ہُنٛد تاثیر اوسُس زِدہ کروُن تہٕ زیادے رنٛبہٕ وُن۔ اَز اُمس یہ
طوطن پانٕہٕ شیر مژ تہٕ سجاوِمُت۔ اَز اوس طوطس بلبدر تیٚہٕ والُن۔ اَتہٕ تس
دَریوونہٕ ویٚشوامتر۔ بلبدرٕنۍ اُمس نہٕ کیٚنہہ۔ بلبدرٕنۍ اُمس نہٕ کیٚنہہ۔ بلبدرس
بڑے یہ بیتابی۔ تمۍ ہوٚو صدیق جُوس اشارٕ۔ یہ کوٚرس یہ۔ صدیق جُوٚن دیٚت
نتہٕ تالہِ پھٔش پھٔش تہٕ وٚنس اشارٕ سیتۍ۔ وُچھان گژھہ۔ تہٕ زیٚوٕ
سیتۍ ووٚنُن شادس کُن۔ تلا کُنہ اوس اَلنہٕ تہٕ وَلیہٕ۔ یہ بوٗزِتھ دژ ایہ
رتمہ نیبرٕ۔ تہٕ طوطن تیٚج نگینس کلہٕ بیٚہِتھ پوٗژ ہٕوٚدٕ بہَن۔ بلبدرن کھیٚیٚہ
دِوَن ٹھہشن۔ تس اوس نہٕ انداز زِ یہ زنانہٕ آسہ پیٚشراہ خوش شکیل
پیٚشراہ خوش یوٗزنۍ تہٕ ماری ئنز۔

طوطس آو ہٹَن بیٚہِتھ اُشن ہیوٗ۔ تمہ لوگ انداز زِ یُس کُل پتھر
پاوُن اوس سُہ ہا چھُ موٗلہ تلے دژامُت۔ تہٕ پتھر ساونہٕ آمُت۔ بلبدرس گیہ

گَیہٕ عَقلہٕ بَقلہٕ۔ واریاہس کالس پھوٗرِس نہٕ زیوٗ تہٕ۔ تہٕ اٰخرس ووٚتھ بٔڈ مُشکلَن ھتھوٚد تہٕ آو طوطَس بَروٗنہہ کُن۔

نگیننَن تجہٕ نہٕ چٔشمہ تہٕ ھتھوٚد اٰمِس کُن۔ یہ بٔڈ چھا۔ جوان چھا۔ اوٚن چھا۔ لوٚنگ چھا۔ ییتہٕ وُچھُن نہٕ۔ اٰمہ وِچہ زورٕ اٰچھ۔ بلبدرس آو یہ ادا تہٕ پَسند۔ تمۍ ووٚنُس۔ " خُدا رٔچھنے نظرِ بدٕ نِش "۔

یہ وَنان مُشراٰو بلبدرَن سوہ نہٕ پٔشر مَرِتھ گرٕ تہٕ پانہٕ گٔنڈ نَس پانہٕ۔ طوطَن نِیہ نگینہٕ پانس سیتۍ اپور۔ اَپارِ تُرٗو نگینن پھرک ہیو یپارٕ ووٚتھ صدیق جو بلبدرس کُن۔ " وٚنو پَنڈِت۔ چھُسہٕ کینہہ موٗلٕ "۔

بلبدرَن ووٚنُس نہٕ اَکھ کینہہ جواب۔ دم دِتھ ووٚنُنس۔ یہ ہاسہ وٲنٛژ مئے مگر اٰکس شرطَس پیٹھ "۔

" کیاہ سَنا " صدیق جو ووٚتھس تیتھہٕ کنہٕ نخرٕسان زن تہٕ سہ موٗ زِنہ گوو اوس تہٕ تمۍ اوس یہ بُت گوٚرمُت۔

" مئے سیتۍ چھُے وعدٕ کرُن۔ مئے دراٰے گرٕ ہہ نہٕ اٰمِس نِش بیا کھہ بہُن "۔

" تہٕ کتہٕ چھُہ رِواج یہ چھُہ مُشکل "۔ صدیق جو ہن ہاہٕ ڈرالہٕ پَنڈی

رٕنٛدی پاٹھۍ ہیٚنٛتھ تہٕ توٗلِتھ کٔرتھ کرنہٕ . یِتھیٚن موقعن پیٚٹھ اوس شہ درکار
رٹان . میون اُصوٗل چھُنہٕ ژٕنۍ خبر . یُتھ مال آسہِ تیُتھ چھُس بہٕ
خریدار تہٕ ژھاران . بہٕ ما چھُسن بیٚین ہٕنٛدی پاٹھۍ ژھوٚٹس پیٚٹھ کانٛہہ
بیٚہہ ناوان ، سارِ ہِنٛز شاد چھےٚ نظرِ تَلہٕ ، تِمہِ کوٚن نہٕ استرٕ امس نِشہِ
اگرے شانہٕ درنے بہٕ کرنے ژٕ تیٚہ حوالہٕ مگر قیمتھ دِکھ سہ .

"کوتاہ ہنا" بلبدرن کوٚرُس سوال

"روہ پیٚہ ہتھ ژوہ رپتیٚس"

"ژور ہتھ روہ پیٚہ گوٚسہٕ ٹھا زیاد" یہ دوٚپنس بلبدرن وونٛت
وُچھینہٕ خاطرٕ تس اگر یاترٕ شہ تہٕ ہنگہ ہے . تتھ پیٚٹھ تہٕ اوس شہ منہٕ
گٔنزرٕ تیار .

"ژٕ ہتن پیٚٹھ چھو برو برے" صدیق جُوٗن دوٚپنس کتھ ژٕ دٕنۍ
پاٹھۍ ، تنہٕ تالِہ پھٔش پھٔش دِوان . مطلب اوٚس بلبدرس وونتھ وُچھن
تیٚہ ہتھ روہ پیٚہ اوس نہٕ موٗملی رقم . گوٚ داہ روہ پیٚہ دوہ ہٕس . ترٕ ئیے
کھاٹ توٚملہ . گو ژور ترکھ تیٚپلہ . یہ کتہٕ اوس ممکن . اَتھ محلس منٛز آسہ
بیٚنیہ تہٕ گرٕ . راتس دوہ ہٕس بداری کرِتھ تہٕ آسہ نہٕ یمن گرن منٛز کُس

زنانہٕ اُکس ووہَس ترٛسے رۄہ ییہِ تہٕ پھولان۔

ترٛیشوے ہیتھ سپھی۔ ہتہٕ چھُہ منظوٗر" یہ وَنان گڈ بلبدرَن چشِد منٛز نوٚٹ بوٚدبر۔ گُنٛز رِتھ دِتی نشَ ترٛسے ہیتھ رۄہ ییہِ۔ تہٕ نیران نیران دوٗنس "میٚث اَنہٕ کَنہٕ چھُے خوٗداے۔ وَعدس پننہٕ ڈٲکھ۔ اُمہِ سٕنٛز پوٗر ہُنٛد نوٗشوٚٹ تہٕ گرٛٹھی نہٕ کانٛہہ وُچھن۔"

یُتھے بلبدر بوٚن وۄتھ۔ آنگنَس منٛز اُس طوطہٕ۔ تمہٕ کرٕ بلبدرس کُن ترٛٹھہ نظر پیٚٹھہ اُکس ہٲری ہیتِس زٲرِس کُن زین وول چھُہ کران"

بلبدر گوٚو شرمسار ہیوٚ۔ پننہٕ ندامتھ ژوٗرِ تھاونہٕ خاطرٕ کوٚڈ تمہِ چھُپہٕ ووٚٹ چنٛدٕ منٛز یکہٕ وٹہٕ۔ یوٚہے آوُن طوطَس کٕلہٕ ییٚٹھو تہٕ دِیت نَس اَتھس کیتھ۔ طوطَن روٚٹنَس اَرفَل پچھِرنگُٹ داسنہٕ تہٕ یہ تھوٗونَس کیتھ کرنہٕ ورٲیی اُتھو لوٚ پچہ گنٛڈِتھ۔

ہیٚرِ اُکس آنگن ڈٲرِ کینہہ سارٕ وُچھان۔ تسَن آو اَسُن۔ بلبدر گوٚو ارے خجِل ہیوٚ۔ سُہ دراو ہیوٚر کُن نظر تُلنے آنگن دروازٕ کینہ نیٚبر ہُس کوچہ گلِس منٛز۔

بلبدر اوس مہاراج بازرٕ بأپارٕی ۔ بزاٗزی ۔ کریانہٕ تہٕ کاگزٕ اوس
أموٕشتہٕ کعہ چھہ منز اٗنبرٕو اٗنبرٕو ۔ یہ اوس وانہٕ والین ہتھوکس بیپھٹھ مال
دِوان ۔ بٔنیہٕ تہٕ آسہٕ اکھ بازرس منز واریاہ کوچھ ۔ اَکھ زٕ آسہٕ کاشرٕ
مسلمانَ ہاٲنز ۔ باقے آسہٕ سارٕیئے امرتسر ۔ ہوشیار پور تہٕ لاہورٕ کین لالَن
ہاٲنز ۔ بلبدر اوس گُنٕ بَڈٕ یُس پیہندس ٹکرس اوس ۔ اٗمِس اوس
ٹٲر ٹٲر تہٕ کھَشُن ۔ موٹر اوس نہٕ بازرَس منز کانٛسہ ۔ موٹر اٗسی تہٕ شہرس
منزٕ کمے ۔ سوارِ خاطرٕ اوس بختاوارَن ٹانگہ ۔ دوٚن گرٕین ہاٲنز بگو تھاوٕنی
اَس بَڈ اٗمیری ۔ اَوے اٗسی بلبدرَس ڈرستس بازرس منز یٕز تھ کران ۔ گرِس
منز تہٕ اوس لوکٕ گُٹ اٗسی تہٕ یوٚہے بوٚڈ ۔ گرٕ کس جنٛجالس اوس نہٕ ذانٛہہ
سِنیومُت ۔ یوٚتام تہ مول مأج زِنٛدٕ اوسُس گرٕ یکُ لوٚہ لنٛگر اوس مأتس
حوالہٕ ۔ سُے اوس یمہٕ فِکرِ ہیوان ۔ تسَ پَتہٕ اوس یہ بورٕ ماجہ اَٹس کھوٚتمُت
ییٚلہ سہ تہٕ بیٚمہ عالمہٕ گیٚہ ۔ گرٕ ک انتظام اوس غنی جوٗ کران ۔ یہ اوس اٗتی
پلیومُت تہٕ بڈٕ یومُت ۔ أمی اوس بلبدر پننیو اَتھو روٚپ چھومُت ۔ بلبدرس
اٗسَ نہٕ کُنہٕ قسمچ کانٛہہ فِکر ۔ گرٕچ فِکر اٗس نہٕ أموٕ زانٛہہ ہیٚشمژ ۔ یمہٕ فِکرٕ
اوس غنی جوٗ بتھوان ۔ گرٕ س کیٛاہ گرٕژھ آسُن ۔ کمہٕ دوٚہہ کیاہ چھہ پٔنڈی تس

کھیٚوٚن۔ گرٕ یِم معہٕ ہنٛزِ چھہ تمن تنخاہ دِیٚن۔ کٲم بٲگرا وِنی۔ کٲم کھٔسن
تہٕ تِنتہٕ میوٕ باغس بوٗلی دِنی۔ دانہٕ والُن۔ بُڈُس دوہ ہٮ۪س لوٗکِس دوہ ہس
پیٹھ اَنٛگن اَشناوَن سال سَب کرُن۔ یہ سورُے انتظام اوس غنی مجوٗرس
پیٹھ۔ بلبدر اوس نہٕ زیادٕ وٲنٛسہٕ کیٛنٛہہ۔ مَسا مَسا کرِتھ آسہٕ ہے تٕرٛہن
منٛز۔ مگر اَکھ لعہ کچھ وٲنٛسہٕ منٛزٕ اوس اَمِس کیوٗنس کُن رغبتھ
بڈٕ یوٗمُت۔ سُہ تہٕ اوٕ کِنہٕ نٮ۪یاز اَمہ سُنٛد موٗل اوس پانہٕ اَمیکُ شوقیٖن۔
سُہ اوس بیٚنٛتِس دیوان خانس منٛزٕ گیوٚن محفِلہ لاگان۔ تہٕ دوہن دوہ
وُپہٕ زالہٕ ناوان۔ تَس اوس محلٕک محلہٕ وَنان: "اَمہ سُنٛد مزازٕ چھُ پادشاہی"
مٲلِس ییٚلہِ پادشاہی مزازٕ اوس نیٚچوٗ گوٚڈٕ ھنا شہزادٕہ آسُن۔ مگر
اَمِس تہٕ اَمہ سِنٛدِس مٲلِس اُس اَکھ فرق۔ سُہ اوس محلہٕ کِس محلَس
خبرٕ ہیوان۔ وَقتہٕ وِزٕ رمن پلزان۔ مگر بلبدرس اوس محلَس سیٚتھٕ کیہہ۔ سُہ
یہ کرِہہے تہٕ کرِہہے نیٚتیٖہٕ محلَس منٛز اوس وضع دٲرٕی مُنٛد اہتمام کران۔
پانَس کٲٹھ زانان۔ تہٕ اگرَسے کانٛہہ عقدٕ برٛونٛہہ پیٚیہ ہیس تمہ وقتہٕ
اوس نہٕ زانہٕ سیٚتھٕ تہٕ مشہورٕ کران۔ اما پوز غنی مجوٗرس نِش اوس نہٕ
پتھ کُنہٕ کانٛہہ کتھ نٕزرٕ ٹھوان۔ وونی اگر سے اَمِس تِش کانٛسہِ کانٛہہ مطلب

اوس آسان شہ اوس گوڈٕ غنی جُوس پانس کُن کران۔ تہٕ اَدٕ اوس
بلیدرس تام مامہٕ واتناوان۔ اُتھو مجلس منز اُسو سٲرٕ کہ پیٹھ اکھ زٕ
مکانہٕ بلیدرٕنی۔ یمن اُسو تلہٕ وان تہٕ پیٹھٕ کمرٕ۔ کمرن منز اُسو کرایہ دار روزان
اکھ کمرٕ اوس غنی جُون اکس موٹٕ زنانہٕ کرایس پیٹھ دِیُت مُت۔ یمس
اُسو زٕ شُرٕ مِو۔ خانہٕ دار اوسُس منز جوانی داغ دِتھ گومُت۔ گُذارٕ ہچ اُم
نٕ کانہہ سَپِلا۔ تہٕ کرِتھ تہٕ اُس یہ رعہنہٕ زعہنہٕ کران۔ اَتھ بازرس منز
اُس شعہرٕتھ یہ پچھے بدنام زنانہٕ۔ اُمہِ سُند وطیرٕ چھُنہٕ جان۔ یہ چھے
بدکار۔ تہٕ اِلزام اوس غنی جُوس دِنہٕ یوان۔ اَتھ پیٹھ اُسو دار یاہ
اَنٛدری نار چھکان زِ بیٹھو تھاویا اَکس مُسلمانس سیتو تولُق۔ اَمہ
کھوتے چھُس جان زمینس منز وَسُن۔ تہٕ یم شُرٕ چھِ زٕ پانس سیتو
والِنو۔ بلیدرنہٕ زنانہٕ تہٕ اوس سولؤم زِ غنی جُوس چھِ دھینہٕ وَتی سیتو
ہانٛرٕتھ لاگنہٕ یوان۔ مگر تس اوس نہٕ بہان۔ تمہ اوس غنی جُو پننس
گرس منز پنٕنی میوٕ پنٕدٕ ہو وُری یَو پیٹھ وُچھمُت۔ اُمہ سُند طور طریقہ
اُمہٕ پنٕنہ مامے موہ جبتھ۔ مالی پنٕنہ ہش شفقتھ۔ پیٹھ اوس یہ دَہر
پنٕنہ ہا ہیہ۔ یہ اُس یوت یوت تانٕ آنان زٕ پرٕژھس نا۔ غنہٕ صاحب یہ

کیاہ دلیل چھےٚ۔ مگر پٔرتھ کٕنہ پٕرٛژھنٕس اُسس گال گرٛتھان۔ از

یُتھےٚ صدیق جُوٗنہٕ ییتھ بلبدر واپس ووت۔ بازرس منٛز اوس لُکو ہُے

تُلمُت۔ دھنہ وتی اُسو نٕنے نٕنے لیکہٕ لُکھ پران۔ بدکار تہٕ بدماش زنانہٕ

وَنان۔ بلبدر وُچھتھ گٔیہ لُکن موژا بچھرتھ۔ دوٗن ترٛین زٕنین آو

دھرٕمُک جوش ووتھلیتھ۔ تم وُتھس۔ کیاٚ مہرا۔ اَسہٕ چھا یتھ محلس

منٛز شرم کرٕنی کِنہٕ یوٗہے گوٚو چھُ دوٗہے کھیٛوٗن۔"

بلبدرن پٕرٛژھُک۔ کیاہ سہ دلیل چھےٚ۔ اکھ زوٗن ووٚتھس۔ آو

مہرا بٹیہ کیاہ۔ دھنہٕ وَتی نِش اوس اَڈراتن غنی جُو کھوتمُت۔

اَسہ دوٚپ ژوٗر چھُ۔ اٗخرس وُچھان یہ چھُ مامِلہٕ بدل۔ یہ چھےٚ افسوٗسچ کتھ

ناو زنانہ ہٕنہٕ یتھ محلس کانہہ۔ اَتھ منٛز یِم تماشہ سپدٕنی۔"

غنی جُوٗن ناو بوٗزِتھ تھا ئپھٕتھ لوٚو بلبدر۔ تس زَن دِژِکھ لور ژٹہٕ۔

بلبدرن پٕرٛژھُک۔

"تُہہ وُچھو ونہٕ پانہٕ"

بیاکھ زوٗن ووٚتھس۔" اَکہ پھرِ یا۔ ہیرِ پھرِ پٔرتھ نے چھُو

اُمی ییہ پٕرٛژھو اُمِس مال ذات زنانہٕ۔"

بلبدرَن دوٚپُک ژِلاسہٕ دِوان۔ " اَدٕ مہرا بہٕ کرٕ یاپنےٚ مولوٚم ذٕلیل
کیاہ چھےٚ۔ اگرے اَتھ منٛز صداقت آسہ بہٕ کڈَن غنی جوٗ تہٕ گرٕ منٛزٕ تہٕ
دھینٕ وتی کڈٕون ہیٚمہ مکانہٕ منٛزٕ۔ دٕنی کین کرِو توٗہہ آرام۔ صُبحنس گوٚ اَتھ
بیہِتھ سوٗچُن۔"

بلبدر ژاو نارٕ چھکان گرٕ۔ پننُ رٕدُس نہٕ یادے۔ بہٕ کتہٕ اوسُس
غنی جوٗنی یہِ حرکت باسےیَس اوٚصوٗلس خلاف۔ مجلسس منٛز یٔژھ کتھ
سَپدٕنی یہِ آسہ نہٕ بلبدرنہٕ خاطرٕ برداشتس لایق۔

بلبدر گوٚ شیوُدُے تہٕ بیٹھ دیوان خانس منٛز۔ زنانہٕ آیس برونٛہہ
کنٛ۔ کھوٚر بانہٕ مُشراوان دوٗپُس بلبدرَن۔

" غنی جوٗ چھُنا ییتہٕ ؟"

زنانہٕ وُژھس۔ غنی جوٗ گژھہ نہٕ کنٛ۔ یِلہٕ بہٕ لاگِو۔ اَڈر اتھ دوت
کھیٚوُن چھُنا کہینہ۔"

" گژھہ شہ سوزُن یوٗرہ کینہہ پٮ۪ٹھ نِیسر "

یہ نیسر لفظ استعمال کرنس پیٚٹھ گوس اَندری پانس
کیا ہنا مستھ۔ بلبدر اوس اَمس ماگلس برابر زانان۔ ہمیشہ یِرٕ تہٕ سان کتھ

کران۔ تکیاز یہ اوس وُچھان زِ یتھ گرس بیٹھ کہتہ کنہِن چھُ اُمو

خوٚن دیُت مُت۔

اور ییتھے غنیہ صاٖب اندر ژا و۔ سُہ ووٚتھس۔ "گوٚبر ژٕ سے

کھیسہِ تھ نا وُنہِ کینہہ۔

بلیدرن ووٚنُس خشمہ ہیوٚرت۔" اَہن سہ ژٕ ہَر کھیمہ۔ مثر۔

بازس مثر گیٚیم خجالتھ۔ یہ کیشاہ ذٔلیل اُس"

غنی جُوٚن ژۄو اَسُن۔ سُہ ووٚتھس۔ اَدِ ژٕ سے تہ گےٚ یہ یہ لوٚزِتھ

گال زِ غنیہ اوس دھینہ وٕنی نِش ژامُت یوٚت راتھ کیٚتُت"

بلیدر لوٚگس اَتھ بیٚھ تھلہِ تھلہِ وُچھنہِ۔ غنی جُون کوٚر بلیدرنہ

زنانہِ آلو۔ راجہ ریٚنی۔ اَنُس باتھال یوٚتے تنس۔ "ییتہ بیوٚٹھس

کھور بانہ مُثر اوِ نیچ کوشِشش کرہِ۔ بلیدرن دِتُس نہ اَتھ لاگنہ

دوٚ ینس۔

"یہ کتھ بیٚٹھ از"

غنی جُو ووٚتھس۔ اوٚتام اوس سٕے وہمہ زِ بہٕ چھُس تیٚمہِ گرِک

زیٚٹھ۔ از ننیوم زِ بہٕ چھُس نوکر۔ یمن اوقات مُثرا وِتھ اوسُس

بہٕ خابہٕ کرس ہمالس منز۔

غنی جُوٗنی یہِ کتھ کنہٕ اُمس تُرِتھ۔ دوٗپنس "غنہٕ بَبا، یناہیون غلالہٕ گژھی۔ میٚہ تمام عمرٕ دُسے پانس تام۔ ژھنکھ سہ سپکھ۔ بہٕ گوس بُلی لوٚکہٕ کتھن۔"

"نہٕ یہِ چھُے نہٕ اَپُز" غنہٕ صاحب دوٗپھُس درجواب، "یہ بوٗزِتھ تہِ چھُے پوٗز۔ بہٕ چھُس دھینہٕ وتی نِشہ یوان گژھان۔"

بلبدرس آیہ نگینہٕ اَچھن تَل۔ پانس سیٚتی کوٗرُن سدرُن، دوٗپُن میٚہ اگر حق چھُم۔ بیٚیس زنانہٕ نِشہ گژھہٕ نس۔ تس لول برنس بیٚیس چھُنا۔"

بلبدر دوٗپھُس۔ ژٕ میٚہ پیٚٹھ ماتُلنہٕ کاشِہ اَچھ۔ غنی جُوٗن تیچ کمر پیٚٹھ کمہٕ تنہٕ تھوٗد۔ اُمس آسہٕ ساری میٚہ کمرس لاہہٕ کھرِ منز۔ پینس کالس ژایہ راجہ رٔنی بھَتِہ ہیتھ۔ بلبدر دوٗپھُس:

"افسوس۔ یہِ کُس چھُہ موت گنڈان۔"

غنی جُوٗن دوٗپنس۔ خبر چھیہ، اَنہٕ گُنٹس منز آوِ لیٚتہٕ کیتہٕ ہہ۔ ہیٚتی کنہٕ لوسے کمی تام لور دَب۔

"کس" راجہ رٲنِس پرٛژھس گھبراہٹہٕ سان۔

بلبدرَن دوٚنس۔ غمہٕ بَبَس تہٕ بیٚیِہ کَس۔ ہَتہٕ وُچھتہٕ اُمِس ہِے کمرَس لاہہٕ چھِنّے کھرٛ مرٛ۔ ژٕ اَنتہٕ لیٚڈر تہٕ نیل تامتھ مَتھَس یہٕ یوٚہے۔ راجہ رٲنۍ گٔیہ دَوِ دَوِ تہٕ تمہ اوٚن لیٚڈر تہٕ نیل کھائ سِس منٛز۔ بلبدرَن دیپوٚنس یہٕ لاگَس پانَے۔ مگر غنی جُوٚن دوپُس وُنی چھُے بَجتہٕ کھیٚشوٚن۔ اَتھَس روزی تیٚلہٕ پھکھہٕ۔ مےٚ چھَنا پتس نَرِ۔ کھےٚ ژٕ میٚوٚنڈ کھَشَڈ۔"

بلبدرس گٔنڈن اَندرِی کنو رٲنِہ۔ "سہ ووٚتھس۔ نا تہٕ ژٕ پرٛزناوی مَن نا کانہہ۔ بیٚیہِ خوٚن پھُمَس۔"

غنی جُوٚن دوٚنس: "یہٕ اگر پرٛزٕ ناوِہَن۔ یہٕ ژٕ ڑاوِ ہَنا تیٚلہٕ۔ بوزِہٕو کُس لسہ ہے کُس مَرِہے۔"

راجہ رٲنۍ وٕژھس۔ "تخیٖل چھُن مَرِہے۔ خبر کَس پیٚیِہ نٔر وٕسِتھ۔ چانہِ بلایہ لوٚگ۔"

یتھے بلبدرن اَتھہ چھوٚل۔ اَدِ ڈٕرٛاو غنی جُو تہٕ گوٚ پَنِنس کمرس منٛز شونگنہٕ۔ گرَس منٛز اُسی بیٚیِہ تہٕ اَکھ نہٕ موہنو۔ ڈُم ڈُم چلاوَن

وول شِلہٕ اوس۔ آب سازٕن وول شلامہٕ اوس۔ تِم دژایے پہٕ سأری غنی
جوٗ ہٕنہٕ بدلہٕ دژِتیس بازٕرس سیتھ لَڑٲنہٕ۔ مگر راجہ رٕیٖنہٕ دیُتنک ہٕ بَرٕہ مبر
نیر ہٕ۔

بلیدرٕن پرٛژھ راجہ رٕیٖنہٕ۔ " چون کیاہ خیال چھُ۔ دھینہٕ وتی تہٕ
غنی جوٗس چھا کانٛہہ توٗلُق۔"

" مے چھا خبر۔" راجہ رٕیٖنہٕ دِتُس جواب۔ بٕ کیاہ انٛدرٕ نیٖرِ چھس
نیران۔ بوڈ بڈ ہم چھس شبنس مٔندرس پیٹھ گرٛھان۔ تتہٕ چھس بوزٕنے
یِہ تہٕ۔"

" گوٗ اَتھ کتھِ چھُ جان خرچہٕ " یہ وُنِتھ ترٛوو بلبدرٕن اُشن۔
راجہ رٕیٖنز دژایہ نُھال ہیمتھ نبر۔ تہٕ بلبدر بیوٗلہٕ واریا ہس
کالس سوچنہٕ زِ یہٕ اِنسان تہٕ کوتاہ ژھوٗژھ چھُ۔ یتھ پانس برابری
پیٖیس تہٕ گوٗ جان ییتہٕ نس پانس کانٛہہ تکلیف واتیس تہٕ گوٗ ناکارٕ اخلاقی
اوصولٕ تہٕ چھہ انسانس اِنسانس الگ۔ دیارٕ وول اگر شرابہٕ چیٖیہٕ دیان
یہٕ چھُ عائشہ موٗت۔ ہتہٕ بُدِس چھُ سور کرٛان۔ تہٕ نادارس تہٕ اگر طماہ گوٗ
تس دیان یہٕ گوٗ شرابی۔ دنیہٕ راوُل۔ یی سوچان سوچان پیٖیہ بلیدرس

دیوان خاتَس مَنٛزٕ رٛے نیٛندرٕ۔ دھینہٕ وُتی اَمِس دوٗجان۔ تَس اوس اَز
سَنہٕ وٕہرِ ک بٔنیبہٕ کھوٗرگوٗ ہیوٗمُت۔ بڑوٗنہہ اوسُس بچہ زامُت مگر یتہٕ
سُشدُے مودمُت۔ اَوٕ موکھ اَمِس سوٗ یٔمہٕ وِز فکرَن پیٛہرِ ش۔ تمہٕ اوس
بوٗے۔ بأیی کا کنہِ تہٕ پننی پوٗ پچھ تام ریتھ بڑوٗنہہ نادِ دتھ اَنی ہتی۔ سوٗ گیہ
تہٕ بیٛٹھ بأیِس نِش اَنیکھ وُدُناہ کرنہٕ۔

صُبْنَس کاش پھوٗلہٕ وُنے وأتی محلکو زِ ژھو بلبدرس نِش۔ بلبدرن
دِتکُ فأصلہٕ زِ یا پکِن سہ دھینہٕ وُتی پتنس سَتَس پیٛٹھ۔ نَتہٕ کڑ یوٗن سوٗ
اَمہٕ کرایہٕ مکانہٕ منٛزٕ۔" اَتھ پیٛٹھ کوٗر ساریوے صاد۔ بلبدرس اَمِس نہٕ
پانس خبرٕ زِ یہ چھا کرایہ دوان تہٕ نہٕ کوتاہ چھٕنے دِوان۔ وأنس کیاہ آسہٕ
شکلہٕ کرِتھ چھٕنے۔ یتہٕ اَمِس نہٕ اَمس خبرٕ۔ بٔنیبہٕ اوس نہٕ یہ فأصلہٕ تَس پانَس
تہٕ منظور۔ تمُو ووٚن یہ فقط محلہٕ زِ ژھین ہُندِ دِل تھاونہٕ خأطرٕ۔ بلبدر ووٚتھک
اَدٕ ہرا تہٕ توٚہی گژھو دھینہٕ وُتی نِش۔ وٕ چھو سوٗ کیاہ دِنہٕ۔ غنی جوشبالن
بٕ پانے۔"

تَفرٕ ژوہ مرآیہ ٹارٕ ہٕ۔ دوہ یَو کوٗر پانے پنُن پان والنیرٕ۔ اَتھ اوس
واگیشور۔ اَمِس اَمِس لہ کِہ چارس زنانہٕ موٗمرٕ ش۔ یتہٕ اوسُس نہٕ بٔیا کُھ ہنیومُت

تِنہٕ پیٹھ اوس اُمِس دھرمک سَخ بھاوہٕ ہُر یوُمت۔ یہِ اوس موٚنڈَن ہِنٛدِس ٹُینر وِواہَس خلاف۔ یوٚتےٚ یوت نہٕ اُمِس اَمِس پٔرِتھ کاٚشُہ ہِشَر جیٚیٹھ۔ کُس کیاہ چھُ کَران۔ کمُ کھیو۔ کمُ کھیو نہٕ۔ یہِ ڈیٖپِرٕ تہٕ دھنہٕ وتی تہٕ اوس یوٚہے پُہرَس۔ اُمی اوس غتہ جوٗ واریاہ پھِر شامَن شامَن دھنہٕ وَتی نہٕ ہیٖر وَسان وُچھمُت تہٕ اَز اوسُن موقَس پیٹھ روٗٹمُت۔ دھنہٕ وُتی نِشہِ یم ژور زُنی سکھ ریپہِ۔ رَتمَن منٛزٕ آو واگیشور لیڈر ژارنہٕ۔ فَیصلہٕ آو کَرنہٕ زِ کٔھتھ کَرِ واگیشور۔ دھنہٕ وتی اُس اَمہ وَقتہٕ تۄٚمُل ژاران۔ زٕ موحکُم شرُحا اُیس وُنہٕ زَچہ وُرِی نِس منٛزٕ ے شوٚنگِتھ۔

اَمہ دٔپِت جَل جَل وَگوِس پھَش۔ تہٕ پانہٕ بیٖہِتھ بیٖیہ تۄٚمُل ژارنہٕ۔ واگیشور وۄٚنُس۔ "اُسی ہَبی چھ ژٕ ٚیے نِش اَز فَیصلہ کَرنہٕ آمِتۍ۔ "کمِثیک" دَھنہٕ وَتی وۄٚنکھُ نظر بوٚن کُن تھاوِتھ۔

"ژٕ ٚیے چھے پَتاہ۔ یہِ چھُ شریفَن ہُنٛد مَحلہٕ۔ ژٕ ٚیے تہٕ پیٚیسی شریفَن ہِنٛدی پاٗٹھۍ روزُن۔" واگیشورَن وُچھ ترٛٲپن تَفرن کُن یم اَمِس سیتی اُسی۔ مگر سوٗنچان اُسی خبر کیاہ کیاہ۔

دھنہٕ وَتی وۄٚننس۔ "اَدٕ با تہٕ مےٚ کیٛاہ رذالت کٔر؟"

امہِ سُنٛد جواب بوٗزِتھ کَڈ باقیو ژٔبیو نفرو تہٕ ووٚتھ ہش ۔ اکھ

زوّن ووّتھُس :

"یہِ چھا شرافتھ ۔ یور چھُ اَکھ نفر راتھ کیٚتٕ یوان ۔"

"اَکے کیٛا زِ" دھنہٕ وُتی ووٚننس اَچھن منٛز اَچھ ترٲوِتھ ۔ "یور

چھ زٕ زٕنی یوان ۔ اَکھ اَکہِ دوہ ہیہِ تہٕ بیاکھ بیٚیہِ دوہ ہیہِ ۔"

امہِ سُنٛد جواب بوٗزِتھ گَیہِ ژۄہشونی عقلہٕ بقل ہش ۔ تمن پھوٚرنہٕ

جوابے ۔ دھنہٕ وُتی ووٚنُکھ ۔ یَس نہٕ کرِنس کال گرِٛتھ تَس گرٕھیاونس

میٚنے گوم دوہِ شرمہٕ زٕ ہیتھ لون ۔ یمن چھُم پھاہ دیُن ۔ یم چھم بچاوِنی

بُنے پنُن پان کینہہ تہٕ اَدٕ کیاہ کرٕ ۔"

واگیشورس کھوٚلے یہِ اَلتہ ہیتھ زٕلو ۔ تمہٕ ووٚننس ۔ "یہِ ما چھُ ضٲبطہٕ

ژٕیئے بٹہٕ کوٚلس منز آیکھ ژٕ تے پیٚیی دَھرمس کرمس ہیتھ روزُن ۔

یُتھ ہیوٗ "تاوَن" چھُنا بیٚیہِ کانٛسہِ پیومُت ۔ تم تہٕ چھایی کران ۔ پنُن

دھرم چھیکہٕ کانٛسہِ ترٲومُت ۔"

دھنہٕ وُتی وُژھکھ ۔ وُچھ بابنُن دھرم چھُ پریتھ کانٛسہِ پانس

میانہٕ سیتھی اگر تہندِس دَھرمس ہان چھُنے یوان ۔ توٚہہِ کرِہو تہٕ دَھرم ۔ توٚہ ملِس

ژوٗن ترکَن تہٕ روٗپین ژوٗن ہٕنٛز چھِس بہٕ حاجت۔ یتِس یوٗت بوٚڈ
محلےٚ چھُہ۔ تَتھ باتوٚہی کرِو توٚ کٲم۔ حاجت بٔڈ موٗتدٕ مِسکینَن ترٲوِو توٚ وُرُن
پہٕ دان کرِو توٚ۔"

محلہٕ زٕ ھٹین لوٗگ پہٕ بوٗزِتھ چاے تھٕھٹُو گنشدٕ۔

واگیشورَن دوٚپُکھ۔ "بابوٗ۔ کَتھ لَوِ اُمو ہٕنٛز شرٲہ آسہٕ۔ پکو اَتھ
پیٹھ کرو صَلاح۔"

صلاح مشوٗرٕ کران کرانے گیہ لوٗکن پہٕ کہتے نِشتہٕ۔ مگر بختہٕ بوٚڈ
دراو تہٕ محلس منٛز کانٛہہ۔ اَتھ کَتھہِ آو نہٕ ٹاس تہٕ کڈنہٕ۔ سوینٛچ کوٗرکھ تہٕ
اُمِس چھُہ۔ تِیہِ زنانہٕ عقلہٕ ناش گومت۔ ووٚنی مہ کرِو کنس کَن کانٛہہ
خبرَ نہٕ بیہِ یِیو بلبدرس کانٛہہ پہٕ کَتھ وَننس۔ اَکھتےٚ پرُژھ بلبدرن
اَکیہ دوہہٕ غنی جُوس۔ کیاہ سَہ تُہنٛز کیاہ مشوٗرٕ کرےیوٗو۔ گٔمتو اُسہ
دھینہٕ وُقی نِش۔"

غنی جُوس ووٚنُس۔ "گیتی اُسہ۔ تہٕ ونیو تکھ رتٕ مشوٗرٕ۔"

"کیاہ" بلبدرن پرُژھس توجہ سان۔

" دپیونکہ یوٗت بوٚڈ محلےٚ چھُہ۔ توٚمِس ژوٗر ترکہ تہٕ روٗپیہ ژوٗر

دی تو میٚہ۔ اَدٕ وُچھتوٚ میٲنۍ شرافتھ۔" غنی جُوَن ووٚنُس ، اَمہٕ وُنہٕ ہوٚنجہٕ

"بس یوٚہے چھا بوٚڈ مسلہٕ۔ میٚ تِتھہٕ کُنہٕ آیہ۔ اَسہِ دِمہٕ ہوس

کیاسہ اَسہٕ ہیکہٕ ہوس نادِتھ۔" بلبدرَن پرٛژھ غنی جُوَس تِتھہٕ کُنہٕ۔ زِنتہٕ

دِتہٕ دول سُہ ادس۔ غنی جُو ووٚتھُس۔" اَسہ زٕ وَرِی دِوان ووت۔"

"کیاہ۔" بلبدر گوٚ حیران۔

"یِی ہسہ۔ توٚہۍ ملس ژور ترٛکہٕ تہٕ رہ پیٚہ ژور۔ بہٕ اوسُس تِمہٕ وقتہٕ

تہٕ توٚہۍ ملس ژور ترکہٕ ہیتھے دھینہٕ دُتی ہُنٛد گومُت۔ میٚ چھُنا مٲلی چاۓ

لالہٕ صابَن عادتھ کوٚرمُت۔ تتھہ کیاہ کرٕ تقصیر چھُم۔ ژٕ تے نبا پرٛژھے نہٕ

تتھہ چھُس توٚہہ ناہگار چھُن۔ یاگو ژھ آسُن اِنسان کِنیُو۔ اَتھٕ رے

گرژھہ ہیس نہٕ بیٚیہ سُنٛد۔"

بلبدرس ہیوٚر اَچھن گاشہٕ ہیوٚ۔ دوٚپنَس "غنیہٕ بَبا

ژے ییٚتی جنت پھُھے زیوٚن مُت۔"

منٛز گیہٕ . ترٛٚیہ دوہ تہٕ ژورِمہِ دوہ ہاہٕ دوت بلبدر شامنس
ژیر کہٕ یہٕن وانہٕ پیٹھہٕ سیٹھوٗ دُرے صدیق جُونس اَڈُس پیٹھ ۔ طوطہٕ اُمہٕ ژ
اَتہٕ ۔ سوہ اُس گرٕ گُمُت ۔ شادہٕ اُس صدیق جُوٗس سیٹھو کوٚت تام ہیوس
بوٗڈس منٛز گُمُت ۔ جبینس اوس پوٚہپتُر بوے موومُت ۔ سوہ اُس توٚرِ
سمکھنہٕ گُمُت ۔ اَتہٕ اُس سارہٕ تہٕ نگینہٕ ۔ بیٚیہِ اوس عُلہٕ یہٕ تہٕ وانہٕ ۔ صدیق
جُوٗس ٹھی یاتس یہٕتہٕ تہٕ اوس ٹُکاو دُکاو عٔلی یہٕ کران ۔ عٔلی یس اَو
اَز ماٗلکس یہٕتہٕ بلبدرہٕنی خدمتھ کرنٕک جان موقہٕ ۔ بلبدر اوس گرایکُ باٗژ
ہیوٗ ۔ گرِ کانٛہہ آسہ ہے نہ آسہ ہے ۔ تمہٕ سُنٛد باپتھ اُسہ دروازٕ وُتھی ۔
یہٕ اوس یہٕ دٔپہٕنہٕ تہٕ اَتہٕ حکمُ چلاوان تہٕ پٔرتھ اَکھاہ اوس اُمی سُنٛدِس
حکمس تعمیل کران ۔ عٔلی ین کُڈ جل جل جُچیر اَلمارِ منٛز نیبر ۔ یہٕ اُس بیٚٹھ
گرٕ اَکی ہٕنٛد خاطرٕ اَکھ ٹھاونہٕ آمُت ۔ اَکھ اوس درِ ہٕنٛدِ جنارِ دُھنٛن
نانہٕ کولہٕ حانکی ناٹھٔن تہٕ بلبدرن کُنہٕ کُنہٕ ساتہٕ تمو کھچیوٗمُت ۔ اَکھ
اُس زیٹھ رَیژ وٕتے ۔ جُچیر اُس روزان دروازٕس نٕشہِ کوٗنس منٛز ۔
تہٕ تمو کھ جبینہ وول اوس تکیس سیٹھو ڈوٗکھ دِتھ گوٗل گوٗل چھوان
تہٕ دِہہ ژاوان ۔

رچلہ مرٕ بیٚیہٹ تیوٗنگل ھٮ۪وان وونُس عٔلی ین۔ "مہرا۔ تُہٕنٛدِ خاطر
کیٛاہ رٔنو۔"

بلیدٔرن وونُس جِگر پوٗنی ساران۔ "یِیٚتہٕ چھُنا بیٚیہ کانٛہہ۔"
"آہن مہرا۔ سارِ چھےٚ ییٚتی۔ نگینہٕ تہٕ چھےٚ ییٚتی۔" عٔلی ین انداز
اوس کُھتھ زِ زٔنتہٕ وَنُن اوسُس۔ "مےٚ وَن سہ کوسہٕ اکھ کرن حاضر۔"
"تیلہٕ سایٔ سارٕس دِکھ یوٗرِ ہی آلو۔" بلیدٔرن وونُس تمِس کی گوٚل آسہٕ
منٛز تراوِتھ۔

عٔلی ین دِراو کُنی وہہ بڑ نیٚبر نہٕ کوٗرُن وُزِ منٛزٕ سارٕس آلو۔ سارِس
اوس نہٕ طبیعتھ ٹھیک۔ تمہٕ اوس اسپرین پِل کھیمٕتھ وُنی کلہٕ پٮ۪ٹھر
ترٛوومُت۔ تمہٕ یٮ۪لہٕ نہٕ اورٕ جوابے دِتُس۔ عٔلی ین ووٚتھُس بڑٕ بڑٕ۔
"یہ ہیٚبا چھےٚ بلہٕ جی آلو دِوان۔"

بلہٕ جیین آلو بوٗزِتھ کٔڈ نگینن ووٚتھ ہِش۔ تمہٕ اوس سارِس
تُشن اُمی سٟنٛد آلو بوٗزمُت۔ ییٚتہ اوسُن بوٗزمُت زِ اُمی کتھ بیٚیہٹ دیتی
صدیقو چُھس ژور ہیٚتھ رہہ بیٚیہ۔ سارِ ؤرتھ تھوٚد۔ تہٕ تمہٕ ووٚن وُٹھ تلی
اَمن تراوِتھ نگینس کُن۔

" ہتو چون گژ اکھ ہا ووتے "

نگینس باسے یہ لیکھ ہش۔ سہ بیپھڑ پانس ووہ ہوٚتۍ۔ صدیق جوٗس ووہ ہوٚتۍ تہٕ بلبدرنین بٔٹۍ دوٚتاہن تام کھٔجن لیکہٕ۔ سارۍ بیپھٹس اکھ بیپھڑ ژٕر پوٚپ کران آسہٕ نہٕ۔ تمہٕ ڈیٛت ہستس ہیوٗرکٕن چھش تہٕ گیہٕ بلبدرس نش نگینہٕ آیس یتہٕ پتہٕ۔ سہ بیپھڑ دروازس ژھایہ کت دِتہٕ۔

سارن کرٕ بلبدرس سلام۔ تہٕ تیتھ کٕنہٕ پرٛژھنس گرٕ کین ہانٛز شیٛچھ خبر۔ زنتہٕ اَمس سیٛتی پرٛانۍ کانٛہہ رشتہ دارۍ آسس۔ سارس اوس کیشرو کٔتھو کٕنہٕ بلبدرس سیٛٹھا خوش کران۔ اکھ اوس یتہٕ کھٕتھ چھلتہٕ چھوٚ پَلوٚ لاگان۔ زنتہٕ وُنی دوہ یہٕ آسہٕ آمژ ہتو۔ بٔیبہٕ اوس یہ کتھ سیٛتی ہرکانٛہہ قدرٕ کھاران۔ اُمی سٕنٛدس دُکانس بیپھڑ اگر کانٛہہ نوٚو کیٛہہ پداتہٕ ہیے تمیتھ اکھ اکھ جورٕ اوس سارس، شاذس تہٕ طوطس کیٛتھ تہٕ سوزان۔ حالانکہ پانس اُس اَمس اکہِ بیے زنانہٕ سیٛتی برابری۔ سہ اُس طوطٕ۔ تہٕ طوطٕن گیوٗن۔ سارس اُس نہٕ طوطس مقابلہ بیٛز کرنچ تہٕ دِنی تکان تہٕ کرٕتھ تہٕ اوس بلبدرنٕ کُنٛزٕ کُنٛزٕ سارس ناد دِتھ آنان تہٕ دِیان۔

"نٔلہِ سہ وٕژُن ونکھ۔"

"کیٛاہ کرٕ ویٚسۍ یے پوٚشِس نہٕ کرٕمَس
تَس لوٚگ پرٕمَس کیٛاہ چھُ میون پاے۔"

سارٕ اُس یہِ ڈیٛڈٕ رِتہٕ رس کیٚتِس گژھان۔ شِنہٕ مانہٕ ہٕشدٕ پاٹھٕ شرمہ سیٚتۍ اُندرۍ گلان۔ مگر چارٕ تہٕ اوسُس نہٕ کیٛنٛہ لگان۔ یِکیازِ یہِ اُمس زانان زِ بلبد رچھنہٕ اپٕزٕ وٕنان۔ اُمِس چھُ میتانہٕ اَڈٕ رکجٕ زیٛوٕ رِتہٕ یہِ باٹھ گیوٚن یٕژٕ کرنہٕ یِشد۔ سارَس اوس پانَس یہِ باٹھ سُنِتھ گومُت تَس آسہٕ یہِ گیوان گیوان دِلہٕ چہٕ تارٕ وٕزان۔ تہٕ اوٚش دارٕ وَسان۔

" کیٛاہ کرٕ ویٚسۍ یے پوٚشِس نہٕ کرٕمَس
تَس لوٚگ پرٕمَس کیٛاہ چھُ میون پاے
تہٕ اُرِتھ گومے یِتھ کمالہٕ گرٕمَس
تَس لوٚگ پرٕمَس کیٛاہ چھُ میون پاے"

یوٚکھ اُسہِ یور یِوان دِل بہلائی کرنہٕ۔ کانٛہہ اَکھا کرے یِکھ یِشد تہٕ تمی سے سیٚتۍ گُذارے یِکھ راتھ۔ یہِ اُسہٕ نہٕ سونٛچان زِ اُمی یِنْدِس دِلَس منٛز کیٛاہ چھُ۔ اُمی یِنْدِن حسرتن کُس خوٗن چھُ گومُت۔ تِم اُسہِ

ینِنِین یٲٹِس حساب کران۔ اکہ اکہ ہارِ ہُشند ژھمہٕ وگراوان۔ مگر بلبدر
اوس نہٕ تِمَن مَنز۔ بلبدرس اوس یورواٹھ تِھہٕ پَنُن پان تِمَن مخلوقن سِتیٖ
باسان یِمہٕ زمینکی آسَن۔ یِم اَسمانہٕ پیٹھٕ آسَن رٮ۪ژھ کھٔنٛچہ زمینَس
پیٹھ وٲتھمتی۔ تِھٕنٛدٮ۪س کھشنٛدٮ۪س روزَن تہٕ بٮ۪یہٕ زَن اَسمان کُن دَو۔ بلبدر
اوس یِمَن بدٕ ہے نظراہ کران۔ بدٕ ہے اَنمانہٕ وُچھان۔ شہ اوس نہٕ یِہَنٛدِن
ملائِم اَلھُن پٮ۪نٮ۪س اَتھَس مَنز جیر دِوان۔ یِہَند کُنہ اَکھ بِیاکھ دِوان
اوس۔ شہ اوس نہٕ یِہَنٛدِن بُنھٕپن میوٕ کھٹ کرنکہٕ بہانہٕ دٕنٛد تاران تہٕ
یِہَنٛدِس چانٛچہ نور کرنَس تہٕ اوٗش ہارنَس مَنز ٹُلان۔ شہ اوس سارُن
اَکھٕ تہٕ تِمہٕ انٛدانہٕ اَتھَس مَنز رٹان زَن تہٕ یہ حلب شیشہ اوس تہٕ اَکھ
اوس زیر سِتیٖ پھٹنُک انٛدیشہ۔ اَمِس سِتیٖ سارِنی راتھ گُذارِنی اَمِس
اَکھ عجیب تجربہٕ۔ اَکھ خاب ہیوٗ۔ اَتھ خابس انٛدر آسہ رٕتِہ حرکَتہٕ
رٕتِہ گٔنٛدرِ باشہٕ تہٕ شہ روشُن تہٕ مَتہٕ نادُن شاہل، یُس لہٕ کٕہ چارٕ مَنز
اوس آسان۔ یٮ۪لہٕ یِمہٕ لہٕ کچھ لہٕ کچھ ویٹھٕ اَکس جایہٕ سَمان آسہ تہٕ تِتہٕ اَمِہ
ھیہ ٹینہٕ مَنز انزس گَنٛدان۔ بے غم تہٕ بے پھرکھ پٲٹھٕ۔ لہٕ کٕہ چارکِس تِتھ
شرارتس یُس مَنز اوس شہ لُطف اوس بلبدرس سِتیٖ راتھ گُذارنس

مگر یہ راتھ اُس رِیتہٕ وادَو پیٹھ خال گٔنہ دۄہ ہیٚہ یوان۔ سۄ تہٕ ییٚلہٕ طوطہٕ
پنٕنہٕ گرٕ آسہ ہے تہٕ اَتہٕ آرہہے نہٕ بیٚیہ کانٛہہ۔

اَز تہٕ اُس نہٕ طوطہٕ اَتہٕ مگر طوطہٕنی جاے اُس نگیٖنن رٔٹمٕژ۔ سارِس
اوس نہٕ اَمیُک کانٛہہ مَلالہٕ۔ تَس اوس نہٕ کانٛہہ ہُنٛد کانٛہہ ملالہٕ گژھان یِمہ
پیٹھٕ اوس آسان از طبیٚعت ییٚتھ نا ساز۔ تہٕ گرٕ تھ ییٚلہٕ آمہ بلبدرٕن ناو
بوٗزِتھ آیہٕ ہُمہ یٹمہ وراٲی اَمِس بٕروٗنہہ کُن۔ کلَس اُسِن پۆژ پیٚپیٚر
گنڈِتھ۔ بُجھِس اوسُس وۄشلُن کھوٗتمُت۔

بلبدرٕن پرٛژھِس۔ "ژےٚ کیٚتھ سہ چھےٚ دود"

"گژھی نہٕ" سارٕن دِیتُس جواب۔ کلَس اوسُم گۄبُر ہیوٗ باسان۔
تۄرے گنڈٕم پۆژ۔"

"ڈاکٹرس ہاوِو زٕ ہے پان۔ وَنہٕ کھیٚتہٕ بہٕ اَنساوَن عٔلی یَس اَتھ۔"

بلبدرٕن کٔرِس ہمدردی۔

نہٕ نہٕ تمیُک ضروٗرتھ چھُنہٕ۔ مےٚ اُس دوا پیل موجوٗدے۔ مےٚ
چھ مُنزِ مُنزِ کلہٕ گۄبانہٕ۔" سارٕن دوٗپ اگر یۄسہٕ بہٕ یوٗزٕ دنس مےٚ چھ
دود۔ یہ گژھہ تہٕ آنہٕ دِنی ڈاکٹر۔ زِچارہٕ آمُت آیہ خبر مگر عارِمتہٕ۔ مِیون

گژھیس ہر چہ۔"

ساہ اُس نہٕ بلبدرس آمرٕ شکوہ کرٕ بیتو کرٕنی یژھان۔

سارن کرُس ہنٛنُ ذٲنِتھ مازرلھ۔ "تہیٚ وٲنو تہیٚ کیاہ کھیٚیو۔"

بلبدر اوس گژھنہٕ دوہہ پہنٛدی خاطرٕ مازٕ برٕ ناوان تہٕ بٹہٕ کانٛدرس
نِش ژوچہ اننا وان۔

یٚپتِس کالس بلبدر سارنیٚ سیٚتی کھٔسن لوٗگ۔ تیٚپتِس کالس گوٚ
عکہ بازر ناپہٕ سیر جوراہ اَنِنہٕ کدِ لہ اَیارٕ۔ بٹہٕ کانٛدرس اکس نِش اَمن
ژونٛنہٕ ژوچہ۔ یم اُسہ دوہہ یپٕلہ ڈبل یا ٹنسس ژوٹ اُس بنان۔
نگینن وُچھ دروازس ژھایہ ہیوٗل بلبدرن مُہتھ۔ تَس اُس رایہ یہ
نہٕ آسہ گنہٕ بٹس سوٗنب وَہرِ پَنٕراہہ۔ تس اوس ہر کانٛہہ دیارٕ وول بٹہٕ
چِکدار تہٕ وڈدار باسان۔ یپٕلہ سعہ کانٛسہ دیارٕ وٲلی مُتعلق ذِکر بوزہے
تَس اوس انداز آسان زِ یتہٕ آسہ گنہٕ بٹس سوٗنبے۔ نگینن وُچھ ساہ
کھٔسن میٹھے پرٕ۔ نبرٕ ترٕ وُچھن نہٕ اَتہٕ۔ تمہٕ دوپ یوٗہے چھُ موقہ یتھ
نیرنک۔ تمہٕ ٹُل وٕلنجہٕ پیٚمہٕ سارن ڈیٚہہٕ۔ یوٗہے ووٗلن کلہٕ نلہٕ تہٕ سوٗت
سوٗت قدم ژلان تَسٕ دِو دِو ڈبہٕ ہیرٕ کنہٕ بیٚیس لرٕ۔ اَیاگرو تہٕ اوس

بوٚن وۄسِتھ دَروازٕ۔ گژھاکھ ٲسۍ ٲمی دروازٕ اَژان نیران۔ مگر اَتھ
ٲس نیٚبرٕ کینہہ ہٲنکل۔" ظٲہرا آسہ اَتھ نیٚبرٕ اَڈٕ ژوٚٹ قُلُف کرِتھ
ژرامُت۔" لوتی پھیرِ واپس۔ وُنہٕ ٲس ڈٲبہٕ نِش واتہٕ نے زِ اوٚرٕ گوٚو
دَروازٕ مُژراوُن۔ عَلی بہٕ ژاو اَندر۔ یورٕ ڈیٖٹھ سارَن نگینس آلو سوٚ
آیہٕ مَنٛز باگ یِیہے رٹنہٕ ہِش۔ تہٕ گُنی ژھال دِتھ ژایہ ٹرانہٕ کُھڑس مَنٛزٕ۔
سارٕ ژایہ اَندرٕ پیپھٕ نیٚبرٕ ڈٲبہ پیپھ۔ اَتہٕ بوٗزُن نلکہ صَدا نگینس
پیوٚ ہنگہٕ تہٕ مَنگہٕ پَلو گُڈِتھ آب شیرُن۔ سارَن دوٗپنُس "تَلا دَروازٕ مُژرہ۔"
"ژےٚ کیاہ گژھی" اَمِہ ڈیٖتُس یِتھے کَنٛزٕ اندرٕ جَواب۔
سارَن دوٗپنُس نہٕ کہینہ۔ سوٚ ژایہ بیِٚیہ اَندر۔ اورٕ گُڈُن صابنہٕ
چاٹُی۔ سارٕ وُژھُس۔ "رَژھا پژاڑیو زِ ہے۔ اَتھ آسی نہٕ وُشُن پونی۔"
نگینَن دوٗپُس۔" سوٚ کیٖہ وُشُن چھُس۔"
"یہٕ رَٹھ تہٕ صابَن۔ اَتہٕ چھے نہٕ صابَن۔"
نگینَن پِلہٕ نوٗوُس روشن دانہٕ کینہہ اَتھ۔ سارن وُچھ ٲمِس مَس
وۆڈٕ تھے۔ سوٚ وُژھُس" یہٕ ہا چھُکھ زَکلہٕ تہٕ۔" سارَن بوٗزِ نے ٲمی سُنٛد
جَواب سوٚ گیہٕ ژھنگان اندر۔ تَس آیہ نہٕ یَژھے۔ تمہٕ اوس بلبدُن

مۆڈ ژُچھمت تہٕ پانَس سیٖتۍ سوٗنچ کوٚرمُت زِ اگرَے یہٕ نگینَس دٕپہٕ
تَلے اَنِتھ ووہڈٕ شیر تہٕ آب۔ یَتہٕ آیکھ تَتہٕ چھوٚلُتھ نہٕ اَکہِ دوہ یہہ تہٕ
کَلہٕ، یہِ مَتہٕ بوٗزیٚ تن۔ ووہنی چھِنؠ اَمس سیٖتۍ شوٚبِتھ دَب دَب کرٕنی۔ تِتھ
بَدلہٕ ییٚلہِ یہِ پانےٚ غسل خانَس منٛز نظرِ گَییَس۔ سارَس کھٕرُش وأنیج بوٚنھ۔
اَنٛدرٕ اَژِتھ سجود تَمہٕ یارٕ بلکُ کٕرٕ۔ ڈوٗن پھش دِتُن پانےٚ۔ عٔلی یَس تہٕ
پٕزارے یہٕ نہٕ۔ سُہ اوس پانہٕ لَنگر تَپاوان۔ تِکۍ یہٕ ہٕتھاوُن ڈوٚکھس تہٕ
دَرواز َس ثرٛوُن پَرٕ دٕ بیٖلہٕ۔

بلبدر اوس اَپارِ گُنٛۍ زوٗن۔ عجیب اِضطرابَس منٛز۔ گرا اوس
تھوٚد ووہتھان۔ گرا بِہان۔ عٔلی یہِ اوس اَنٛزی کُنٛزی دانہٕ کُٹھِ منٛز
نیرِتھ تَس نِش یوان تہٕ پرٕژھان۔ ”رِچلہٕ مہٕ چھا تیٚتھ نکُل۔ تموک ما
لاگُس۔“ یَتہٕ اوس یِتھےٚ رِچلمہٕ پھوک اَکھ زِ دِوان تہٕ نیران۔

سارَن وول یَپارِ بوٚڈ آدم قدٕ اٰینہٕ تہٕ یوٚہیٚ تھوٚوُن ژایِنَس
سیٖتۍ۔ قلمدان ہیوٚ سِنگار دان تہٕ تھوٚوُن اَتی تَس تہٕ پانہٕ دٕراہ
نیبر۔

مُیتھے اورٕ نگینہٕ آب لَدِتھ آیہٕ۔ تَمہٕ ژُچھ کمرک ہوا نوا بدل۔ زنتہٕ

اوس سالرن مین۔ تس گو اندری ہچھرتھ کنھ۔

"مے ما آیہ اَز یاوٗن پانئے شامتھ"

اَمہ تھوومس اوٗدرے دَچھ وُلتھ چھپرِ گنڈِتھ۔ آدم قدٕ نس کُن دِژن اَکھ ژور نظر۔ قلمدان ہیوٗ سنگارٕ کس تُمن تہٕ تھوومن طاقچس پیٹھ۔ اتھ ڈولُن نہٕ پننہٕ جایہ۔ کمرس یُس پلوٗ اوس منزٕ تنھ دارِ گوٗ اَکہ دوٕ رِیہ لٕٹہٕ ٹھک ٹھک۔ نگینس ژٕج وانہ نیٖرِتھ۔ دوشلٕ کھوٗ تس تہٕ ووٗتھس۔ اَتھ کھور ویس ریس ہی۔ اَپارٕ گَیہ کنتھ کنتھ۔ یہ دژا یِیہ یِیہ تِمنے کن دِتہٕ زٕ سارٕ گیٖس بڑٕ ٹھہ کُن پاٗدٕ۔ تمہ پرٕژھس۔ "مس چھُے نا یارُن"

نگینن دوٗپُس۔ "یہٕ پارٕہٕ ؤُنی کینس۔ اَتھ نیرِ نہٕ آدرِس زَکھ" سارن ترٕوٗ اَسن۔

تمہ ووٗنس۔ "تلہٕ یا یکھ مے نِش بیہہ۔ یہٕ ہاوے زکھ نیرِسہٕ کتہٕ نیرِہس نہٕ"

نگینن دِتُس نہٕ جواب زِیُو سیتھ۔

مس یاران یاران ووٗنُس سارُن "پننہٕ دَیکھ بہٕ چھُے دُشمن

کاتھ۔ سُہ چھےٚ چون سیٹھا شرٕ نیٚہ۔ تتھ چھُم چانہِ کنہِ خوٚدا۔ بٕ
اٚمِس خوٚدایِس منٛگان زِ اُمہ تہٕ لاجِتھ یِتھ وٗبالس بیٚییہ لٲگِ زہن
نٕہ کانٛہہ۔ مگر یَس یہٕ قیٖمتس لیٚکھِتھ گوٚ سُہ کُس مٹاوِیس۔ اَز تام ما
لوگُے اَتھ کانٛسہِ۔ وۄنی گرٛٹھی ژٕ ژےٚ رٔچھ یور آمٕتس۔ پانےٚ چھکھ
وِچھان اَسہِ کمَن کمَن سیٚتۍ پییہِ کام۔ اَڈۍ ناس ژایان۔ اَڈیو مانٛز
سیٚتۍ سورُے ریش روٗنگمٕت۔ اَڈین ژٕژھ بوٚ چھس زن نٕہ ژٕ تانےٚ دردُنی یا
وُچھمِٕژ چھکھ آسان۔ تتھ بدلہٕ چھکھ ژٕ قیٖمت واجیٚنۍ۔ اَگےٚ گرٛاکھ ڈرا
تیٚژھتھ یِیہم چھیدِ جُوس وٗرمیٖیس سوٗنب اَکی ساتہٕ دیُت۔ بیٚییہ ہیوٗتنس
لیٚکھی لیٚکھۍ۔ اَمِس گرٛٹھی نٕہ کھوٚرس کوٗنڈ اَژُن۔ نتہٕ اوسہٕ مجال زِ یتھ
رٔٹِتس منٛز آسہِ ہیٚکہہ نٕہ ژِ خبر کرِ کمہٕ اَڈرا وین۔

نگینہٕ لۄگ یمَن کتھن شرٛح ہیٚندی پاٹھۍ ژاپھ دِنہٕ۔ تہٕ ووٗنتس
"یہ بٹہٕ چھُ"

اَتھ کتھِ پیٚٹھ آو سارِس برٛابرٛ اَسُن۔ دوٗپنس "یہ کیٛاہ مُشید چھا
زِ بٹہٕ اَژِنہٕ یور۔ نکیا زِ تس چھےٚتہٕ نماز پرٛنی۔ یتھ درِ وازس پیٚٹھ چھےٚنہٕ
کانٛسہِ ہنٛزِ ذات وِچھنہٕ یِوان۔ یتہٕ چھُنہٕ وُچھنہٕ یِوان زِ چھُندس کوتاہ

چھُس۔ سودا پُچھوس تہٕ جان۔ بجوس نہٕ۔ ہیری چھس نہٕ کھسنہٕ دِوان۔
ییتہٕ چھ ساری ہوی۔ بٹہٕ مسلمان لوہ کپڑ بڈی۔ یور چھ ٹُنڑی ٹنزی تم تہٕ
یوان۔ یمن نہٕ زٹ ناگی۔ یلوٚن یوان پھکہٕ گانڈ۔ اَدٕ تھپھ چھا دِوان۔ ژٕ ور
چھا کران۔ کتہٕ چھ اُنان نہٕ زانہٕ خبر دا۔ رۄپے ژٕ رۄپیہٕ آسکھ چھنڈس
ہم ہم کران چھ ہیرن کھسان یتہٕ چھ تس ژۄ مرا اُوِتھ وَنان۔ "ہانسہ
یہ چھم نہٕ پسند۔ ہۄ چھم نہٕ پسند۔ اَدٕ کُسو چھُے پسند گژھو ییٚنہٕ چھے نا
گرٕ سوے کرُن پسند۔ ییٚنہٕ شکلہٕ کُن وُچھ۔ یٚنہٕ یلوٚن دلوٚن کُن وُچھ
ظاہرا چھ یم سوچان زِ اَسہٕ اگر پائی تسہٕ چنڈس چھُ۔ اَسہٕ چھُ دُنیا پسند
یا ناپسند کرنک اختیار۔ وۄنی دیکھ تہٕ بلبدر چھُ بٹہٕ۔ ہٕ چھس مسلمان
ژٕ وَنتھ صدیق جو کیا مسلمان چھُ۔ ناہے یوت چھس مسلمانن ہُنٛد ہیو۔ کار
وُچھتَس، مسلمانی سیتۍ کیاہ چھُ اَمِس واتھ۔ یوٚہے گو انسان۔ پھنڈ
کرِتھ واتہٕ ناوُنکھ یور۔ تیتھ بدلہ اگرٕ ے یہ بٹہٕ چھُ ناکارٕ بٹہٕ پھُٹنہٕ۔ ہٕ زانہٕ
جان پاٹھی۔ اَکھتے چھس ہٕ پانہٕ پھنڈی ذاتہٕ ہُنز اَمِس پتہٕ۔"

نگینن پئژھس حاران گژھتھ۔ "ژٕ چھکھا بٹن..."

سارن دوٚنتس درجواب۔ "وُنی کین چھس نہٕ مگر اَسہٕ گنیہٕ ترٚے

پیپر مُسلمان گٔامتِس۔ سُہ تہٕ مأنی بُڈِی بب میون۔ سُہ اوس شِکسہٕ دَر۔ کامَس مَنٛز پھَسیوو سُہ اَکِس زمیندار کوٗرِ سیٛتۍ۔ اَدٕ اَکھ پیٛچھ ڈیٛٹ ہُس بۄتھ پیٛٹھ۔ برادری الگ کوٗرُکھ۔ تَس تہٕ کیاہ بدی گَیہ۔ سُہ گَو مُسلمان۔ یہٕ بوٗزِتھ کھُلے یہٕ نگیٖنَس زوٗہ ہِش۔ تمہٕ پرٛژھُس۔ ژٕ کیٛتہٕ کٔنہ پانہٕ یور لٔجمِہ ژٕ۔"

نگیٖنَس اَس نہٕ خبر زِ اَمہٕ کیٛتہٕ سیٛتۍ گژھ ساریوٗ تاہ دِل موٗلوٗل تمہٕ ووٗننَس وَدِو نیو ژھُشمَو۔" بۄ لأرچس یور ماجہ۔ ووہ یہٕ ماجہ۔ میانِس مأزلِس اُس مرگی ییوان۔ سُہ زانِہے یہٕ زانِہہ شُراں کرُن۔ اَکہٕ دوہہٕ گَو شامُتھ نہٕ کانہہ تام سیٛتۍ ڈَل۔ تَتی کوٗرُن شرٛان۔ شرٛان کران کرلِنے آبَس پیٛنہٕ ہَن تہٕ اَتھو مَنٛز مۄد۔ تمہٕ اوس دوٛیُم نیٛچو کوٗرمُت۔ سُتہٕ وَرِی سوٗندُ ے۔ میانہٕ ووہ یہٕ ماجہ کوٗر اَکِس آسَن بَسَن واجِلس گرِس مَنٛز بیٛاکھ خانٛدر۔ بۄ آسُس باہن مَنٛز۔ صدیق جُوٗس اوس تورِین گژھَن۔ مے لوٗگنہٕ پتا زِ صدیق جُوٗن کیٛتہٕ کٔنہ اَنٛزِ نس بۄ یور۔ پتہٕ ننیوو مے تمہٕ تہٕ مأ اُسی اَنٛدری اَنٛدری اَتھو گرٕس سوار۔ پینہٕ چالأکی کٔنہ اُسو اَکھ کارس لیٛثِبیب ھقوٗپ کران۔ یوہے خأری شے تتھ گرِس مَنٛز تیٛج تمہٕ کھوہ تہٕ دوتُم یلیٖتہٕ

وارِیاہ آرام۔ ووٚنۍ گرٛٲٹھن منٛز پٮ۪ور وٕنہٕ[20] وٕرۍ آمٕتس۔ یہ وَنان وَنان
سوٚنبرٲو سارٕنٕ کٔی۔ اَتھ کوٗرٕن تھوٗ تہٕ میٚٹ کٔرِتھ دٕژٕن یارٕ بلیہِ دارٕ کٔنو
بٕرِتھ۔ دارٕ مُژراوٕنۍ تہٕ دِنۍ اوس اَکھ اِشارٕ۔ یہ اِشارٕ بوٗزِتھ ووٚتھ بلبدر
تھوٚد۔ تہٕ ژاو اُتھۍ کُٹھس منٛز۔ نگیٖنس گَو اَکس رٕنگس بیاکھ رٕنگ۔ سارٕ
دٕرایہِ دَوِ دَوِ نیبر تہٕ نیٚبرٕ کٔنہٕ تھووٗن دَروازٕ بنٛد۔ پَتہٕ بیٚیلہِ سوٚہ کھین
ہیٚتھ اَندر آیہِ نگیٖنس اُمس پوٗژ کلہٕ پٮ۪ٹھ بٮ۪ن۔ تَمہٕ کوٗرٕ نہٕ اَمیٚک تہٕ
پرواے یہ تُلہٕ نا تہٕ کلس پٮ۪ٹھ تھاونا۔

نگیٖنہٕ اُمس یِتھ رٕتس پٮ۪ٹھ زٕہیٚتھۍ ہٮ۪ش گٔمژ۔ کانٛہہ اوسُس
نہٕ پننُ ہمدرد بوزنہٕ یِوان۔ کانٛسہِ اوسُس نہٕ دود باوُنس ووٚنۍ یِوان تٔمس
اُمس نہٕ انسانن پٮ۪ٹھ پَژھ رُوزمُژ۔ روزِ ہمیشہ تہٕ کیٚنٛہہ کٔنو۔ انسانن ہُنٛد
ہیوٚکُس سوٗلوٗک اوس تَمس سیٚٹھا کرٕنہٕ آمُت۔ سوٚہ اُمس اَندری سوٚچان۔
"وُچھِتہٕ یِمو ناوَن زِدوکُس ژھل کوٗر منٛز سیٚٹھا۔" یہ راتھ اُمس

ٲکِس وۄہ پَرٕ مَردَس نِش بہنیٖح اَمِس گوٚڈنیٖچ راتھ۔ اَتھ راتھ اوس اَمہِ سِندِس دِلَس منٛز بَدلہٕ حُسن۔ بَدلہٕ مَزٕ تہٕ بیشاکھے قدر۔ مگر یہٕ اَمِس نہٕ سپہِ راتھ۔ یتھ منٛز اَمِس دِلکو اَرمان اَسو کَڈٕنی۔ یوٚہ سپہٕ راتھ اَمہٕ سِندِس گامَس منٛز واریاہَو گامہٕ مَسوَلوَ وُچھمِژ اَس۔ تہٕ پَننہِ اندازٕ اوٚسکھ نِگیٖنس تہٕ اَمِتیک سِرٕ بَجَر تہٕ تھَزَر بوومُت۔

اَتھ راتھ منٛز چھُ زنانہٕ ہُنٛد موٚحبَتھ آسان تھَزٕ پیٖچھ گوٚہ لاب ہیوٚ۔ وۄہ شلان تہٕ اَندَر یکھوٚ ساَرے سے ماحولَس مُشکہٕ ناوان۔ مگر یوٚہ راتھ نِگیٖنَس چھیٖہ اَمِس کھُژرِژ۔ اَتھ منٛز اوس اَمہٕ سُنٛد موٚحبَتھ وَتہٕ پیٖچھ اَلہٕ گاَبہٕ ہیمتِس گوٚہ لابہٕ سُنٛد ہیوٚ۔ یَس یہٕ یقیٖن چھُ آسان زِ وُنی ییمہٕ خبر کَمہِ سِنٛزِ نِتہٕ تَل ماَنٛڈٕ یہٕ۔ مگر بلبدر اوس نہٕ اَتھ گوٚہ لابس لَتہٕ موٚنٛڈ کرُنُک رَوادار۔ نہٕ اوس اَمہٕ سُنٛد مُدا یہٕ پوش پُژٕ ناوُن۔ اَمہِ تُل یہٕ پوش لولہٕ تہٕ نَغَدٕ سان تھوٚو۔ زَن تہٕ یہٕ دیوی مَنٛدرٕ کِس براَنٛدَس پیٖچھ اَلہٕ گاَبہٕ اوس پیومُت تہٕ اَتھ اوس لَتہٕ موٚہ نِچہٕ گژھنُک خطر۔ توَے تُلُن تہٕ کرُن دَستارَس منٛز جاے۔ اِنسان چھُ فِطرتَن بوٚچھ۔ اَکہٕ رَنٛگہٕ نہٕ رَنٛگہٕ رَنٛگہٕ یہٕ بوٚچھ ژٕنٛج نہٕ پیتہٕ کَنٛہٕ کاَنٛسہِ۔ پیٖچھا موٚحبَت کِس مامَلس منٛز تِمہٕ چھیٖنہٕ

کنتھے۔ خاص کرِتھ یمیٚن علاقن منٛز ییٚتہِ مردس تہٕ زنانہٕ کھلہٕ ڈُلہٕ کتھ
کرنس تہِ ٹھاک آسہ۔ نگینن اوس مٲلی سُنٛد موہبتھ وُچھمُت۔ مگر اَتھ تہٕ
تتھ اُس فرق۔ اَکس جوان مردٕ سُنٛد موہبتھ وُچھ اَمہ کوٚڈ رنیچہ لتہٕ یٚتھی
راتس منٛز۔ اَتھ موہبتس منٛز اوس تٔرٛز تہٕ ناوٗ اُسیتھ تہٕ شہلتھ تہٕ نرمی
یرنٛھ ژھیٚیہِ پٔتس پیٹھ سمٕ میتس گوڈٕ اَکس شینس چھےٚ آسان۔
تہٕ دِل چھُ بیٚیہ تہٕ بیٚیہ میٚچھو میٚچھو یہِ شین کھینُک طماہ کران یہ زانتھ
تہٕ زِ زیادٕ شین کھینس چھےٚ زیادٕ ژاس لاران۔

اوٚتام متھ اوس دین محمد وِز وِز نگینس نظرِ تل یوان۔ تُسنٛد بیمار
بُتھ اوسُس غم تہٕ غوصہٕ بادان مگر یتھ راتس منٛز آیہ تم تہٕ کیٚنٛہہ
سات۔ ییٚلہِ اُمس مٲلی سُنٛد بُتھ تہٕ مُشیتھ گو۔ دُنی یا مُشتھ گو۔ صرف
رٗودُس اَندرٕ کُنہ یوٗہے سوال گتہٕ گیوٗر کران۔ یہ کیٚاہ کوٗر مےٚ۔ یہ
آشیانتہٕ پوٗز۔ بلیدرُن یہ وَنُن زِ
"مٲیٚنی زندگی چھےٚ ووہنی اُڈےٚ۔ اُڈٕ ہن چھم ژٕرےٚ منٛز۔"
سارِس تہٕ شادس تہٕ آسن ناسمکھن وآلی پےٚ کتھ وَنان۔ تم تہٕ آسن
ییتھے کُنہ پرٕ موہبتکی قسم تلان تہٕ یم تہٕ آسن یمن قسمن پیٹھ پرٕنھ

گرٲن۔"

پوٚرٕ یَژھ ہٕ اَسِتھ تہٕ بڑے یہٕ نگینَس بلبدرَس پیٛٹھ پیٛشاہ بٕژھ زٕ نیرِنٕ وِزِ پُژھتَس۔

" بیٚیہِ کرٕ حَض سَمکھو"

بلبدرَن کوٚرُس ڈٕکس میوٚ ہٹہٕ تہٕ ووٚننس۔ یَگاہ ہٕ کیٚنٛہہ کالہٕ کیتھ بژس وار دوہ ہیہٕ۔

یِمن دوٚہن دوہَن منٛز رُوٚز نگینَس زَنٛہٕ ہے کَل۔ یِژھ اَکِس باوفا زنانہِ چھِ آسان۔ صدیق جوٗ اوس خوٚش زٕ میٛانی محنت کھژ رَٔژھ۔ اَسائی لیجُ زَنٛژھ اَلتھس منٛز یَس دوہٕ یوٚتاہ مال یِیٚژھوتیوٚ تاکھیمو طوطَن ہٕ بوٚز نگینہِ تٕرتار۔ تَس ہُنٕ یہٕ بوٚہ کہِ "یہ بَٹہٕ کوٚڈتے لاف اوس دِوان۔ کَنَن ٹھیچہ گرٲن دٕپان بہٕ چھُس پَنٛنہِ آشنہِ ہُنٛد امانَت دوہ کَتہِ رَوٕدُس سہٕ امانت۔ تہٕ چھا بنیومُت زٕ اکھ وَسہٕ ویٛہتہ بیٚیہ اَدرَینٛ

داوانہٕ تہٕ"

صدیق جُوٗس اوس وونی کُنہہ ہُند انداز بدلیومُت تہٕ تمہٕ ہیٚنٛز شیٚیہ نگیٖنہٕ کاپہٕ بارٕ کوٗر ژھل ہیٚچھناوٕنی۔

اَمہٕ دیُتس ہتس کنہ تس گُنیٚ جواب۔ دوٗپنس "یمہ کٕتہ گرٕھن ہٕہسیٚ وَنتہٕ۔ یہٕ چھُھس نہٕ ژٕنیٚ مُلی کینٛہہ تہٕ اُزٕ مرٕ۔ ژٕنیٚ کوٗرٕ کھتہٕ سیٚ سیٚتہ دغا۔ یمو گوہ نہو معہ کلکھہ نہٕ زانہہ۔ دین تہٕ گوم اَکھٕ تہٕ دُنیا تہٕ"

صدیق جُوٗن ووٗنس پنٕنہ لاگیتھ دِلاسہٕ ہیوٗ دِوان "یوسہٕ وَتہ سیٚ راوٕ راوٕسے خودا رینہٕ مٕسیٚ تتھ مووزوٗرہ مٕسیٚ گوچانہٕ ذرٕ ذرٕ۔ مٕسیٚ دوٗپ مابس یتہٕ اگر ژٕ گرٕ تہٕ گرٕھکھ۔ یہ تیتہٕ دَکن تہٕ ڈٕلن لگکھ تہٕ بہٕتکھ اَسی نیشہٕ۔ اَکھٕ پھٕٹراوکھ ہتس تکس کلس بیوٹھ ڈوٗنی۔

یوسہٕ بدی ژٕنیٚ گیی سو گرٕھن مٕسیٚ!"

نگیٖنس کھوتہٕ اَکھ بیوٹھ وارٕسے خشم۔ تمہ ووٗنس۔ "ژٕنیٚ چھیٚ برابر۔ نوش کوٗر چھیٚ نہٕ فکرِ تری۔ کَدٕ ڈنیتھ چھکھ ژٕ اَمہ نارٕ ذرامت سوہن۔ حق کیاہ گوتہٕ چھیٚ نہٕ خبرے۔ انسانیت تہٕ چھیٚ نہٕ اَکھ دانی"

صدیق جُوٗن ہیٚنٛز اَندری ژٕچھ۔ یمتہٕ کنہ اوس نہٕ اَمس کانہہ روپہٕ

آمُت۔ ہشِگہٕ تہٕ شنگہٕ کھوٗت تَس اُسہٕ کِنہٕ پۄس تہٕ پڑاڑٕ آیس ٹھوکو سیتو
بَرنہٕ۔ سارٕ آیہٕ تہٕ تمہٕ نِنیہٕ نگینہٕ پانَس سیتو اَندر۔ دانہٕ گُنٛڈِس کُن۔ تہٕ
صدیق جوٗ بہٕوٚلِتھ پانَس سیتی وور وور کرٕنہٕ۔ زَن تہٕ مےٚ اوس کمٲوِتھ
اَنان تہٕ یِمَن کھیاوان۔

بلبدرَن ییٚیژ لَٹہٕ یور کرٕ۔ نیٚبرٕژَن لَٹَن اوٚنٛژ نگینَس کیُٹ کاتھہٕ
تیٚتہٕ کاتھہٕ نوٚو چیٖز۔ دالُو نیٚکِس اوٚنٛنَس پلوَن ہنٛدٕ خاطرٕ۔ سعہٕ بِنہٕ ہنٛدکر
کرُژ کرٕنہٕ تہٕ ہٹہٕ پھوٚل اوٚنٛنَس۔ پلوَن ہنٛدی جوٚرٕ زٕ پانژھ۔ پھیرَن
جوٚرٕ الگ۔ شلوار قمیص الگ۔ ساڑی اُنٛزنَس یِمہٕ نگینَن تس بتھی
اُکہٕ دوہہٕ ہنٛد کمرس منٛز لاگِژ۔ یاتہٕ تیٚجس تہٕ لاگنو۔ بلبدرَن لاگِژ نَس
آدم قد اُنٛنَس منٛز ڈُچھُن بِنُن بُچھتہٕ تہٕ مسکہٕ ژوٚلُس نیٚرِتھ۔ ہیٚے کیاہ کرٕ اُسے
مےٚ گیہٕ بَدٕ شکل ہش۔"

بلبدرس ژوٚل اَشُن نیٚرِتھ۔ کیشرٕ ھا گوس اُمہٕ شندِ یہ وَنُن تہٕ برتیا۔

دۆپنس: "ژٕ چھیہ بٹہٕ کھران۔ بٕ تہٕ چھسیہ کھران"

نگینن کوٗرُس کلہٕ سیتہ نکار۔

"بٕ اگر مسلمان گژھ۔ ژٕ گژھکھ خوش"

نگینن کوٗرُس بییہ کلہٕ سیتہ نکار۔

بلبدرن دۆپنس۔ "یہ کیاہ نہ چھکھ ہور نہ چھکھ یور۔ بنیاکھ

آسہ ہے تس بییہ ہے بر پڑھ۔ ژٕ لا بٹہٕ اَکھ ہا گو مسلمان"

نگینن دۆپنس۔ "یُس مسلمان گژھن آسہ سُہ گژھ کُنہٕ آسانس

پیٹھ کُنہٕ زیارتس پیٹھ۔ کُنہٕ اۆہ شوقہ خاطرٕ۔ بٕ کیا ژٕ وَنہٕ کاتسیہ بٕ

گژھ ہیانہٕ خاطرٕ مُسلمان۔ بٕ کیاہ چھس یانہٕ ینتس دِہنس پیٹھ حکم

زِییس وَنہٕ یانس کُن پھیرن۔ سون دین چھُنہٕ یہ ہیچھ ناوان۔

نگینہٕ ہن کتھن منز اوسہٕ صفائی، صداقت تہٕ پانژی [illegible]

کنہٕ [illegible] بلبدرس باسان ژوٗ اوسے منز۔ برمُر [illegible] وتن سو پٹ بر

بڑیس دار بڑیس دار آسہ پیوان۔ تگ وہ ژٕ اوس یہ اور اَکہ ہی دۆیمہ

دوہ ہیہ پیوان۔ روزہے تہٕ راتس۔ نتہ اوس سیٹھا زیرتام اُمہ ہے سیتہ

آسان۔ اُتی نس کلہٕ دِتھ بہان تہٕ اَگنس دوہ کُن خرچاوان۔

یہ زندگی اُس سأرِے رَزا لنہٕ۔ اَتہٕ اوس نہٕ پزر گُنہٕ۔ خریدارس
ییٚن کتہٕ کرِن تہٕ قیمتھ کھارُن یہ اوس سورُے ہاوِتھاو۔ ظأہِرداری۔ مگر
اور ییٚنہٕ وأل اُسہ اُکھی ظأہِرداری بیٚیہ مران۔ تگہنس منز اُس ہے پرٕتھ
کٔنتھ۔ سوہ اُس نہٕ یہِتھٕ کشپہ ہمشن۔ اَکھ زندگی منز تہٕ اُس سوہ پنٕنُ فرض
یوٚتاپلہٕ ہیس تیوٚتا پوٚرہٕ کران۔ روزٕ دأری ہاشِد وو دوہ آیہٕ۔ گرس
منز ہچھوٚڈ واریاہن دوہ ہمگر اُمس گوٚ نہٕ اَکھ دوہ تہٕ قضا۔ یمن دوہن
منز آو بلبد ر دوہ ہے اِفطار وَقتن کھجور، کشمش بادام تہٕ مشکہ تچھ
ہیسحتھ۔ عیٖز دوہ ہیٚوٚن سارِنے پلوٚ۔ عیٖز دوہ ہُبسنن بیوٚ تگہنس مول
ژھٕتس۔ پنٕنُ گام ژھٕتس۔ پنٕنُ گامہٕ پُرن ہِپیٚہ ژھٕتس۔ تس گیہٕ اندری
کھنجہ۔ مألی ہشِد مرٕ نیچ خبر اُسس اَکہٕ دوہ ہہٕ سارن اُذی مِش۔ مگر امہ گامہٕ
پُرتہٕ ہُند کیا حال آسہ۔ تہٕ اُسس نہٕ خبر۔ ہشگہٕ تہٕ مشکہ ژوٚلس ووٚن نیرتھ
بارٕ بلہٕ طرفچ دأر اُس یکلے۔ سلیمان ٹینگس گن ہجہ کرتھ بیٚیہ باکھ ژھٕتہٕ

تہٕ توٗ نامت کرُن نہٕ ژھعہ ہیٚ یوٗ نامت نہٕ بلبدر آو۔ تہٕ تمی مَتہٕ ناو۔ تمی اوس اوٗنمت نگینہٕ نہٕ خاطرٕ کلا بوتہٕ چھاوِتھ کشیرِک پھیرن۔ نوٗ پوٗژ تہٕ نوٗ چیپہٕ۔ شادن کوٗر پننِس پھیرنَس تہٕ اُدوِشندِس پھیرنَس مُقابلہٕ پنُن باسیوس نہٕ اَسترٕ تہٕ اَتھ نِش۔ یتھہٕ کنہ اوٗنمَس نہ روہٕ۔ نَہ تھوو پنُن پھیرن میٚٹ کرِتھ طاقچَس پیٹھ تہٕ پانہٕ ژرایہ بوٗڈیکل دِتھ نبر۔

روزوٚ سیٚتہ اُس نگینَس واہ سعہ تیمِش۔ ہیکھتہٕ اُسِس نہ روزِ مرِژ۔ وُدنہٕ سیٚتہ گیَس وارےٚ بے ہمتی۔ تہٕ اَمہٕ دوہہ پیٚہ پھرِ چھیوٗرُس بُچھس موتھن۔ اَمہٕ دوہہ ہیٚہ اُسی بلبدرن پانَس تہٕ نوٗی پلو لاگی مستہٕ۔ تمی دیُت سارِنے عیبن ہُند خرچ۔ شادن روٗٹُس نہٕ۔ تَس اوس کلا لہٕ نگیتن کیاہ اَکھ نظرٕ تہٕ مٚے بیاکھ۔ تَس اُس ہال بدل۔ یہ سارُس آسہٕ ہے تہٕ اوس تَس تہٕ آسان۔ یہٕ طوطَس آسہٕ ہے تہٕ گوٗژھ تَس تہٕ آسُن۔ مگر اَز اُس درجہٕ بٔندی پیٚن مرِژ۔ اَز اوس نگیتَس سارِنے کھسِتھ پھیرن بلوژھ نگیتَس توٗر یہ فِکرِ تمہٕ تل شادُن پھیرن نہٕ لوگُن ناٚلی۔ تتھ بدلہٕ سوٗزُن شادَس پنُن کشیرِک پھیرن پوژ۔ بلبدَرن ووٗننُس نہٕ کہینہٕ، رُس بوٗتھ دُرستِس دوہ ہس نگینَس نِشی۔ رمضان مُبارکی دوہ درِنہٕ پیٚتہٕ اوس

اَنہٕ دوہہ ہیہٕ نگینن مال اَنِتھ بجٲرِ کھیومُت۔ تہٕ بلبدرَن اوسُن
گمہ ڈٲنیچہ لٕکٕٹہ پانَس برٛونٛہہ کُنہٕ کھٔشیاو نووُمُت۔ سارَن اوس نگینَس
برٛونٛہہ ٹھوٗ ووٚنمُت زِ جیٚپہٕ نہٕ اَتھٕ یا نیٚبرٕ نہٕ اَتھٕ کھٔیِیی نہٕ یِہ۔ میٚتہٕ کٔیس
نہٕ رَنُن ۔ اَدٕ مہ کُہ اوس تٔمہٕ زنکہٕ زنکہٕ کاشے اوٚک ژادٕرس پیٚٹھ اَکِس
بأژرس سوٚنٛب اَنگ یُتہٕ روٚنمُت۔ گوٚڈنیٚچ مانے یوس نہٕ بلبدرَن گُملے
تہٕ نتہٕ ہیٚکٕہ سارَن دوٚپُس۔ " یہٕ چھُہ نگینَن پنٕنہٕ اَتھٕ سیٚتہٕ اوٚک ژوٚر
رٕوِہتہٕ بانہٕ مأرٕچھتہٕ۔ شرٛوٚژ شرانہٕ روٚنمُت۔ اَدٕ توٚ کٔس تہٕ انکار کرِن۔

شیٚن اوس رٔزو رٔزو پیوان۔ دوٚن دوہَن منٛز اوس تیوتا شیٚن
جمع گومُت زِ مکانہٕ دارِن اوس پٔشس پیٚنک خطرٕ ژامُت۔ دوہہ آسہ
شیٚنہٕ بارٕ سیٚتہٕ پُھترٕ ڈرٕکاو نہٕ آمٕژ۔ سرٛٹکن پیٚٹھ اوس یُن گژھُن بنٛد
گومُت۔ بازرَن منٛز آسہ شیٚنہ کوہ شمہ ہیوٚتو۔ لُکھ چھِ لو کچہ لرِ آسہ ژٔت تہٕ
زمینَس سیٚتہٕ ہمہ ہیمرٕ۔ اَتھ منٛزٕ وأژ پیٚلسہ والین ہٕنٛز جماتھ وتھ کڈان کڈان

صدیق جوٗنس ڈیرس بیٹھ۔ اُندی کِھو دٕرایہ دُپوٗرہو مکانوٚ ڈبہ کینہہ زنانہٕ
تہٕ مرٕد گابرییمتیو۔ بُچھیو اکھ اُکس پرٕژھنہٕ "ہے یہ کیاہ سہ ڈلیپل"
دلیپل اُس تہٕ وُنہٕ کانٛہہ خبر چھےٚ کیاہ۔ یہ اُس دوٚییم لیٚھ ازتام
صدیق جوٗنس اَڈس بیٹھ چھاپہ بیٚنس۔ یتھ کارِ بارس اُس نہٕ
پابندی کانٛہہ۔ رجسٹر تہٕ اوس نہٕ کُنہٕ جایہ کرُن۔ اماپوٚز پُلسہ اوس مُنٛزی
مُنٛزی گانٛگل کرنہٕ یوان۔ اَدٕ چھاپہ پرٕ آسہ ہے یا اُپرٕ۔ تم اَسو پُھٹہٕ
گرماوِتھ نیران۔ بٔییہ اگر کانٛہہ افسرس مرضی گژھہ ہے سہ اوس
راتس اَتی شوٚہ گنگ تہٕ رٕوہ نہٕ زِوہ نہٕ کران۔

کُنہٕ بٔٹن یِس رپورٹ سوپورِ اوس ڈیت مُت۔ تتھ اُس ژور
ریٚتھ شہر وارتھ پرسش لگمٕژ۔ سہ تہٕ گِنہٕ بٔٹس نہٕ یتےٚ لگنہٕ کینہہ۔ تہٕ
اَوے اوس تھانہٕ دار پُلسہ والی ہیتھ تلاشی کرنہٕ یور آمُت۔ بٔییہ
تہٕ اُسکھ اُکس دوٚہن گرٕن منٛز اَژِتھ زنانن تہٕ مردن چھلہٕ چھانگ
کرٕمٕژ۔ مچن تام وُچھمُت۔

صدیق جوٗن یِتھےٚ یہ بوٗز زٕ ڈیڈِ تل چھ پُلسہ آمُت۔ سہ گومُت
ہیوٗ اُکی سے جایہ بنٛد۔ سردی کیٚت اوس یہ بڑونیٹھ لیڈ۔ اُمس

تمَ تہٕ شاثشں۔ یہ اوس وَنٛدس منٛز نیبر نیران۔ یا اوس گرٛژھان
پشوٗرنۍ امرت سر۔ یُہس اوس نہٕ یہ کُن گومُت۔ تکیازِ شیٖن اوسس
پننِس موقسمہ بیٛٹھ بڑو نیہ پیومُت۔ یہ اوس ژادرٕ وٗلِتھ کانگر ہیتھ
زٕ پہ کران یمِتھے فُلیٖ تہٕ شیٖپچھ ہیتھ آس۔ پننہٕ جایہ نہ ہلیوو نہ ڈلیوو۔
سارِ بیٛٹھ نگیٛننہٕ نِشہ یارِبل طرفہٕ۔ شادٕ تہٕ جبینہٕ ژایہ دانہٕ کُھٹس
منٛز۔ تہٕ علیٖ یہ ڈہاو تھانہٕ دارس دروازٕ مُژراوِنہٕ۔ یپاٗرہ سوٗنٛچ صدیق
جُوٗن زٕ بٕ تھاوَن نیٛیتہٕ کُھٹس منٛز۔ تھانہٕ دارٕن پدرنہٕ اگر ژھانڈِتھس
کُڈِتھ ہیٛکیس نہٕ۔ مگر امِس وُتھی نہٕ کوٗ ٹھی۔ دوٗیُن اگر امہ شور کوٗر
سارٕی ٹیٛنٛتھ میٛنٛتھ پیٛیہ شو ٹُھس پتھر۔

تھانہٕ دارَن کُڈ چھنڈ منٛز تلاشی ہنٛز وارنٹ۔ پُلیسہ وٲلی ژایہ
اندر۔ تہٕ علیٖ یہ دوریو شیٖن ژانڈان۔ دَب تہٕ دُریسی لگان بلبدرُن نہٕ نیبہ
شالُن گرٕ۔ بلبدرس اوس نہٕ ٹُم ٹُم کڈنس وار۔ وَتہٕ پکُن تہٕ اوس نہٕ ہیٛل
بلبدرَن لاگی یانٛژھ ہٲنٛز ناوِ لمنس تہٕ سہ آو چھیکھ کھیوان تہٕ اَندری
خبر کیاہ کیاہ سوران۔ نیبہ شال اوس تھانہٕ دار تہٕ تس اسی ترٛ ٹھیے
وُرہی رٕٹا یِر گمتِس۔ یِتھ شیٖتہٕ کالس منٛز وَتہٕ پکنس بہر یو وُنہٕ سہ۔

ئُلۍ یَس پیٹھ تٔتہٕ پیٹھٕ ڈیان ڈیان واپَس یِن۔ یُتھے بلبدر یارِ پٔل بٔچھس
پیٹھ ووت۔ اَتہٕ اوس نہٕ پٔڈ ژاونَس دار۔ پانژ شؤے ہانژ وٕتھ کھوٚت
ہیٚتھ شِپن تُلمُتہٕ تہٕ وَتھ کڈنہٕ۔ تمہٕ کڈ بلبدرس گرٕتھ وَتھ یوٚتامتھ
سُہ اَنکوٚن دروازٕ کِنہٕ صدیق جوٗنِس مکانَس منٛز ژاو۔

تھانہٕ دارن اُس اَکِس کمرِس منٛز عبدالحق لاگِمُت۔ سارِ
شاد۔ جیبہٕ تہٕ نگینہٕ آسہٕ اَکِس کمرس منٛز اَنِنہٕ آمٕژ تہٕ تھانہ دار اوس
صدیق جوٗس سیٚتہٕ جرح کران۔ اَتھی منٛز ژاو بلبدر دَروازٕ۔ تھانہٕ دارس
گیہِ ژھوپہٕ۔ پُلیسہٕ والیو کٔر بلبدرس سلام۔ تِم زانہٕ ہن تس جان پاٹھی۔
تھانہٕ دار لوٚگ سوچنہٕ زِ یہٕ کُس سنا اوٚن یمَو مدتس۔ آسُن گژھہٕ بٔڈ۔

بلبدرن ووٚن تھانہٕ دارس" تہٕ یہِ کیتھہٕ کِنہٕ تکلیف کوٚرمُت۔"

تھانہٕ دارن دوٚپنس۔ "گیشہٕ رٕتھہٕ برونٛہہ چھےٚ بنٛڈٕ پورِ چ لڑکی
اَکھ اغوا سپٕز مٕژ۔"

"کیتھہٕ کِنہٕ"

"تِہٕ چھینہٕ اَسہٕ خبر۔ سُہ اُس شہر کھٔژ مٕژ تہٕ پَتہٕ ڈژایہٕ نہٕ نِشی
رپورٹ دِنہٕ وول چھُ بٕٹھ اَکھ گِنہٕ بَٹ۔ تمہٕ سُندی سے اطلاہ سِ پیٹھ

چھےٚ اَمہِ تژٲشی ہِشہٕ وارٕژٕ اُنٕہِ مژ۔"

بلبدر ووٚتھُس۔" جنابوَ بہٕ چھُس مُنٛزِ مُنٛزِ یانہٕ یور یِوان۔ یِتہٕ چھےٚ ژور زَنہٕ نہٕ شمادٕ سارٕ۔ جیبنہٕ تہٕ عتیقہ۔ توٚہہِ اَنیوٚکھ رتمہٕ ناد دِتھ۔ رتمنے پرٛژھو توٚہہِ اَکِہ اَکِہ۔"

تھانہٕ دار ووٚتھُس۔" مےٚ اوس یانٛس تیٚ خیال۔ مگر یہِ وُچھُم زیادٕ میٚنگہٕ ترٛٲوِتھ کرُن۔" تھانہٕ دارَن کوٚر صدیق جوٗس کُن اِشارٕ۔

صدیق جوٗس اُس بیٚٹھِتھ تمیٚنہِ تاٲو گمٕژ۔

" اَمِس ما چھےٚ پتاہ یِتھَس مانہٕ بیچھ چھُہ اِنسان پھُہہ لگان۔"

بلبدرن دوٚپُس۔" مےٚ گژھہ مانُنی دِنی یہِ چھُہ مزاژٕ کنہٕ ترٛٲوِتھ یِہَن۔"

" ترٛٲوِتھ آسہِ یا تیرٕ آسہِ۔ اَسہِ چھَنا پنٕنہِ ڈولی دِنی۔ اگر سے رِیہ زیادٕ چرچر کرِ۔ اَسی نموکھ سارِی یِتھےٚ کنہٕ تھانس بیٚچھ۔"

بلبدرن دوٚپُس: مےٚ چھےٚ وومید تتھ بیٚچھ واتہٕ نہٕ واری۔ یِتِس کالس آو غلو یہِ اورٕ ہمان۔ تس اُس یکنہٕ تہٕ دوٚنہٕ سیٚتی شانٛس کھژمژ۔ بتہ ووہ شلیونٛت۔ بلبدر ووٚتھُس۔" تلا کانٛگر ژور پانژھاہ ژنہٕ لدِتھ۔ تھانہٕ دار صٲبس سیٚتی یِم نفر پانژ مرچھ۔ یِہنٛد تہٕ گوٚنژ

پاسے کرون۔ تلا پم گئے یتھ شیپنہٕ کالس منز شیمن ماڈان آیہ۔ یمن ما آسہ تیہر لگمژ۔"

جیپنس تہٕ سارس پیپھ اوس تہٕ تھانہٕ دارس کا تھہ شک۔ شاوس پرژھ تمو اکھ زٕ سوال تہٕ سوہ ڈرایہ بٔیٹھیہ نیبر۔ پتہٕ سوہ واپس ڈرایہ بلبدرن کوٗرس آلو۔ دوٚپنس "تلہٕ سانہٕ عتیقس دوٚپتھ یوٗری۔

اورٕ ژایہ نگینہٕ انٛدر۔ عجیب کشمکش اُس تس۔ صدیق جوٗس پھیر پتھس لیدرٕ ژھھٹ۔ شاتش تیزٕ ے یس۔ ہیٚتر موٚ کھس۔ تلو نارٕ کانگر تپتھ تہٕ آبس تیہرٕ ہشہ باسان۔ نگینس تہٕ اُس یانس نیتھ تیشنزٕ آواز اُس تھا نھترٕ پمژ۔ بلبدرس کُن وُچھتھ کھژتس وانٛج بوٚلھ۔

تھانہٕ دارن پرژھس۔" ژٕ تے کیٛا بی پچھُے ناو ؟"

نگینن دوٚپس " عتیقہٕ " تمو دِژ بلبدرس کُن نظرٕ تتھ کُنہٕ زٕ بلبدرس گیہ دِنن۔ سانٛہو ہے بدنس دِژ ایس زٕ ھٹ ہش۔ صدیق جوٗن تھوٚو کلہٕ پھیرن نالس اَنٛدر۔ تلی یہ آو کانگر ہیتھ۔ تمو پلہٕ نادٕ تمہٕ پلہ والین۔

"ژٕ چھکھ بشڈٕ پور بیہٕٹھ یور آمُت" تھانہ دارن پٕژٕھس لوتہٕ لوتہٕ۔"

"نہ" ہِگینن دِتُس جواب

"اَدٕ"

"بہٕ چھس ییٚتھ زامُت۔"

"کُس"

"ہیٚنِس ہالِس ماجہ"

"تہٕم کتہٕ چھہ"

"یوٚت سارِنی اَکہٕ دوہہ ہاٚ چھہ واتان۔"

"تُہہ چھا مودٕمی ہیتھ۔ کرٕ" تھانہ دارن کوٚر افسوس ظاہر۔ اُمیسہ سیٖتھ کڈٕن ترٹھہ آواز۔ زَن تیہ ہوٚنِس ژوٚ ژوٚ اوٚٹھس کرٕن۔ ہِگینن دِتُس نہٕ اَکھ کانٛہہ جواب۔ پُلیسہ والہِ لگو اَکھ اَکِس اَچھ ناٹہٕ کرنہٕ "ژٕ ٹھیا خانٛدر کوٚر مُت"

ہِگینس آو وُٹھن بہٕہِ ہاُمُن۔ اَمہ وٚوٚنُکھ۔" اَدٕ آسیا ییٚتہٕ کانٛہہ خانٛدرٕ روٚستے۔"

تھانہ دارس توٚرنہٕ یہٕ جواب فِکرِ ۔ سُہ اوس اٚندرٕے کینہہ اٚمہِ
ہِنٛدِس ناک نقشس سٕنیوٚمُت ۔ اٚمہِ ہِنٛدِس حُسنس داد دِوان ۔ اٚخرٕ ووٚتھُس
سُہ بٔڈ بٔڈ ۔ پوٚز وَن ۔ اَسہِ بوٗز ژٕ ژے چھُے یِتہِ مار گَنٛڈ کرنہٕ یِوان ۔ خاطرٕ
دِنہٕ یِوان تہٕ جبر کرنہٕ یِوان ۔"

اَتھ پیٹھ کوٚر نگینَن ژھعہ یہٕ ۔ صدیق جُوس گوٚشاہ بند ۔ بلبدرس
ووت ثمن منٛز زوٗ ۔

تھانہ دارن ووٚنُس دھمکاوِتھ ۔ "دَنکھ نازٕ پوٚز پوٚز ۔ ژٕ چھکھ
نہٕ شہرٕچ ۔ ژٕ چھکھ گامٕچ ۔ چانہِ زٕ لو چھے وَنان ۔ ژےٚ چھے مس تِتھے
کنٛہ یارٕ رٕتھ ۔"

نگینَن ووٚنُس ۔ "مےٚ اُس گامٕچ گامٕچ ۔ بہٕ چھس پانہٕ شہرس منٛز
پلیٚمٕژ تہٕ بڈے مٕژ ۔"

بلبدر ووٚنُتھ تھانہ دارس ۔ "جنابو یہ وَنہٕ نہٕ اَپز ۔ مےٚ پیٹھ
کروٚ پرٕژھ ۔" بلبدرن منٛز اَژٕن کھوٚر تھانہ دارس ۔ زیوٗ سیٚتہٕ ووٚننس
نہٕ کہینہہ ۔ مگر ہمہ تر کراوِتھ ژراٚون اَکھہ ہیچ نظر تس کُن ۔ تمہِ کوٚر ژھوتٕ

ٹیٹھ میٹھ کران ووٚننس تھانہ دارن ۔ "تَپا پوٚز وَن ۔"

نگینہٕ وُڑھ تھانہ دارس۔ اگر بہٕ پوٗز پوٗز وَنہٕ تیٚلہِ۔

تی گوَ جان۔ پوٗز وَننے گوَ جان۔ اَسہِ کروتھ ژٕ ییٚتہٕ براَمد صدیق

جُوس پیٹھ چَلاوَو مُقدمہٕ۔ ژٕ رٕموتھ بَنُن گرٕ واپَس۔ آخر انصاف موکُد۔"

نگینَن دوٚپُس :" اگر اِنصافُچ کتھ بوٗزو۔ مےٚ چھہٕ گرٕ یوٚہے۔

بہٕ چھَس نیٚرٕ اورٕ چ یورٕ چ۔ بہٕ چھَس نہٕ گاٮ۪ہ۪چ۔ بٹّیہٕ کُنہٕ گرَس منٛز کیاہ زٕنیو مےٚ۔

بٹّیہٕ کُنہٕ گرَس منٛز کُس رَٹہِ مےٚ۔ ہَنگہٕ تہٕ منگہٕ کرٕو مےٚ حَوالہٕ کانٛسہِ۔"

"ژےٚ ما چھےٚ مَنٛزرَ" تھانہٕ دارٕنی یہ کتھ گیہٕ بلیدرٕنٛس اَسنَس

منٛز گال کھاتس۔ ہیٚتِس کالس آو عَلی یہ تہٕ نیٚبرٕ اَندرٕ چایہ سماوار تہٕ کُلچہٕ مچمہ

ہیٚتھ۔ پُلسہٕ وٲلۍ اَسہِ سردی سیٚتۍ شٹھےٚ ہیٚتو۔ قَنٛدی کُلچہٕ وُچھتھ آیہ تمَن

گرمی ہِش۔ چلےٚ پھرٕنہٕ برٕوٛنٛہہ لوٚدُکھ اَکھ اَکھ کُلچہٕ گرٕ وٕ پیس۔

یمَن اُس اَندرٕ ہو کنٛہ تھانہٕ دارٕ ہیٚنٛز ژٕران۔ اُمہِ کیاہ زٕ اَنۍ اَسہِ یور

یوٗت صُبنَس۔ شامَس گوٗ ژھ ییٚن۔ رونق وُچھو۔ اَسہِ تہٕ تُلہو منٛز۔

بلیدرٕن ووٚن نگینَس کُن۔" گژھ سہٕ اَژھ ژٕ اَندر حالَس۔ یِم چینہ

چایہِ" نگینہٕ وُڑھ تہٕ دژایہ نیٚبر۔ کمرس منٛز واٮ۪تھ ژٕ ژ ٹَس باکھ نیٚرتھ۔

شاوَن ڈیٚٹُس اَسنَس تھوٚپ تہٕ لمَان لمَان واتہٕ ناوَن داہ نہٕ کھٹِس منٛز۔ یارِی

زٕناوِو بلبدرن پُسیہ واٗلِتھ تہٕ تھانہٕ دارجان پانٕھ دوٚپنکھ۔

"تۄہہ کۄرِو بٕہ تکلیف یِتھہ شِیتہٕ کالس منز۔ خاطر یِہ تہٕ گوٚو جاے

پانس تسلا کرِتھ دژاو۔ تھانہٕ دارن ووٚنُس گلہ ژوٚپ کڈان۔

"ڈوٚلی چھےٚ ڈوٚلی۔ یِتھہ گرِس منز اٗس نہٕ ممکن چھُ بیٚیہ کُنہ گرِس

منز آسہ۔ بیٚیتے چھُ بوٚوڈ اوڈ۔ تہٕ یمن اوڈن ییتھ یمہ زمانہٕ چھےٚ اٗخر یمہ لوان

کتہ چھےٚ۔

"کانٛہہ نٔتہٕ کانٛہہ حادثہٕ گژھان" یہ ووٚنتھس بلبدر۔ تہٕ اٗسو تہٕ

چھہ حادثو رکتی یور لگان۔

بلبدرنی یہ کتھ آیہ نہٕ صدیق جُوس پسند۔ تمہ کوٚڈ نالہٕ منزٕ بتھہ

نیبر تہٕ ووٚنُن۔

"مہرا۔ لوکھ ییتراہ نکہتہ یتھہ کارس کران چھہ۔ تیوٚتا ناکارٕ کار

چھینہٕ یہٕ"

بلبدرس گیہ ژھوہ ییہٕ۔ تھانہٕ دار ووٚنتھس۔ "آخر وَنو یتھہ عاب۔

اَہنوٚ یارٕ ناکارٕ اگر آسہ ہے نہٕ۔ تمشیلہ وَنہٕ ہنو نہٕ تۄہہ گان۔"

صدیق جُو ووٚنتھس۔ "جناب وَہرٕ ژُن کامین چھےٚ تہِنے مؤزوری۔

شرافتہٕ کین ٹھیکہٕ دٲرِن ہتھٕ لسکہٕ ہیٚنہٕ۔ ٹھعکہٕ ہیٚنہٕ۔ واتلس یہٕ پوان چھُ تہٕ منتہٕ بیٚنیہِ تنٕ ویٚتھہٕ یتہٕ دٲری یاوس۔ مگر یہٕ کُس چھُ سوچان زیوٚہے واتُن اگرنے اکہِ دوہ یہٕ تہٕ پاخانہٕ صاف کرِ۔ گرٕی گرس کو تاہ پھکھ ووہ چھ۔ اَسہِ ہی لوٗکھ تتھنے یتھ زمانس منٛز آسن۔ شرافتُک تہٕ رزالتُک منٛز کتہٕ رودٕ تمیز۔ اُسی چھا رذیل۔ اُسہِ بناوِکھ رذیل۔"

"مگر اَمیُک ذمہ دار کُس چھُ" تھانہٕ دارن ووٚن بیٹھ کھ چایہٕ پیالہٕ اَتھس منٛز تُلِتھ۔ تس پھوٚش صدیق جُوٗن کلامہٕ بوٗزِتھ۔

"سارۍ۔ یتھ اَڈس پیٹھ یینہٕ وول پرٛتھ کانٛہہ شخص۔ یتھ شہرس منٛز روزن وول پرٛتھ کانٛہہ انسان۔ یُس یور یِیہِ سُہ گوارو پیوٚ کینٛژو سیٖتھ شریف تہٕ بہٕ گوس رذیل۔ سُہ تہٕ چھُ تتھے رذیل۔ کم ذاتھ تہٕ خام طماع یُتھ بہٕ چھُس تہٕ یُتھ پنُن جسم پیش کش تھاون واجینو زنانہٕ چھے۔ اَدٕ سوٗ شادٕ چھے۔ سارٕ چھے یا جبینہٕ چھے۔"

صدیق جُوٗس ہیوٚ تنُ یہٕ وُنتھ تٕراسہ ٹوٗکھ یُن تہٕ شاہ تیزُن۔ تہٕ تمی دیُت زٕژھ کھنڈ دم ہیوٚ۔

نادہ ہینس پیٹھ کڈ بلبدرن ووہ ھٹ۔ ووہ نی گوٗژھینہٕ تاوَن زد

نگیننٛ ناوہشیوٕن۔ ٲکس لحظس منٛز آو بلبدرس یہٕ خیال زٕ" کمہٕ ذاتہٕ کو ٲخرٕ کم ذاتہٕ" اَمہٕ بُتھہٕ اوس یہٕ بلبدرن صدیق جو زانہہ وُچھمُت۔ صدیق جوُنہٕ شرافتُک۔ ظٲہر دارِی ہُنٛد تہٕ لحاظ اَچھن منٛز آسنُک یُس برٛم بلبدرس اوس سُہ گوس اَکہٕ لحظس منٛز دوٗر۔

بلبدر ووٚنُس۔" اَدٕ سہ بوزٕ مےٚ تقریر چون"۔

صدیق جوٗ ووٚنُس:" بلہٕ کاک ناراض مہ گژھ۔ بےٚ چون خادِم چھُس۔ مےٚ وٕنی یہٕ عام کتھ۔ ژٕہے وَنتہٕ۔ اَسہِ کیاہ آو دِتھ چھنہٕ کانہہ اَنان۔ اَمیُک نےٚ حسرتھ آسہ کٲنسہ یورکیاہ زٕ کیہ۔ ساینہٕ آسنہٕ سیتو چھےٚ یتھ شہرس منٛز شرافتھ۔ نتہٕ محلہٕ محلہٕ یوٚہے تماشہٕ وُچھو یہٕ ہسیہ چھُ پھیل یہٕ چھُ بھاہٕ وٕن پانہٕ پھٹہٕ تہٕ جان۔ پھٹہٕ نہٕ تہٕ نشتر دِنہٕ ورأے کیاہ چارٕ چھُس۔ وونی اگر پھوٚٹ نہٕ اوٚری نشریوٗ بٮ۪یہٕ کٔنہٕ اَنگس بیٚٹھہٕ نیرِ نوٚن۔ اتھ چھُ نوٚن نیرُن۔ نتہٕ یہٕ سارِی بےٚ بدنس نوسوٗر کرِ۔ یہٕ چھُ مرنہٕ وانگنُ۔ ٹیوٚٹھ ٲسِتھ تہٕ چھُ اِنسان ٹاس کڈٕ کڈٕ کھیوان۔ آکھتےٚ زیادٕ ٹیوٚٹھ ژھانڈان"۔ نہٕ تو ٚگ بلبدرس کانہہ جواب دِیُن یہٕ تھاہٕ دارس۔

نہ تووُگ بلبدرس کانٛہہ جواب دِتھن نہ ٹھانہٕ دارس۔ کتھ کتھ بوزان کھیٚیہ اکی اکی پُلسہٕ وٲلۍ شۍ شۍ گلچہٕ تہٕ بٮ۪یہ بیٹھی پیشالت لیونہٕ۔ بلبدرَن کوٚڈ ٹھانہٕ دار وُزَس منٛز کتھ کرَنہٕ خاطرٕ۔ رتھ بیوٚ پیٚنٛشٕ ہٮ۪وٕ ستو گوٚ ٹھانہٕ دار کلہٕ کینٛہ کرٕ ہلِس۔ پُلسہٕ والیو تہٕ بوٚرٕ چھینٛدٕ۔ بلبدر دژاکھٕ ہیٚرٕ کوچس تام سیتو۔"

صدیق جوٗ ژاو اندر۔ تمہِ ترٕوٕ سارِنی ہٮ۪نی نگینس کھوٗرَن تَل دَستار۔ تہٕ وۄننس۔" کورِیا۔ ژٕے بچوو ٹھکس بہٕ ازٕ۔ مےٚ اُس نہٕ خبرے ژٕے آسی یُت بوٚڈ جگرٕ۔"

نگینَن اُس یمَن کیٚنٛشَن رٮ۪تَن منٛز وارِیاہ دُنِیا داری ہیٚچھمٕژٕ۔ تسَ اوس نہٕ پوٚز وَنٛنس وار۔ پوٚز وَنٛنہٕ کوٚت گرٕ ژھہ ہے۔ پننہٕ برادری منٛز پوٚت پھیرنس کوٚسہٕ وَتھ اُس اَمِس روٗز مژٕ۔ یُس آکھ اُمِس لوٗ گمُت اوس۔ سُہ نے سَتہٕ صابنہٕ سیٚتو تہٕ چھکلنہٕ ییہ ہے۔

نگینَن دِیُت نہٕ صدیق جوٗس کُن کانٛہہ توجہ۔ اَما پوٚز دستارٕ تُلُن تھوٚوٗ نتہٕ تھووُن طاقچس پیٚٹھ۔ نہ وۄننس پوٚز نہ اَپُزٕ۔ شادَس باسیوٚ یہٕ صدیق جوٗن اَپیرٕ۔

صدیق جُوٗن وٕنُس۔" اگرٚے مرضی چھےٚ کام گژھنچ۔ بہٕ وایہٕ ناوتھ پانٕے۔ بہٕ چھُس بوڈ جہنمی۔ مےٚ کوٚرمےٚ ژٕ‌ٔنےٚ سےٚ تہٕ بار ظُلم یمہٕ چھُنہٕ اَز تام کانٛسہٕ چھَنٛد کوٚرمُت۔ ژٕ‌ٔےٚ سیتھٕ کوٚرٕ سےٚ پٔنٛتند۔ بہٕ چھُس گوٚنہگار۔ مےٚ بخشِش زٕ۔" یہ وَنان باسیوتس زِ تہٕمۍ کرٕ پنٕنچ ذِمہ وارٕی پوٗرٕ۔

نگینس آیہ اُش گٔنٛڈ۔ دانہٕ کُھٹِس مَنٛز بیوٚٹھ عٔلی یہٕ جبینس اَچھ ناٹھ کرٕنہٕ۔ تہٕ سارٕن ہٕژٕراو دٲر۔ سہٕ بیوٚٹھ دار ییوٚٹھ تماشہٕ وُچھنہٕ۔ بَرٕژ آسہٕ شیٖنس تَل گمٕژ۔ اَپار یاربلہٕ اُس لوکُو پَشو بیوٚٹھ شیٖن وارلنچ سکھر کرٕمژ۔ یاربلہٕ ہیٖرٕن بیوٚٹھ اُسہ شُرٕہ نِنہٕ وٲرٕی شیٖنہٕ معہ ہنوکہ بناوان۔ ناوِ ہٕژ نژٕ اُسہ کھہٕ رٕن حیلہٕ ہٕرٕہ لٲگتھ کھوٗرٕی نژٕ ناوان۔ کٔژ یکہٕ ناد کران۔ " شیٖن ماوالُن۔ شیٖن ماسا والُن۔"

صدیق جُو نیو معیارَو کِنہ اوس یہ نگینَس امتحان۔ اَتھ امتحانَس
منز تھاوَو اَمہِ صدیق جُوٗ نِ شان۔ خجل تہٕ خار گژھنہٕ نِش۔ بچوُوٗن صدیق
جُو اوس یِہ تحقیٖن ما مَنَن اُنِز سیٹھا مُہ حتاط روزان۔ شُہ اوس نہٕ تیٚژھہ
کار کرَن وول یِمہِ سِیٚتہ تس ہان یِیہ ہے نہٕ ٹھوکر لگہہَن۔ یُتھُے زانہہ
اَمِس ژھل کرُتھ بایَتھ نُسپہ دِیتھ کانٛہہ زنانہٕ بنیٚ یہ سُہ اَمِس اَمہ لوہُر،
پشووُر تہٕ اَمرتسر واتناوٕ مِژ تہٕ منز پٔنٛنہ دٔرالگٔ کھیٚمِژ۔ نگینہٕ رُٹ اَمہِ فقط
طوطِنہ کِنہ یِٹَتی تَس۔ یَتہٕ بیَیلہِ اَمِس بلبدر پنیُو گژاکھ بنیوو۔ اَمِس بڈ یوو
جِگر۔ نَتہٕ اوس نہٕ یہ یوتاہ کھرکہ لَد کار کرَن وول۔ تمِتھ کِنہ اوس باسان
زِ یہ گژھہ آسُن کَنہ کھعہ تہٕ دوٗر۔ مگر اُندرِ کِنہ اوس یہ تیوٗتا کمزور تہٕ بُزدِل
زِ اگر بلبدر اَمِس نَہ تس یِیہ ہے نہٕ۔ اَمہ آسِہ ہے تھانہٕ دارَس بڑوٗنہہ کَنہ
پانہٕ سورُے کیٚنٛہہ بیچر کوومُت تہٕ یہ آسِہ ہیکھ خعرِ جِیار یِل واتنوومُت۔

دوہ ڈٔ اوس یہ نگینَس زیادے قدر کَران۔ اَمہ شُند وَنُن اوس نہٕ
پھیران۔ یہ اگر نیبر بازر نیرِہے تَتہ تہٕ اوسُس نہٕ ٹھاک کَران۔ نَتہٕ اوس
اَمہ شادَس تہٕ سارَس یہ دُپھز تہٕ نیبر نیرنَس کانٛہہ ژھ نمُت۔ سارہٕ اَمِس
ییتھ کِنہ یِیہ اَندر نیبر نیران۔ مُنزِ کُنتہ وقتہٕ کُنہ زیارتَس بیٚھٹھ گژھان تہٕ

یِڈ بٔرِتھ وَدُنا کرِتھ یِوان تہٕ اگر شاد گژھ ہے سو آسہٕ ہے کانٛہہ نَتہٕ کانٛہہ
آسانٛو سیٖتھو۔

نگینس اوس نہٕ اَڈ تامتھ ماٗلی شیٖرٕ قبر پیٹھ گژھنُک زِ نیٚبہٕ موقعہٕ
میوٗ ملُت۔ دوٚن رٮ۪تَن پیٚو شیٖن کالہٕ بیگاہ۔ اثبرو اثبرو سیمیو تہٕ پتہٕ یُتھُے
سڑکن شیٖن تُلک تہٕ وَتہ کھٕلے یہٕ۔ دوٚیمی دوہ یہ ووٚن تَمہٕ بلندرس ٹُھرٕ ٹُھرٕ
سوزُن۔ شٔلہٕ دوت زِنکہٕ نِکہٕ کاشتے ٹُھرٕ ٹُھرٕ بیٚتھ کَدلس پیٹھ۔ اَمہٕ یورا وس
ٹُھرٕ ٹُھرٕ واتُن مُحال۔ کوچن منٛز آسہٕ وُنہٕ شیٖنہٕ دوہ یہٕ کھٔرڑا۔ اَتہٕ پیٹھ آو
اُمیس شٔلہٕ شیٖچھہٕ ہیتھ۔ نگینہٕ ڈرایہٕ گوڈنیچہ لَتہٕ بُرقہٕ لاگِتھ بَرٕ نیبرٕ
سایہٕ تیچن پانس سیتو۔ تَمہٕ موٗنس نہٕ گوڈٕ۔ مگر اَمہٕ موٗنُس نہٕ یُور۔ اٰخر
چلیو نہٕ تشنہٕ ہُڈ کینٛہہ تہٕ۔ دوہ شوٗرے زَنہٕ ڈرایہٕ کانٛسہٕ سیتو واپس
وَزاعے۔

صدیق جُوٗس اُمس یَتھ اُسِتھ تہٕ توتہٕ نَرٕ نَرٕ۔ نیران نیران
ووٚن تَمیٚ سارس کُن۔ "میون یَزتھ چھُے دوٚنی جایَن اَکھس منٛز۔"
سارَن ڈیٚت گوٗش۔ زنانہٕ بوٗزِ نے۔
پانہٕ ڈیٚتُن آسان آسان نگینس اِجازتھ۔ ٹُھرٕ ٹُھرٕس تام ڈرا اسٕ

سیتھ۔ مگر دِلک ژۄر کوٚت گژھِ ہیس۔ دوٚپے دوٚپہس رۆدِس وَسوٚسہ زِ خبر ہَے ہے۔ مَتہٕ چھِپہِ تَن اورٕ واپس۔ وُچھتَنس کانہہ زانٛنی کار۔ نی تَمنس رُلپیس شکس منٛز۔

قبر ہاونہٕ خاطرٕ کوٚڈ سارَن ہسپتالُک اَکھ کمپونڈر۔ نگینن ژۆود ٲلی ہِشی قبرِ پیٹھ سیٹھا اوٚش۔ وَرِتھ وانٛجہ ژوٚلس نیرِتھ "مےٚ ہا بخشتن زِ بَبا۔ مےٚ ناچھےٚ نہٕ یانس کانہہ تقصیر۔ بینا میون مَلالہٕ نھاوِکھ۔"

اَمہ پَتہٕ تراوِن ہونیت ژھ چھِ۔ رٕ پیہٕ اُکس باٛ گراوِن مزارَس پیٹھ اورٕ کین یورٕ کین شُرِن چھِٹہٕ ووٹ تہٕ اوٚش وَوہتران ژایہ ہسپتالس اَندر۔ سارَن دوٚپس "وولہٕ طوطن گرٕ شھو"۔ اَمہ دوٚپس "نہٕ ٹھہر گوڈ چھےٚ مےٚ یٔیتہٕ کوم"

ہسپتالس اندر گیہ نگینہٕ تتھی کمرس نِش ییٚتہٕ اُکس چارپایہ پیٹھ شین رِتَن مول اوسس۔ تتھ پیٹھ اوس بدلہٕ کنٛہ تام بیمار۔ تتھ نِش داٛ تہتہ تنجےٚ یون بُرقہٕ تھوٚد زِ اُکس نرسہ پیٹھ بٔیِس نظر۔ یہ اُس اَمہ بڈ ژھہ تہٕ اَمہ وُچھمُش۔ پوٚت گھوری ژایہ نیبر۔ سارس توٚرِ نہٕ کینٛہہ فکر۔ تمہ دوٚپس۔ کیاہ ژھرٹ ژھرٹ چھےٚ۔ یَکھ دوٚہ نی

پہ گوٚو تہٕ گو۔

اَمہٕ دوٚپُس۔ " ٹھہرو وُنہٕ۔ مےٚ چھُہ ڈاکٹر بھایہٕ سمکھُن۔"

سارَن کُڈ اَکھ بیھٹ دوہٹہٕ ہشس۔ دوٚپنَس۔ " ہا سے کیاہ گوم ژٕے

کیاہ رٕژ رٕسے چھُیا۔"

نگینَن دیُتُس نہٕ کانٛہہ جواب۔ تمہٕ پرٛژھہ برٛقس منٛز بُہتھ اَکھ

اکِس کمپونڈرس۔ تمۍ ہوٚوُس۔ اَنٛدی مس کمرٕ کُن۔ تہٕ اَتہٕ بیٚیلہٕ اَمہٕ ڈاکٹر

بھایہٕ سیٚتۍ مشوٗرٕ کوٚر۔ اَدٕ توٚر سارَس فکرِ زِ بلیڈرس چھےٚ ناو شاٹھَس لَجمٕژ۔

نمبر نیرِتھ پرٛژھُس سارَن۔ " اوٚ تام کوتہٕ دوٚنھتہٕ ہہتہٕ حسابہٕ آسہے

سپدیومُت۔ مےٚ تہٕ دوٚپ ژٕے کیاز چھےٚ مال مُشِتھ گومُت۔"

گوٚ ڈبکس پیپش بیھٹ پوٚشِنٛ اکِس زنانہٕ کھتَسُن گژھہ۔ سہٕ اوس نہٕ

نگینَس کھوٚتمُت۔ تمہٕ بدلہٕ اُمن اَمِس بُہتھ لیڈرٕ ژھِٹ پھیرِتھ گمژ۔

نگینَن پرٛژھُس: " کیاہ ہہتہٕ حساب سپدیے۔"

صدیق جُوس گوٚژھہ وَنُن۔

" پرٛژھہ کیتھ " نگینن دوٚنُس مشدچھان مشدچھان " بیٚلیکس

تاوَن زٕدَس "

اَدٕ اَتھ کوٚسہٕ گال اُس۔ آٲخر یہٕ زَہَر ماللہٕ وُچھتھ ژٕ سیٚپتھ، رتَنَن"۔ نگینَس گَیہٕ نہٕ یہٕ کَتھ بَرداش۔ سو وَٲژھس۔" چون کیٛاہ صَلاح چھُ۔ مٲرِتھ ژھنیٖہٕ"۔

" اَمہِ ورٲے چھُنہٕ چارٕ تہٕ کانٛہہ۔ بلبدر تہٕ اگر بوزِ۔ سُہ تہٕ دِیہٕ یوٚہے صَلاح"۔

" تہٕ بنہِ نہٕ "

" خار ژٕ تیٚے تَرٕنَے نہٕ یِمہٕ کَتھِ فِکرِ۔ مگر تَس کرُم زِ نہٕ کنتس کُن خَبر۔ ژٕ تیٚے آسی خیال زِ تَس یی نہٕ بَرٕژھے۔ مگر یہٕ چھُ دُنٛیا دٲرِی ہُنٛد سَوال۔ یہٕ چھُ سماجُک بُتھِ دِنُک سوال۔ سُہ کَمہِ بُتھہٕ وَنہِ کانٛسہِ زِ یہِ چھیٚنے مٲژ کوٗر یا میون نیٚچُو۔ یُس کانہٕ گرِس منٛز زاو"۔

" کیٛاہ زِ وَنہٕ نہٕ۔ بیٚیلہٕ نہٕ مٕے نِش بیہنَس شرم گَیَس۔ راتن شوٗہ نگنَس مَنٛدچھ گیٚس۔ پننِس شُرِس ہِنٛزِ شروُنٕ گرٕژھ سہٕ گال۔" نگینَن دِتُس کھوٚرنہٕ ٹھیک کرِ اُوِتھ جَواب۔

" ژٕ اُسِکھ خو داین رانٕ گرِس منٛز راج کرنہٕ خاطرٕ ٹھہرٕ مژ۔ مگر کیٛا ہتام رَنٛج اوسُے تقدیرَس زِ اَسہِ نِش لُبکھ۔ نیٚتہٕ تَرٕہَتَے یِمہٕ کَتھہٕ ژٕ تیٚے پانہٕ فہمَس

ژےٚ سوچِھ۔ اگرٚے بلبدرن چانِس شرُس موزِنہٕ۔ روٚٹُن نہٕ پانس سیتۍ نیٚلہِ۔ ژٕ چھکھ پرٛژھان یہِ گژِھ اگر لرٛکہٕ آسہ دٕرال بنُن تہٕ اگر لرٛکی آسہ پننِس جسمس سودا کرٕنۍ ساگنی پانٕھٕ۔"

اَمہِ روزٕ رٔتۍ اَڈٕرے۔ نگینن ڈیٚتس اَمس ٹھوٚپ۔ تہٕ بیٚگہ ۂسِہ ووٚننس۔"یہ مُتہٕ وُنتم۔ یہ مُتہٕ پرٛژھ تمَ۔"

سارن دوٚپُس:" توتہٕ بوزمیون۔ بلبدرس وُنۍ زِیٚنہٕ وُنہٕ۔ خاش چھےٚ طوطس وَن۔"

اَتہٕ بیٹھٕ گٔیہٕ یِمہٕ دوشوٚے طوطنۍ۔ تٔس آیہ نہٕ پرٛژھ۔ یہ ڈیٚپِر نہ رَتہٕ چھپہ بغٲر کرِنہٕ تمہٕ نگینس سیتۍ اَکھ کتھ تہٕ۔ کُنھیٚ وِتھ چاوِتھ دٕرٲیکھ طوطہ تہٕ سیتۍ۔ ہور گٔیہٕ کار تام کوٚرکھ ٹُم ٹُمس بیٹھ چکر۔ نگینن وُچھ پرٛی محل بیٚنپہ نِشاط۔ سارن دِیوس یکھ ہارُون تام گژھو۔ شالمار وُچھون مگر نگینس اُس نہٕ مرضی تس اُس کل گرٕ کُت۔ اَز اُس ژٕ سوار۔ اَز اوس بلبدر شلی پیٚہن ییٚنہٕ دول۔ شہ اوس ہفتس منٛز اَکہٕ بی دوٚیمہٕ دوہ یِوان۔ ہر گاہ ہفتس منٛز باقے شین دوہ ہن ییٚہ ہے نہٕ۔ توتہٕ اوس بڑیس وارٕ دوہ ضنوٗرٕ رٕ ییوان۔ اَمہٕ دوہہ اُس نگینس ژیتہ فِکرِ منٛز روزان۔ تہٕ اگرٚے

بلبدرس وانس پیٹھ آمہ دوہ ہیہ ژیر گژھ ہے۔ غلی یس اکھ اُسِس شیئچھ سوزان۔ تسلس اُس ناد دِتھ اَناوان تہٕ پرٛژھان۔ تہ کتہٕ تسلس اُس مالکہٕ ہنٛز سَنخ پھوشان زِ پانس پرٛی ہش زنانہٕ اُسِتھ تہٕ چھُ یہ بدکار زنانن پیٹھ زوٗ دوان۔ تسلہٕ اوس کُنہِ وقتہٕ بلبدرنہٕ آشنہٕ راجہ رئینہٕ تہٕ نگینس مقابلہٕ کران۔ یتہٕ اوس سوچان زِ یہ کتھ چھُ اُمس پیٹھ یوت فِدا۔ راجہ رئینو چھا کمہٕ کینہہ۔ تس تکن نا زیچہ زیچہ زالی وانکہ پارنہٕ؟

نگینہٕ اُس وُنہٕ تہٕ مُنزِ مُنزِ رنچہ رنچہ وانکہٕ یاران تہٕ یتھے بلبدر ییہ ہے تیتھے اُس مس مُژران تہٕ نوٗ گنڈان۔ اَمہِ سیتی آسہ اُمہِ شِندس مستس پھِٹہٕ ہشہ نیران۔ بلبدرس اوس یہ سیٹھا خوش یوان۔

راجہ رئینہٕ تہٕ نگینس اُس اکھ فرق۔ راجہ رئینی اُس گرس منز گرِچ مالکینہ۔ حکم اوس تسنٛد چلان۔ دوہ ہس اوس ضنائع بیٹھے۔ راتس تہٕ اُس تہنٛز یتہٕ خودی تہٕ لولہٕ تہٕ سائلم آسان۔ مرضی گژھ ہیس کنے وتھرن تراوِ ہے۔ مرضی گژھ ہیس نہٕ۔ بلبدرس اوس آسان اُکس اَنہٕ ے وتھرون تہٕ اُمس بیکس اَندرس۔ تہٕ منزس اُس آسان کشوری گگہ منز لس منز۔ پانہٕ وائی کینہہ پوشید نہٕ اُسِتھ تہٕ اوس دوہ نوٗ نی واریاہ کینہہ ژور تھوون

پیوان۔ شوقس لاگم رٕژ پیوان۔ دِلہٕ کین اُرمانن سوٗ ٹھوٗ گنڈنۍ پیوان، تہٕ
پٔرتھ کانٛہہ کتھ توٗلۍ توٗلۍ تہٕ مینٛژ مینٛژ کرٕنۍ پیوان۔

بلبدرس اوس ہتھ پراسیہ کرُن پیوان۔ راجہ رینہٕ سیتۍ کتھہ کرنس
منٛز۔ وضع داری ہُنٛد لحاظ تھوُن۔ سوٗ آزادی۔ بے فکری۔ غم دفائی تہٕ
یاو نیچ جولانی ہاوُنک موقعہ اوس نہٕ اُمِس اتہٕ یوان۔ تتھہ بدلہٕ اُسس نہٕ
اُمِس نگینس کنی کانٛہہ گال گرٛژھان۔ کانٛہہ ٹھوٗر باسان۔ کُنہٕ قسمُک کانٛہہ
مشُد چھہ بدٕ ونٛھٹھو لیوان۔ یہ وَنہٕ ہیس تہٕ مانٛہہ ہیس۔ زنانہٕ ہنٛز سُبردگی ہنٛد
یُتھ سِرزر تہٕ پرزر یُتھ لذت تہٕ امیُک ایحساس اوس نہٕ بلبدرن ننس
گرٛس منٛز زٕنہہ ے کوٗرمُت۔ راجہ رینہٕ سیتۍ خاندر کرِتھ میتس اُسو اُمِس
داہ وٕری گمتۍ۔ مگر یمن داہن وٕرین منٛز اوس اُمِس یمہ ہنے شین ستن
ریتن منٛز اندازٕ ستیہ مُت زٕ مردس تہٕ زنانہٕ ہنٛد تولُق کتھہ چھہ دَیان، تہٕ
امیُک حد کیاہ چھُ۔

نگینن اوٚن یوٚت یوٚت تانٛ گٔرٕ پھیرِ. دوٚپُن وُچھ نا بہٕ بلبہٕ رسن ووٛنت. پۆرٕ ھس نا یُس اسہِ شرٕ زیوٚ. تُسُنٛد ذِمہٕ ہیٚنہٕ خاطرٕ چھُکھ تیار. مگر نا ہیمتھ پیٚنیس نہٕ.

یم اَسہِ امرِ ناتھ یاترایہٕ ہیٚندی دوہ. ہنٛدُستان کین بوٚنٛ ذیمن علاقن ہیٚندی ہیٚتہٕ بدی گوہ سانٛ اسہِ کٔشیرِ ترٛیٚ میتھہ. پرٕتھ ورہ یا اسہِ اَتھ موقس پیٹھ پتنگتو پتنگتو گوہ سانٛ یور یوان. اُڑی اسہِ مَنٛدرَن تہٕ دھرمسالن منٛز روزان. تہٕ اُڑی اسہِ شہرس منٛز جایہِ جایہِ بازرن پیٹھ دوٚنٛ زا اٲلتھ بہان. یم مسلمان محلس منٛز آسہٕ ہین یا بٹہٕ محلس. ویسے اسہِ تہٕ بٹہٕ مسلمان محلہ الگ الگ کینہہ تہٕ اما پوٚز کُنہِ طرفس کُن اسہِ مُسلمان زیادٕ روزان. کُنہِ طرفس کُن بٹہٕ زیادٕ. یم یتھ بہ تتھ محلس منٛز ڈیرٕ دیہن تتہِ اسہِ لوکھ یہندِ خاطرٕ چھپر بناوان. زیٛنُن سعہ نبران تہٕ پانٛسہٕ جمع کران. یمن فلیٹ اَننہٕ خاطرٕ کمل اَننہٕ خاطرٕ لعٕ کٹین شرٕ پین امس زیادے دِلچسپی یمن گوہ سانٛن سیتھ. بٹہٕ مُسلمان شرٕیکھ اسہِ محلہٕ محلہٕ تہٕ آنگنہٕ آنگنہٕ پھیران. کرکہ ناد کران.

" باباجی کے واسطے لکڑی دیدو "

"باباجی کے واسطے چاول دیدو"

اَتھ مجلسس منز تہٕ اوس گوٚہ سانٛی اَکھ دوٚنی زاٗلتھ بیوٚ ٹھمُت۔ حلیہ والیو اوس اُمِ سٕندِ خاطرٕ پیٚٹھے کٔنی چھٚپر بنوومُت۔ صدیق جوٗس اوس بوٚڈ زِنی موٚنڈ آنگنس منز سٕہ اوس اُمو گوٚہ سانٛس کیٚتھ سوٗزمُت۔ یہ گوٚہ سانٛی اَڈٕ اوس تماشہ گیٚرن ہٕندِ خاطرٕ وقت گُساوُنٕکٕ جان اَڈٕ۔ اُڈمو اُسو اُمِس نِشہ یوان کانٛہہ نوٚ سخہٕ ژھانٛڈنہٕ۔ اَڈِین اُس خبر زِ گوٚہ سانٛین چھٕ آسان شٔشترس سوٚت بنادنٕکٕ ہُنر۔ ماشوق پھانٛسہٕ نادنٕک کانٛہہ ٹوٹکہٕ۔ نتہٕ کانٛہہ ترٛٹھ بوٚڈ ییٚمہ سیٚتھ مرد دوہے جوان روزِ اَمہ ماپہ مٕتہٕ اُسو واریاہ اُمِس گوٚہ سانٛس نِشہ پھان۔ صدیق جوٗسس نہٕ اوس خیال زِ گوٚہ سانٛس نِش نیرِ تمِس تہٕ دمِس کانٛہہ یلاج۔ سُہ اوس اُمِس جان سیوا کران۔ پٔرِس اَنان۔ چِلم بھران۔ مُنزِ پانہٕ تہٕ اَکھ زٕ دام دِوان تہٕ بازر نالہٕ ہیٚٹھ ٹھوٚکہٕ چھٕکان۔ محلہٕ زنانہٕ تہٕ آسہٕ مُنزِ مُنزِ ژیرِ شامَن گوٚہ سانٛس کیٚتھ توٚمُل ہیٚتھ تیران۔ نتہٕ اگرٕ کانٛہہ بٔٹنی ھیٚبنٕس مندرٕس دٕرایہ یہ۔ سُہ اُس اُمِس تہٕ توٚملہ موہ پھٕٹے دیلے۔ سبزی بٔرگاہ یا اولو اَکھ زٕ دِوان۔ نگینہ تہٕ دٕرایہ اَکہ دوہ تہٕ پھر

گوٚسٲئِنس بھسم ہیٚنہٕ خاطرٕ۔ گامَس منٛز تہٕ اگر کانٛہہ گوٚسوٗنی آیے یوٗد۔ لوٗکہٕ
شُرۍ آسو تَس اَلنہٕ تہٕ وَلنہٕ پیوان۔

باباجی۔ بھسم۔ باباجی بھسم۔" کٔڑکہٕ نادٕ تُلان تہٕ پتہٕ آسو یہٕ بھسم
مَتَس مَھتان۔ اَچھن مَتھان۔ نگینَس اوس اَمیس گوٚسٲئِنس کُن وُچھِتھ
اَکہٕ نشٕ دُن یاد پیوان۔ یہٕ دلیل اُس بَٹہٕ گرَن تہٕ مُسلمان گرَن منٛز مقبوٗل
تہٕ موشوٗر۔ سدارامَس تہٕ شورٕ بٹنہٕ کِھتہٕ کُنہٕ اوس طمَاہ۔ شُر گوٚژھ آسُن
رِکھتہٕ کُنہٕ اَکھ اَکہٕ دوہہٕ اَکھ گوٚسٲئی تَتھ ڈُینٛنک سَنتان تہٕ دوٚپنکھ
" دِہہ وُہرِک چھُوٚ مےٚ یہٕ لَڑکہٕ وایس دِیُن۔ تہٕ دِہہ وُہرِ
آکھ یہٕ لَڑکہٕ واپَس نِنہٕ خاطرٕ۔ یہٕ دلیل یاد پیٚنہٕ وِزِ اُس نگینہٕ ہنگہٕ منگہٕ
اوٚش ژٲوان۔ تَس اوس گامہٕ چھکرِنؠ ہُنٛد آلو ہیوٗ کنَن گرٛزھان۔

" مَتہٕ مارتَن اَکہٕ نشٕ دُنیے۔"

گوٚڈٕ رِنچہٕ لَٹہٕ سنیو تہٕ صدیق جو اورکُن زِنگین کیٚاہ الٲتہٕ بھسمَس
کَرِن۔ دوٚیمہ لَٹہٕ کوٚڈ اُمو سارس ژٕنش پےٚ۔ اُمو ژایہ اوٚنٛچہٕ۔

بَڈٕ دٲنرِتھ دوٚنُن نگینَس۔" ناتہٕ اَز تام تھاٚوِتھ تہٕ خبرِ
وہوٚنی چھُہ مٲلہٕ ہور پیٚٹھ ووتمُت۔ گوٚڈنیتھ گوٚژھنہٕ یہٕ سَیدُن ووٚنی

بیٚلہِ ستیٚد۔ خم دایَس یی منظوٗر اوس۔ ۔۔ ژٕ گوٚژھنا توتہٕ پننِس
زوٗس واتُن۔ مےٚ تہِ دوٚپ ژےٚ کیٛاہ چھُےٚ یہِ گوٗمُت۔" نگینن دِتُس نہٕ
کانٛہہ جواب۔

شادٕ وۄنٕہس۔" میاٰنی کِنہٕ رنٕ ژٕ یمَن ۔۔ن ترٛٲین رٲتن یہِ کُنہِ
جایہِ ہواچیٚنہٕ۔ ییٚتہٕ نسۍ یہِ دم پھُٹِھ آسہٕ گمُژ۔ تہٕ وۄنی توٚ بلبدرُس۔"
صدیق جوٗس گیَہ یہِ کتھ بوٗزِتھ کنٛ کھڑا ۔۔ دوٚلتھ۔ خبردار
چھُکھ یِنہٕ بلھبدرس وۄنہٕ اَتھ خبر تہٕ لگہِ۔ مےٚ چھےٚ پتہ ۔۔م نامدار تہٕ اِسم دار
لۄکہ چھہ اٰندرٕ کِنہٕ ژھٕری آسان۔ سُہ کرِیا برداش گانٕہ گرٕس منٛز
زیٚویس شُرتہٕ تمۍ سےٚ پالہِ پتہٕ پننِس شُری سِندہہ پاکھٕ۔ ۔۔ہٹِھ یہِ بٲیہ
دِپنکُس۔"

صدیق جوٗن ژون دِین تہٕ منٛزٕس۔ نگینس بیوٚلٕھ نہٕ ۔۔ توتہٕ کوٚرن
سوٗنچ نہٕ اٰخرِ چھایہ ساٰری مےٚتہ میتہ۔ پتھ کانٛہہ چھُکھ وَنان زِ یِنہٕ بلبدرس
افشا تہٕ کرٕکھ۔ سُہ زِرناوِ نہٕ اَمِس شُرِس زِندٕ۔ شُرٕ ہُ شُد اوس، ۔۔ یِنہٕ
جوانی ہُند تہٕ کرٕ کانٛہہ خیال۔"

یہِ اَمِس اَمِہ دۄہہ پتہٕ بوہموار۔ صدیق جوٗ دٕراو اَمی دۄہہ پتہٕ طوٗس۔۔

سارٕ. شادٕ تہٕ نگینہ تنجن سیتی۔ دۄیمہ دوہ آیہ سارٕ تہٕ شادٕ وٲپس مگر نگینہ رُٹ طوطن پانس نش تمہٕ تہ ییلہٕ پہٕ بوز۔ نس تہٕ ییو یوٚ ہے صلاح۔ نگینن ہیوٚ کیہٕ کانہہ فٲصلہ کرُتھ۔ اُتھ منز چھا میأنی عجأیبی رکنہٕ چھکنہٕ۔ سو وَژھ طوطس کُن: "سہ ما کھیٚیہ چھیکھ۔" طوطم وُژھس آسان آسان۔ "یِمن مَردن ہنز چھےٚ نہٕ ژٕ یے خبر۔ یِھٕپس دوہس کھنڈٲش۔ بیٚیہ وُچھنا بہٕ تہٕ تس کو ناہ لول چھُ چون۔"

بٕرس وارٕ دوہ ییٚلہ بلبدرشا منس لولہ ہوٚت سپنہ مُژرادو نہٕ نگینس نش آو تہٕ تکیٚیس سیتی بیوٚٹھ ڈۄکھ دِتھ تموکھ چھینہ۔ تس ڈٕج برونٹھے نس۔ اُچھ چھوے یس۔ نگینن دِژ نہٕ اکھ نظر تہٕ درواز پیٚچھ۔ اماسو چھکنا ییٚتہٕ۔

ژھ کھنڈ گیہ تہٕ صدیق جوٚ ژاو دستارٕ ورأیی اندر کرتہٕ پاجامس منز۔ تس اُس عقلہٕ بقل ہش گمُژ۔ ژن اوس نمنی تالہٕ آمہ تاو لوٚگمت۔ صدیق جوٚن پیٚتھے کمرس منز قدم ژون تمی لوگ ڈانب۔ دوٚپنس۔ "بلہٕ لکاک مےٚ چھٹ کمر۔ نگینہٕ ژٕج۔"

بلبدرس گیہ مرژھا پھر تھ۔ تیہ سیتی لوٚگس ہونگنہٕ ٹاس۔ سہ گوٚ

رٲوٕرِتھ ہیوٚ۔ تَس تورٕ گَیہٕ پۄژھَن تہٕ کُنہٕ کوٗت ژٕرٕج۔ دِلَن موٚنُس نہٕ۔
"نہٕ بَنہٕ نہٕ۔ سوٚ کوٗت ژٕلِہ۔ نہٕ کَرِتھ۔ سہٕ ژٕرِھ ہے نا۔ مےٚ ونِہ ہیے نا"۔
صدیق جُوٗن وَنُن تہٕ وٕدہِش ترٲوُن باسیوو تَس صاف مُکرٕ۔ دوٚپُن
کیاہ تام مطلب چھُہ اَمِس۔ خبر یا ئُسَن ہُنٛد ماچھَس حاجتھ پیوٚمُت۔
تۄرٕ لوکَن پہ سانگ۔

صدیق جُوٗن ووٚنُس۔ "پینہٕ سہٕ اَپُز باسی مےٚ چھُے نہٕ کانٛہہ تقصیر
مےٚ وٲتی نہٕ دوہ پَتھرٕ پیمتِس۔ ژٕئے سوزسے مےٚ رات ہتے شیچھو۔ بوزُم نہٕ
چھکھ تُلہ مُل ووٚتھمُت۔" اوس تہٕ بلبدر راتھ اَتھُم دوہ شرو ہیتھ تُلہ مُل
گومُت۔

بلبدرس گَو یہ خبر بوٗزِتھ کُتا مت سوچھَس تہٕ قَرارَس لوٗٹھ کرِتھ
زَن پیوٚ اَسمانہٕ کِہ پَتھرٕ پیپٹھ پَتھرٕ۔ بُتھ گوس کرٛوہن ژوٗرٕ ہیوٚ۔ اوٚش
ووتھس ٹارِن تام۔ مگر اَمِیک دِتُن نہٕ باس کانٛہہ۔ شادَس تہٕ سارَس تہٕ
وُچھن مسخٕ صوٗرت گَمٕژ۔ آخر ووٚنُتھ صدیق جُوٗس کُن۔

"نَسہٕ چون کیاہ اَنداز چھُہ۔ کوٗت آسہ گَمٕژ"

"مےٚ اگر تمیُک اِفشا تہٕ گَژھہ ہے نہٕ اَمِس ما چھُہ اِرادٕ بدل۔ بئے اَکھ

قدم تہٕ ہُبر تراوٕہٕن ہٕ۔ تتھ بدلہٕ اوسُس بۄڈ پانہٕ شرمشدہ۔ تھانہٕ دارس ہتی
کوٚرُن میون بچاو۔ بڑو ٹھہ تے دژایہ اُدٕ سُلہٕ ژیریہٕ آیہ واپس۔ راتھ دژایہ
کُنی زٔنی۔ مےٚ دوٚپ اُمس پیٹھ پرتھ نہٕ کرٕنی کو گوہٕنن گیر گژھن وامے
یوٚت خوش گژھیس توٚت گژھن۔" صدیق جوُن اندازٕ دُرچھتھ آوشادس
اٚنٛدرٕ ری کتھ اُسن۔ دوٚپُن اُمس چھُ ناٹک تہٕ جان کرُن تگان۔

بلبدرن پرٛژھُس۔" اُمس اوسہٕ بیٚنیہ کاٚنٛسہ نش یُن گژھن۔"

" ہا نسہ چانہٕ کنہٕ چھُم تتھ خوٚ دامے۔" صدیق جو بیوٚکھ قسمہ قسم
کرٕنہٕ۔" نیوٚتا معہردار بوٚز ہتھسہٕ بٕ۔ گلہٕ نے زٕن چھُس انسان چھُس نا۔ تسے
پانس تہٕ چون شٕنتھ اوس۔ نتہٕ ونیوس مےٚ نیٚبرس سیتھ نکاح کرن یمےٚ
دوٚپ ہیٚیوٚر چھُ بعون چھُ نوبتہٕ لگیس معہر۔ پرٛژھ گاٹہٕ تہٕ اگر کرٕ کانٛہہ
یہ کوٚسہٕ۔ وٕنُنس چھُ دار۔ دٕلیوس یہ چھےٚ نیٚبرٕنی آشیٚنہ۔"

صدیق جُوٚنی یہٕ کتھ گیہ بلبدرس برٕتیا۔ یتہٕ شرافتکُ خیال
اوسُس توٚے کوٚرُن ضبط۔ نتہٕ آس یوٚت یوٚت تانی۔" ژٕ کُس اوسکھ
اُمس نیٚبرس سیتھ نکاح یُن دول۔"

" تتھ کیاہ دوٚپُن۔" بلبدرس کھوٚت یہ کتھ مُشکلن ہتھ۔

" ہیتہٕ سنہٕ۔ تمہٕ بوزا کنہٕ۔ سوٚ ہے مےٚ اَتھ پیٹھ ژٕ ییٚن آسیے یہِ
اوٚسے تہٕ چھُس نا بہٕ زیادٕ سے غوطن گژھان۔ خبر کمہٕ زنیہ ورغلاوِتھ۔"

بلبدر لوٚگ سوچنہٕ زٕ خبر بیشنٛٹھِ پوٚر ما آسہٕ گمُت۔ بیشاکھ خیال آس
زِ اُسی تٔن یہِ صدیق جوٚن شرارتھ۔ اُسی تٔن یوٚہے کھوٚژمت زٕ اگرے
ییٚتی تھاوِم نی تٔمس کُنہٕ دوہ پلسہٕ رٛٹھتھ۔ نتہٕ بٔکرہ لوہوٚر یا پشاوٕر سوٗزن
اُمس پیٹھ تہٕ کیٛاہ وَسا چھُہ۔ سیٹھا اوسُس دِل دٕیان زٕ مےٚ سیٹھو
کرٕ نہٕ یہِ دغا۔ مےٚ کوٚہہ کمی کٔرِس۔ روپیس ترٛٹے ہیتھ اُمس نہٕ کم
کیٛنٛہہ تہٕ۔ امہٕ زیادٕ تہٕ کتہٕ بنہٕ نس۔ بلبدرس باسے یہِ اَز لگہٕ تام دوہ پرٛ
تس توٚگ نہٕ تھوٚد تہٕ دوہ تھٕس۔ صدیق جوٚن وٚنٛنس۔

" خاٚرگا بر نیچ چھیٚنہٕ کتھ کانہہ۔ مےٚ چھُہ عٔلمہِ تہٕ نیبرٕ سوزنہٕ مُت
عٔلمہِ گوٚ بیشنٛٹھِ پوٚر۔ نیبرٕ گوٚ شہرس وُنٛز دِنہٕ۔ بنٛیِ آلہ مٔنٛز کڈن گژھِ
کوٚت۔"

بلبدر ییتھے تھوٚد دوٚتھ۔ تس اوس کوٚب ہیوٗ وژامت۔ زنتہٕ
وٚری داہ اُمس نہٕ ستےٚ کالس ہُرسے ہیوٗ۔

بٔرنہٕ مٔنٛز نیرتھ رُودُنہٕ تس پانس تام۔ تس آیہٕ اُشہٕ ہکیہ۔

پیٚوٚن ژٕھ تام وۄن ھۄسٕ تہٕ یوٚت پیٚۓ دوہ بتھٕرٕن رٕفَل پھیرنہٕ کیس
پانٛژھس ژۄٚرِ ژۄٚرِ ۔

کٔشیٖرِ اَنٛدر چھہ وَہرٲژ ھێنٛدی دوہ زٕرٕ رۄٚدٕ کٕہ تہٕ دۄٚدٕ وِہٕ ھێنٛدی
دوہ آسان ۔ ہیوٚر کُلین چھہ ہیٚر پیٹھٕ بوٚن تام زمرُد ۔ یاقوٗت تہٕ مخمل
ہٕی میوٚ جُربتھ آسان ۔ تہٕ اَمہ بأپتھ سیٚتھ چھُہ کُلین کوٚب ہیوٚ نیران ۔
مٔنزی چھُہ اسمانس پیٹھٕ سوٗرمہٕ سٕلیہ ہیوٚ اۆبُر کأنسہ بجہ ماجہ ھێنٛدِس
بُتھس پیٹھ گیٚنٛنہ ہیوٚ بٲسان تہٕ کُنہ وَقتہٕ چھُہ اسمان اَمنہٕ پوٚٹ ہیوٚ
نیپہٕ نیپہٕ کران۔

بلیدرِ آوٕرب مانٛڈان گرٕ۔ تٔس اوس نہٕ مول مَرتس پیٹھٕ تہٕ یوٚتام نیٚخ
گومُت یوٚت تانہ بوٗزِتھ گوس زِنٛگیتہ چھُنہٕ کُنی۔ تٔس اوس نہٕ بہان زِ مٚۓ
ترٲوِتھ گرٕژھہ سو کُن۔ مگر اَتھ اوسُس خیال یوان زِ پرٕژھن زنانہٕ پیٹھ
کیاہ بھروسہ کرٕ انسان۔ یِتہٕ چھا راچہ رٕینہ۔ کتھ کرِس نہ کرس

پرٛژھس نہٕ پرٛژھس تہٕ روزٕہم داماں گیرٕ صحبتس چھُنا کانٛہہ اثر۔
تمہٕ آسنا اتھ گرٕس منٛز کہنہٕ ہیٚو چھمت۔ یا ئلی کرِ وار آس نہٕ آتہٕ۔ سٕعونے
کنٛہہ اگر آس۔ میٚے کو نہٕ وۄنُن۔ میٚے تہٕ روزٕہے تونہٕ تسلا دِلس وایامن
کنٛھن دٕل دِتھ تہٕ بیٛوٹھس نہٕ زنٛگینہٕ کیاہ کرِ نہٕ وفا۔ سٕہ کیاہ آسہ
پٔرٛنی کنہ کانٛسہ ورغلاوٕمٕژ۔ دۄہ گام گژھنک خاش گوس۔ بلبدر ژاو
دٕہلہ گگرٕ سینٛدی پانٛھو ورنس منٛز۔ راتس تھاوُن نہٕ اُچھ ییٛھ اُچھ۔
راجہ ریٚنہٕ پرٛژھُس: "ژٕ رٕے چھا۔ نیٚندرٕ کیاز چھوٕ نہٕ یوان"۔
بلبدرن وۄنُس۔ "ژٕ رٕے چھُم۔ نہٕ یرٕ اوسُم مالس آڈرٕ سوزمُت۔
پانٛسہ سوٗزِتھ تہٕ ووت نہٕ وُنہٕ مال"۔

بلبدرس اگرٕ کانٛہہ ذہنی اُلجھن آسہے۔ تہٕ ہانٛژھ اوس
ششہ کارس بارٕس دِوان۔ تہٕ اُمی ہیٚتہٕ اوس راجہ ریٚنہٕ ہنٛدس کٕہنہٕ کٕہنہٕ
کرٕنس جواب دِوان۔

"شوٗہنگ پانٛس۔ ژٕ کنٛہہ چھکھ یمہٕ فکرٕ ہیوان!"

راجہ ریٚنہٕ گوٚنٛڈُن یہ جواب بوزِتھ نار۔ سٕہ وُژھس۔ "أز چھسہٕ
بہ صرف دایہ تون کرنہٕ خاطرٕ۔ أز چھا میٚے شرٕس کٕس ہیٚتھ تلُن تہٕ بس۔ دۄہ

جلھن جورُن تہٕ شامنس نیسر ترٛاوِنۍ۔ بہٕ زَن پرٛژھے ژٕ یے اُجِر یِٕ
کتہٕ چھکھ دوہ واوُن آسان۔ یکھ تہٕ اَڈٕ راتن۔ یکھ نتہٕ رکھیٖو۔ مےٚ
چھُنا یوٚت تہٕ حق۔ گرٕمن منٛز اوسُم بوٚنے، بأے کاکنیٛ۔ کمرٕ لبہٕ پرٛژھم
ٹاٹھہٕ صاحب کتہٕ۔ مےٚ دوٚپ یکھ۔ آسہٕ گومتٕ کُن گام وُگرایہٕ۔ موٚلہ اپُنٛ
دوتمُ ہرکانسہ وَنان۔ "بعتہٕ کھیٚسیہٕ وِ کنہٕ پرٛأرو" یہ کتھ پرٛژھنہٕ وٲلی
چھُنا مےٚ ینٛتس بأژن سیٚتی۔ یُیہ کانہہ کتھہ کرنک ادھیکار۔"

بلبدر اوس پانہٕ پھیکھ کھینس بیہتھ ووتمت۔ راجہ ریٖنہٕ ہُنٛد
پہتھ کنہ تقریر بوزتھ دوپتھ ورِہ منٛز شھوٚد تہٕ ژاو دیوان خانس
منٛز۔ تتہٕ نس شوبنگ صوفس بیہتھ ورہ وراٴیی۔ ژرٕ کھنٛچھ پیٚتہٕ آیہ راجہٕ
ریٖنہٕ تمہ ترٛاوِس کیٚپر ژادر بیہتھ۔

اَمہ وزِ تہٕ اوس یہ ہُشار۔ اُمس اوس آنٛدری تیلان۔ صدیق
جُوان کوٚر مےٚ سیٚتی پھکنٛد۔ صدیق جُوس یہ کتھہ وَننس اُس بہٕ اُمس
شرافتھ اجازتھ دِوان۔ تہٕ یُہے شرافتھ اُس تس وُنۍ کینس تہٕ بُچھس
مُتھنہٕ آمژ۔ تُتھے راجہ ریٖنہٕ دَرواز نیبر وژرایہ۔ بلبدرن کوٚرس
آلو۔ دوٚپنس۔ "کتھہ بوز۔ مےٚ بیٚیہ راوُل پینٛچہ گرٕ ھن پانہٕ۔"

راجہ رٮ۪نہٕ اوس سورُے ژ۪ھ تہٕ مَلالہٕ ترٛاوِمُت۔ تمہٕ پرٛژھس سیٚدٕ سٮ۪دھ "کر"۔

"میانٛۍ کنہٕ پگاہ۔ نَتہٕ کاٚلہٕ کیٚتھ"

"بٮ۪یہ کانٛہہ سوٚزِیوٚن"۔ راجہ رٮ۪نہٕ دِتُس مشوَرٕ۔

"بٮ۪یہ کانٛہہ سوزِن تٕتھ چھُنہٕ وار۔ اَگَر بہٕ بایِرس سیٚتۍ چھےٚ کام پیمٕژ۔ مےٚ پٮ۪یہ پانہٕ گژھُن تہٕ پانس سیٚتۍ بال اَنُن"۔

راجہ رٮ۪نہٕ دوٚپُس۔ "یہ مرضی چھےٚوٕ" تہٕ یہ وَنان کٔر تمہٕ بجلی ژھیٚتہٕ تہٕ دڑایہ دَروازٕ نیبر۔

پگاہ دڑاو بلبدر ڈیرٕ ڈٲگہٕ ہیٚتھ تہٕ ووت صدیق جُوٗن گرٕ۔ گرٕ دڑاو راوَل پٮ۪نٛچہ مگر ڈیرٕ ڈٲگہٕ ترٛووٗن اَتہٕ تہٕ دُسہٕ فرٕد وٲلِتھ گوٚ اَمی دوہہٕ شُمبل تہٕ تتہٕ روٗد راتس۔ دوٚیمہٕ دوہہٕ گوٚ پانہٕ بنٛدٕ پوٚر۔ صدیق جُوس اُمس نیٚہہ یہ راے۔ تس اُس خبر اَدٕ دوہہٕ ہس دوون دوہن گژھہ بیقرار

ہیو۔ پَتہٕ ژھانڈِ بێیِہ طوطَس۔ بێیِہ تہٕ رتَس دوٚن منٛز کیٛاہ فرق
پێیِہ۔ وُچھِن ہٕ زَن دوٚن رتَن نگیٖنہٕ۔ نوٚش کوٚر تہٕ چھےٚ مالِنٛن
گَژھانےٚ۔ پَتہٕ چھا تہٕنٛدۍ خانہ دار تمَن پَتہٕ پَتہٕ پھیران۔ یہ تہٕ رِشتے
بدل۔ اَتھ اوس صدیق جو بایار وَنان۔ حُسنَک بایار۔ یَس طاقت آسہ
سُہ کرِ سودا۔ سُہ ہێیِہ مَلۍ۔ اَکس جایہ پێیِس نہٕ یڈ بێیِس جایہ گژھہ۔
وَتہٕ چھا بَنٛد۔ صدیق جُوٗن اَسۍ کَم کَم خرچہٕ تہٕ کَم کَم چِکدار سَر گرِی میتھ۔
بلبدر تہٕ اوس نہٕ اُمی سِنٛدۍ کِنہٕ تہنٛدِ نِش بیٚوٚن کیٚنٛہہ۔ وومٕنۍ بیٚیلہ اُمی
بلبدرَن اضطراب وُچھ۔ تَس گوٚ اَنٛدرۍ کِنہٕ ذرٕ ذرٕ۔ دوٚیمِن وَنُس نا
صاف صاف۔ دلیل کیاہ چھےٚ۔"

اَتی اوسُس بێیِہ خیال پیوان زِ نہٕ۔ یہ گژھہ نہٕ بان۔ ونوس مگر
وارِ کارٕ پرٛیِسۍ تَن نگینہٕ گوڈٕ۔ نتہٕ چھُمتہٕ اَمِس پیٛٹھ کانٛہہ بھروسہٕ۔ دِ پتٕمِس
دوا کانٛہہ کھیٚوٚن کیٚت گژھ تمَس ہیوٗر بوٗن کیٚنٛہہ۔ تمی سِنٛدِ س
ژوس تہٕ دِہ نہٕ بہٕ کانٛسہِ گَنٛدنہٕ۔ گوڈنیتھ ذرایہ نہٕ اَمِس تہٕ عقل اَصلہ
تَلہٕ گوٚ گانگَل گاہے گۓ۔ ہمیشہ پرٛژھہ کتھہ سُٚے چھےٚ برونٛہہ پَکَن وَن کرُو
کانٛہہ جایہ!"

بلبدر پھیور دوہن ژوہن دوہن شہرس جایہ جایہ۔ ییتہ ییتہ کانہہ اَڈٕ اوس۔ تور ووت۔ طوطن تہٕ گو۔ تمہ وونس۔ "ژٕ ژٕ ژٕ ژٕ ژراو تمی شُند خیال۔ دولہ بیہہ تہٕ از راتس۔ بہٕ بوز ناوتھ گلریز۔"

بلبدرس اُس بہٕ کانہہ کتھ خوش کران۔ تمی وونس۔ "مے چھُ لٕ دِپان زِ صدیق چون کوٗر مے سیتہ دھوکھ۔ خبر تمی ما آسہ نیرکن سوٗز مرش۔"

طوطہٕ وُژھس۔ "تعجب چھُم" یہ وٕ نتھ ہیٚژن پانس ژُمٹ۔

بلبدر ووٚتھس۔ "دوہی ییتہ آسہ تتہ آسہ دار وَتہٕ گژھہ آسنہ بیٚیہ کانٔسہ سیتہ کرِس نش گژھہ نہٕ لگنی۔" بلبدرنہٕ کتھ ہیٚر تلہ تراواس تھا تھر پیٹرش ہیش۔ زن تہٕ اوس خبر کرِتن دوہن ہند فاقے۔

طوطن وونس۔ "ژٕ مے کیاہ چھے تو تہٕ کھیٚن چیٚن ترٛوومُت۔ اگر تس تہٕ چون شریٚہہ آسہ۔ ژٕ یمے نش واتہٕ کرن گژھہ نہٕ۔ صدیق جو اگر کھونہٕ وَتہٕ کھوڈ تہٕ کھنہٕ۔ آلین هنز تھا ویس تو تہٕ نہٕ۔"

طوطہٕ نہٕ کتھ سیتہ گیہ بلبدرس ستھ ہش۔ پتھے رُت دراو گیٚن

بوٗز تَسُند زِ بلبدر اوس آمُت. تس پھیرِ وائِنج دُبہٕ۔

یہِ تاوِ منز گرُن کرِتی کوٚر یمَن دۄن رتنَن نگینن۔ اَکہِ طرفہٕ

اُمِس یئِڈ منز گرٕ ٹہٕ ہی پھرِ نہٕ یوان۔ تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ اوسُس وائِجہٕ تیلہٕ

تَلیٚشِن لگان۔ تُمِس اوسُس باسان وچھَس پیٚچھ بار ہیوٚ۔ راتھ کیٚتُت

اُس مَرِ نیٚتہٕ ٹینڈ ریٚمشار گرٕ ھان تہٕ وُنی دِوان۔ بہٕ کتہِ۔ وَتھرِنس

پیٚچھ ڈٲلہٕ گنڈ گٹہ دِوان تہٕ پان لِیتہٕ وان۔ تُمِس اُس پنُن تُھٲنس

منز وُچھان۔ کِرٕلی اُچھ آسَس وَہرِتھ باسان۔ وُٹھَن تیٚلہٕ زنگ گومُت

تہٕ اُتھ منز اُمِس کنَن " پیاں پیاں " ہش آواز یوان تہٕ دِلس یِہے

خوش یوٚنی ترٛنگ ہِش باسان۔ مگر بیٚیس لحظس منز اُس بیٚیہِ اَکہِ کوٚہ

وَسان بیٚیہِ کوٚہ کھسان۔ اُتی اوسُس پنُن مَن پرٛژھان۔

" اَدٕ بی تہٕ۔ لَڑکہٕ آسہِ یا لَڑکی تہٕ چھُ خوٗدایس تانی۔ تَتھ کیشاہ بَنہٕ۔

ہَرگاہ بلبدرَن شُری سِتھ زِنہٕ وازِی ہیٚرٕ نہٕ۔ تیٚلہٕ کیشاہ بنہِ تس۔ تس تہٕ

چھما تیٚلہِ یِیہِ رٕزا الٕکتھ ہیٚچھنۍ۔ شہ نۍ پٕژ جیم متے گٔنے مول
بۍ کیاہ وَنس۔ بٔ کمہِ بٔکتہٕ وَنس زِ چانِس مٲلِس ہیبا آیہ برادری بٔچھٕ۔
شرافتھ بٔچھٕ۔ ناو تہٕ اِسم یُچھٕ۔ تہٕ خبر کیٛا کیاہ سوٚنچ ہیوس۔ وِھ زِکُش
باوِ ہیٚس زِ یہِ سوٚنچ گوٗژھنا بڑوٚنٹھے کرُن۔ یہِ خیال گوٗژھنا بڑوٚنٹھے
دِماغَس منٛز اَنُن۔ ہتا بٔ گٔے کاتُشیہ نِشہِ راتھ دِمہٕ۔ اَمیُک انجام کیاہ
آسہِ۔ شہ منٛز کوٗت واتہٕ۔ تَمِنٛد لَسُن بَسُن تہٕ روزُن کیٛت آسہِ۔ بیول اگر
منٛز واٰراتس وَھ وَو۔ شہ دِہی پھل۔ مگر ھاُ جِل تیمٔیک۔ چار واٗے پٮ۪ش
تہٕ کھیٚنس۔ کھیٚنس نے توتہٕ کرُنس لَتہٕ مو بُچھ۔ بیٚیلہِ نہٕ را اُچھ رُوٗدُس
کانٛہہ۔ تُژو بیٚیلہِ پیٚتے کُنہٕ ہمیہ یَیمہ وراٗی۔ یہِ چھُ میونے تقصیر
ہیٚکنے مٲلِس ماجہ زامِژ آسہٕ ہا۔ یوٗت پیچھٕ واتیھ تہٕ جوٗانی۔

تیمے کیچھہ سوٚنچ اُس نگینہٕ ژوٗرِ ژوٗرِ اوٚش تہٕ ہاران بِیارٕ ہو
اوس بلبدر پھلوا گوٗمت۔ شہ اوس امرتسر۔ راول پٮ۪نٛڈ تہٕ پشوٗر تہٕ ووٗتمت
یِمن دوٚن رٮ۪تَن اوس تمۍ تمو شیو تہٕ کوٗرمت۔ تَس اوس یَیتہٕ پیٚے کالِس
منٛتس رنٛگ بدلیومُت۔ زَن اُسہٕ ہَس اُکُ چھک پیچھٕ بُرِھتہٕ دِژ مِژ
تَمِنٛد بٔچھٕ وُچھتہٕ اوس دوٗرِ باسان زَنتہٕ بَجیتہٕ زادرِ گدٕ ہو زِ چھکھ

کرٕی مِتھو۔ راجہٕ زیٖنہٕ ژوٗلٹ پان اُمس کُن وُچھِتھ۔ یمہٕ دوٗن رٕتن
اوس غنی جُوٗ مُژرِتھ مُژرِتھ کوچہٕ بیچھٕ نیٖران تہٕ جسابس نظر گُذرٕتھوان۔
بیٖلہِ تمٕی بلبدرٕن بوزُنہٕ آو لاران تہٕ دوان گرٕ۔ اَتہٕ وُچھُن بلبدرٕن
بدٕلے ناکہ نقشہٕ۔ تس آیہٕ نہٕ پڑٕھے زٕیہٕ گژھہ بلبدر آسُن۔ تیٚشرٕ آواز
اُمس بگرییہٕ شٕکل بگرییہٕ۔ غنی جُوٗن ووٚنُس خاطرٕ پاٹھٕ کرٕتھ۔ "بہٕ اَنوٚ نوٚ
ناگود۔ یہ کیاہ گوٚ ساٗنی ورن چھوٗکٕرمُت۔"

بلبدرٕن ووٚنُس۔ "نہٕ۔ فلحال نہٕ کینٛہہ تہٕ۔ کامہِ سیٖتی رُودُس
آدٕر۔ توٚرے روٗد نہٕ شیوکرنُک موقعہٕ۔ وفہٕ نیٚتی کرنے چھہٕ۔ اکھتے کاسو
مَسن تہٕ۔"

غنی جُوٗن تھاوٕ نوو بٹہٕ واژٕس اَتھہٕ وُشُن آب۔ دوٚپنس آب
وُشناوسہٕ۔ پُنٛڈِت چھُہ سفرٕ پیٹھ آمُت۔ گرٕدٕ بوٚرٕت چھُہ۔ تیٚرٕ نہٕ آبہٕ پٕژہ شُنۍ
غوصل کرن۔ بلبدرٕن اوٚن ژٕران کرٕتھ شُلہٕ نادِ تھہٕ۔ دوٚپنس۔ "تہٕ
گژھہ صدیق جُوٗن۔ تَتہٕ چھی پلوٚمیشاٗنی۔ تِم اَن تہٕ بیٚیہ اگر سا ہ وُچھِتن
تس ڈپِزِ میون۔ سہٕ چھُہ آمُت؟

شُلس کھٕژ آنٛدرٕی کنہ شیخ ژرکھ۔ دوٚپُن۔ بیے دوہ یہٕ رٕیتہٕ گرٕ آو۔

راجہ رئینہ سیتی کرن نہ اکھ کتھ تہٕ بیٚیہ۔ فکر لجس سارِنی تہٕ نگینتھ۔ تس
اوس بڈو نیپے راجہ رئینہ ہیتھ ذرٕ ذرٕ گژھان۔ یتہٕ راجہ رئینہ کوٗرزایہ
تتہٕ اوسس زیادے ترٚس یوان۔ ڈیان اوس نیبرٕ آسن لکھ وناتھ زِ
راجہ رئینہ چھے راج تہٕ تاج کران۔ مگر یہ کُس وُچھ زِ یہ ما چھے وایہ
تون کرٕ یہ یور آمُت"

سُلہ اوس واریاہن کتھن وأقف۔ یہ تس خبر اُس یہ اُسنہٕ
کرنس منز بارِنے کیتھنہ۔ اما پوز تس تہ اُس نہٕ یہ خبر زِ بلبدر اوس
نگینس ژھانڈنہٕ پنجاب گومُت۔

ییٚلہ سُلہ نگینُن یلوٚ انہٕ گوٚ۔ تمہٕ کوٚر اندرٕ ہو کینہ فأصلہ زِ یہ بہٕ ونہٕ
نہ سارِس زِ بلبدر کیاہ چھُ وونمُت۔ پرژھہم تے اگر مأ لِک دیُن" وونمس"۔
بلبدر اوس نہٕ صندیق جوٗن بتھ تہٕ وُچھن ژھان۔ تس اُس
پیٹھین کرن ہشر تہٕ نکھتھ گمُژ۔ امرتسرس تہٕ لوہورس منز اوس
اُمو پننیو چشمو وُچھمُت زِ اتہٕ چھہٕ کأشر زنانہٕ آسہ۔ تمن کوٚسہٕ ابتر حالتھ
اُس گمُژ۔ تمہ آسہ یا تے پنجأبی کران نتہٕ اُردو۔ کأشر کرن اوسکھ نہٕ
اوٚکینہ روژھان زِ کانہہ گوژھنہٕ بوزن تہٕ وُچھن زِ یمہ چھے کأشر

زنانہ۔ نیٚبر اوس بازرس منٛز آسان تہٕندٕ داریاہ ذِکر۔ مگر اَندر ییٚلہٕ انسان
یمٕن نِش گژھہِ ہے یِم آسہٕ نہٕ ہیٚکتہٕ تہٕ ہیوان زِ اَسہِ چھےٚ کشیٖر پیٚٹھ
آمژٕ۔ یمٕن تہٕ اوس ایحساس زِ ییٚکس کارِ بارس سیٖتی کشیٖر ہنٛدناو
واتُن چھےٚ شرمہِ ہنٛز کتھ۔ بلیدرس اوس یمن کُن وُچھتھ یوٗہے واُراگ
ہیوٗ ووٗتھمت۔ کوتاہ اوسُن سوٗچمت زِ نکیٚنس گژھہٕ نہٕ پرٛژھ ہنٛدی ہمٛز زندگی
گذارِنۍ پیٚیہِ۔ تس گوٚژھہ بھگوان وِدام ژانُن گنہٕ رکنہِ گژھہ واپس
ییٚنۍ ہرگاہ کانٛسہٕ سیٖتی بُتن آسہٕ ہیس بنٛہ ہا۔ مےٚ کیاہ ہرچہٕ اوس
مےٚ روزِہے دِلس ستیٖ ہیٚش توتہٕ زِ وارٕسے پیچھےٚ۔ اَدِ مےٚ تہٕ یوٗتاپلہٕ ہے
تیٚوٗ نا مدد کرِہس۔ مگر اَتھ سیٖتی اوسُس گرٕ گرٕ یہِ خیال تہٕ آمُت زِ نکیٚنہٕ
بنٛہ ہیٚیہِ کانٛسہٕ سیٖتی یہٕ ثبا گژھِی نہٕ برداش۔ ییٚزہٕ اوس وُستھ چھےٚ نہٕ
ژےٚ دِلس۔ یوٗنا ایثار ہیکہ نہٕ ژٕ ہاُرِتھ۔ یہمہٕ گیہٕ کتھ۔ وَنُن چھہٕ سہل
کرُن چھہٕ مُشکل۔ ژےٚ نےٚ پنُن کیاہ تانٛ مطلب اوسُے۔ ژٕ کتھ گوکھ تس
پتہٕ پتہٕ وُتہٕ ولاٚسے۔ ژٕ کتھ ووتکھ لوہور تہٕ پشوور اَندر۔ گیہٕ یہٕ تہٕ گیٚیہِ یہٕ
اَخر یوٗت گرٕ آسہِ پننہٕ مرضی آسہٕ گرٕ۔ بیٚیےٚ ششند جبر تہٕ کوتاہ چلہٕ ہے۔ اَتھ
سوالس پیٚٹھ یوٗتا یوٗتا سونچُے اوس گرٕان۔ تیٚوٗ نا اوسُس اَندری تلواس

ہیو وہ بٹھان۔ واٹنج کارنہٕ یوان تہٕ مغزٕن دود ہیکہ باسان۔

غوصیل کٕریتھ تہٕ اوس تس پان ٹھوکمت۔ شُلہٕ سوز تمیٚ یتھے شیٚچھو ہیچھہ۔ مُنتشر اوسُس سارنہٕ زیٚوٕ بہ بوزنک زنگیٖنُن ماڈراو پے پٕتاہ۔ وٕنہٕ اوس تس شامے۔ بیرٕ بہ اوس لوسنے۔ بلبدر اوس ظاہر دارٕی کنوٚ سفرٕ کہ حالن ٹاکھ بوزناوان مگر کل اُسِس شُلس کن۔ یتھے شُلہٕ پلوٚ ورائی آو۔

بلبدرن پرٛژھس کنس تل۔ "پلوٚ آنیتھ نا"

"تَتہٕ مہرا اوس نہٕ نیٚبرٕ سن ڈرائی کانہہ"

"تم کوت گمتۍ" بلبدرن پرٛژھس کھوژرۍ۔

شُلن دوپُس۔ خبر ڈیان اوس نیٚبرٕ ہسپتال چھِہ گمتۍ۔ کس تام خبر"

"ژٕ تے پرٛژھتس ناکس"

"تس اُس نہٕ پانس خبر" شُلس وَونُس یہ آکھتھ۔ تمیٚ اوس نہٕ یہ معلوم کرنہٕ یِچ ضرورُت ہتے سمجھٕ زِ تم ئے ہسپتال گمتۍ تہٕ کیازِ۔"

بلبدرن دوپُس۔ تلہ بالِم کُم کڈِن نیٚبرٕ۔

غنی جوٗن وَونُس۔ نسہ تہٕ یوت کیاہ چھِہ بخاُتن جایس بیٹھ دوٚمُت

وُنِۍ ژھکِتھ ژھیٚنِتھ آکھ۔ پٔژار رٔژھا۔ پٔگاہ وُچھتکھ۔ کُس چھُ
ہسپتالہٕ تہٕ کیاز ؟" بلبدرن دِتس نہٕ اُکھ کانٛہہ جواب۔

تتھی لاگٕ نیٚبر نیرنکو پلو۔ راجہ رٔینہٕ آیس بوٗٹ ہیٚتھ۔ تس کُن
تیمُن نہٕ اُچھ تہٕ۔ تمہ تہٕ پٔژ ژھس نہٕ۔ " ژٕ کوٚت گژھکھ ؟"

پانس پیٚٹھ واریاہ جبر کٔرِتھ تہٕ ہیٚنٛوکنہٕ بلبدرن صبر کٔرِتھ۔ تمن تس
پیٚٹھ رٔٹِتھ پژٕھ تمی شُلس منٛز پتہٕ پشِہ۔

نا تہٕ ژٕتے پٔژھ ھتس ناوار۔ دلیل کیاہ چھِتے۔ ہسپتالٕکس چھکھ
نہ ٹھہرامتے پٔژھس نہٕ کیٚنٛہہ تہٕ۔ یہ وٕنِتھ کوڈ شُلن گرِن ژٕ یکہ سان
قمیٖہ ٹاس۔ ہنگہٕ تہٕ منگس پیٚٹھ۔ تتہٕ اُسو تم پننس رفتارس پیٚٹھ دوان۔
تہٕ لوٗگ گرِن سیٚٹھاہ کنِتھ کرنہٕ۔

" توہہ چھُو بیہہ مونٛد ژامِژ۔ تہٕ چھُونا توہہ کھیناوٕ فوٕریوان۔
تہٕ ٹکُن نہٕ اکھ قدم نہٕ۔ توٚسے چھُو نخر گمتو۔ عقل کرِو عقل۔"

ییٚلہ شُلن بیٚیہ قمیہ دٔب اکھ زٕ لاٗیکھ۔ بلبدر وٕ ھتس۔ "مبالاگیھ
دِکھو پننہ مٔزیکنہ ۔" بلبدرس اوس نہٕ دِل ڈٕنجر۔ گرِن یُس اکھ اکھ دب
پیو۔ زٕن پیو تمی سینٛدِس بے جسمس۔ تیتھے عذاب گوس۔ ظاہرا اوٚ کنو

زِ ہِمو قمچہٕ ٹاسو تہٕ گرٕین ہشِد پٔڈرٕ چھدا سپدِ اوس تمۍ ہشِد سوٗچکٕ پیز اِنہٕ
ڈلان۔ تہٕ دِل راوان۔ تہٕ کیا زِ ییہٕ اوس نہٕ تس بأنس تہٕ فکرِ ترأن۔

ہسپتالس نش رٕکیو دٔم ٹم ٹارٕ شبلہ گو طوطن مولوٗم کرنہٕ زِ ہسپتالس
منز کُس چھُ۔ سارِ چھا۔ شاہ چھا کنہٕ صدیق جو چھُ پانہٕ۔ شہ آو تور دِوٕ دوٕ
تہٕ ووٗننس۔ "تتہٕ مہرا چھُنہٕ درواززٕ کانہہ مُشراوان۔ آلو آلوٗ ڈٕتمکھ
جوابے ڈٕیت نہٕ کانٔسہ۔"

بلبدرس گیہ گھبراہٹ۔ دوٗپنس "ژٕ ٹھہرِ ییتی نش" پانہٕ ژاو
ہسپتالس اندر۔

ہسپتال ہیر بیٹھ ہیوس طوطن زاتے پرٛژھہ تہٕ پرٛژھکس
بیٚیہ کیٛاہ پرٛژھس۔ بیمارکُس چھُ۔ یتہٕ نہٕ مےٚ خبر۔ کتھ وادٕس منز چھُ
یتہٕ نہٕ مےٚ خبر۔ وٕوٕ ژٕمےٚ بہٕ اندر اژِ تہٕ کانٔسہ پرٛژھہ تہٕ کیٛاہ۔ بلبدرس
پٔییہ نہٕ مصلحت۔ اکھ خیال آییتہٕ زِ یتھ گرس سپدیُس مےٚ تولُق چھُ سہ
چھُ دٔر پرٛدہٕ۔ تتھ گژھہ بے پرٛدگی۔ یہ گو پانے پنُن مشدِ چھاوُن۔ زانٕ وٕلی
زانن مےٚ کیٛتیاہ تہٕ ہمُن یہ پتاہ لگہ زیہٕ کہ برأنژ چھس یور آمٕت۔
تمہ کمہٕ ہھوکہٕ ژھینہ مےٚ۔ وٕوٕ ژٕ چھا منزٕ وتہٕ بیٹھ نِجُل تہٕ خار گژھن

نحقہ پٔہقس بیہچھٕ۔ چھُنہٕ ماملہٕ نگینُن۔ بیاکھ کتھ اُس۔ بیٚ کوناہ رتہ
ہراسہٕ کرٕ ہا تو تہٕ اوس پہٕ ژیشرٕل مَن رٕ کاوُن مُشکل۔ زانہٕ دِے تس کیٚنہ
نی پیو۔ تس کس مَلالہ گو۔ خبر یوٗز کیاہ چھُ۔ وَنہٕ کُس۔ بلبدرس آیہٕ
پنہنہ شرافتہ اُمہ وقتہٕ تہٕ برٕونہہ کُن۔ یُتھے ہیر بیہچھٕ یوٗت یھیوٗر۔
اورٕ کھُرٕ ڈیڈٕرکنہ برُقہٕ دِتھ زنانہٕ اَکھ تس کُو برونٹ ہیو۔ برُقہٕ مُنزی
دِژِس تمہٕ وارٕ نَظرٕ تہٕ یُتھےٚ یہٕ ڈیڈٕرنٕس ہیوٚ ووت برُقہ بانہٕ کوٗرس
ہیر بیہچھٕ آو۔

"بلہٕ کاک"

بلبدرن پرٕ زٕناوٗ آواز۔ اَکھ زٕ قدم کھوٗت یہٕ ہیوٗر تہٕ اَکھ زٕ
قدم وُژِھ سوٚ بوٚن۔

تمہٕ تُل نِقاب تھوٗد۔ بلبدرس ہوٗن بُتھ تہٕ بیٚنیہ تژٕ وُمن
نِقابہٕ بوٚن۔

بلبدرن دوٗپُس "کیاہ سہٕ زٕ۔ واتے رِچھو۔ نگینُن ماجے یوٚد پتاہ"
ساحن دوٗپُس۔ "سوٚ کوٚت اُس تہٕ گَرِ۔ سوٚ بچارٕ ہیرٕ کنہ
دَرِس چھے گجرٕ۔"

بلبدرس پھٹو یہ بوزیتھ کوٹھی۔ اکھ زِ زَنی کھتی میر۔ اکھ زِ زَنی وٹھی میر۔ تہ کرِ تھ تہ بیوٹھ بلبدر ہیر ہیچھ۔ شلہ کھوت دو دو بازِ ہیچھ۔ تس باسیوو زِ بلبدرس آو وتا یہ۔ سارس گیہ گمہ ژھیٹہ ہیرتھ بلبدرس اوس ہنجہ تلہ نشان زِ یہ چھہ بیرام۔ وتہ پکوژ اکھ زِ زَنی گیہ جمع اتہ نس۔

" اَدِ اوسیہ یہ سورُے فریب " بلبدرس ژوٗل پھتر پہ ہتھ ہکہ نیر تھ۔

" پتر اُرو رژھا۔ بہ ونو و ساریے ذلیل۔" سا یہ وُژھس دِلاسہ دِوان۔

وتہ پکوژ وٹھی شلس۔ " تمن سہ لیا یا وا یہ وا یہ۔ یہ چھے ژوازِ کام۔ وَلہ اُسی نہ کرو مددتھ۔"

بلبدرن ہوو تمن کلہ سیتی اشارِ زِ " توہی مہ کرو تکلیف بہ وو تھ پانے۔"

سارس گیہ گلہ زیو۔ زنتہ ژوٗ یہ ہا تُرِ رُکھ۔ تیتھے ہرِ لد باسیوو پان۔ شلن ژل بلبدر تھوٗ د تہ ووٗ نس۔ " پکو مہرا اگر گژھو "

پوّت پھیرنہٕ بدلہٕ کھوٚت بلبدر ہیتھوٚر۔ اکہ طرفہٕ روٗدُس شُلہٕ
ڈوٚکھس تہٕ بێیہ طرفہٕ سارہٕ۔ براندس پیٹھ یم دوٚر اکھ زٕ ژنی اُسی
رٚنم روٗدی دوٗری تماشہ وُچھنہٕ۔ براندس پیٹھ وٲتتھ شُبول بلبدرن شاہ۔
خدمتھ گار زٕ تہٕ کمپونڈر اکھ آکھ مدتس۔ یہ وٚنتہٕ زٕ بیمار کیتھ واڈس منز
واتہٕ ناوٕ یوٗن۔

شُلن ہیٚتھ ونکھ کیاہ تانی وٚچھن۔ بلبدرن ہوٚوُس اشارٕ ژھوۓ
کر۔ تہنٛدِس وٚننس پیٹھ ژاو بلبدر اُکس واڈس منز تہٕ اَتہٕ بیوٚٹھ بانٛہٕ
چارپایہ پیٹھ۔ یِپتِس کالس گوٚ کمپونڈر ڈاکٹرس نادس۔

ڈاکٹر اُسی سارٕی آپریشن تھیٹرس منز۔ مشوٗرس لگیتھ نِگیتس
اوس آزار۔ سوٚ اُس رُژن کھرٕ شہرٕ۔ طوطہٕ اُس آپریشن تھیٹرس نێبر کنہ
کلہٕ یون کٔٹ ژراوتھ ترٛہیر یمژ ہش۔ یُس اندرٕ نێبر نیرہے۔ سوٚ پُرژھے
تس تھوٚڈ وٚتھتھ۔ تھا تہ تھریمژ۔ "کیٛا جوٗ پرژرے چھا۔"

بَرٕ نیرن وول اُدٕ کمپونڈر آسہے یا ڈاکٹر۔ سارٕی اُسن
دِلاسہٕ دِوان۔ گابرٕنیچ چھینہٕ کیتھ کانہہ۔ مگر تہنٛدِ دلاسہٕ مدار کرنہٕ پتہٕ
تہٕ اُس طوطہٕ فکرن بیمژ گابرٕیمژ۔ سوٚ اُس اُندری خوٚدایس دوہ یود

اَتھوٚ منٛگان۔ اَمہِ سیٚٹھَے جوٲنی ہٕنٛد عار یہی تَنٛے۔ تہٕ مَتہٕ مٔزبی اُس

صدیق جُوٚس اِیکہٕ تہٕ ووہ ہیو کَڈان" نا اِنسان۔ پاٗثیہ کھاو۔ گان۔"

صدیق جوٗ اوس شادِ ہیتھ پہلگام گومُت۔ تَتہٕ اوس فرہنٛگو

وزیٖرَن ہٕنٛدوار یاہ چَرچہٕ۔ طوطن دِپیوٚنس۔ مَتہٕ گژھتہٕ! وق چھُہ نوٚزکھ۔

نگینہ چھےٚ دُجان۔ یہٕ تہٕ گَیہٕ س زنانہٕ موہ ہینو۔ ہیوٚر بوٚن نٔے اوسُس

یہٕ کوٚلات نمن۔ تمی یہٕ تہٕ میہ رَن پانَس سیتو۔

وۄنۍ اُس طوطس رائے زِ خبر آمیتو ما آسَن توَے اُس تمُو

سایہِ فتح کَدَل سوٚز ہٕش۔ تہٕ وۄنۍ اُس سوہ سارَس پٔراران۔ اَکھ تہٕ اَکھ

گوٚ کاہ۔ اَتی چھےٚ اَکو سیٚنٛدِ بیٚنے ہٕنٛدِ سیتو اِنسانس ہیمَتھ ہش گژھان۔

یوہ سہ ژٕھٹرٕ ژھٹرٹ تہٕ حاچھ نور اَنٛدِ یِکنہٕ نگینہ اُس کران۔ تمہٕ سیتو

اُسو ہیپتالہٕ کین ملاہِ زمَن تانی تیرِ کَنٛڈو پھٹان۔ تہٕ طوطس اوس

اَکھ زنگ پوان تہٕ بِیاکھ گژھان۔

بلیدر گوٚ ہسپتالس منٛزے دٲخل۔ سارَن وٗنس بانٛہٕ بانٛہٕ سارِس

دلیل۔ کینٛژھاہ پوٚز تہٕ کینٛژھاہ اَپٕز۔ یہ کَتھ وٗنٛی نس پٕزز صدیق

جُوٚن سوٚ پنٛج نگینَن زۆ بچاو توٚسہ ووٚنی ژتے۔ سوہ ژٕنٛج۔ تمُو ووٚن وار

کارٕ گژھنَس دوہ پۆرٕ۔ ژۆرٕ بچَن پَتہٕ وَنوس۔" ہَتہ سَہ یہٕ گَیہِ نگینہ ہٕ
یہٕ گوٚوٚ یِمَن اَولاد۔"

بلبدرس بیوٚٹھ کیتژھا یہٕ چھُ پوٚز۔ کیتژھا بیوٚٹھُس ہٕ۔ شُرِ
سُنٛد سَوال آس کُڈُر امتحان بوزنہٕ۔ نگینَس پیٹھ اُسِس وُنہٕ تہٕ پَژھ
مگر بیٚیِہ کانٛسہ پیٹھ اُسِس نہٕ کانٛہہ پَژھ روٗزمُت۔ وانٛجہ گَیَس چھٕلہ
چھانگر۔ سارَس توٗرٕ یہٕ اُمی سِنٛدِ بُجِتہ تَلےٚ فِکرِ۔ اوس تہٕ یہٕ پوٚز۔ نگینَس
پَتھ پیٚژاہ خاری اُمرٕ ہیٚٚژ۔ تِمہٕ کُنہ گوٚوٚ ژھینہ یہٕ اُکس لحظَس تہٕ نگینَن
ناو بوٗزِتھ اَتہٕ نَس بسترَس پیٹھ دِرِن۔ بلبدرس اوس پانَس نہٕ عجیب
باسان۔" اوٚتانیٚہ ہیٚٚہ مَن تہٕ پران اُمِس کُن اُمی۔ وۄنہِ کیاہ گوٚو۔ کیٚنٛہہ
ژۄر کرٕ نہٕ۔ ہتھچ دِژٕ نہٕ۔ آخر چھُ بچہ میون۔ تہٕ کیٚتہ کُنہ چھُ میون کانٛسہ
شُرِس چھامہ ہرٕ آسان۔ وَسا کیاہ چھُ یِمَن بد لحاظَن تہٕ بد باپارِیَن پیٹھ۔
نگینَس پیٹھ تہٕ چھےٚ نابھروسہ۔"

نگینَس پیٹھ بھروسہ اُسِتھ تہٕ کھوٚرُن نَتھ نَتھ۔ زِ یہٕ بچہ کیٚتھ کُنہ
کرِ نہٕ قوبوٗل۔ سِتی آس بیٚیِہ خیال زِ اَدٕ تراوِ نہٕ یہٕ یِمَن کانَن منٛز
وَتہٕ پیٹھ۔ لڑکہ آسہ تہٕ لاگِنَس اٹلہ تہٕ لڑکی آسہ نہٕ لاگِنَس .......

ژٕ نہٕ۔ تہٕ بَنہٕ نہٕ۔ تہٕ کرٕ نہٕ بہٕ برداش۔ یہِ سوٗچِتھان ووٚتھ بلبدرس واُنجہ تۄچھُن ہیوٚ۔

شُلہٕ اوس بڑوٚ نیٚژھٕ کرِ شیٚچھ ہیتھ گومُت۔

بلبدر ووٚتھ سارس۔ ”ژٕ گژھ تہٕ مےٚ اَن خبر نگینہٕ نٕز۔“

سارٕ کھُرٕ ہیوٚتُن۔ زنانہٕ وارڈ اوس دوٚیمس پوٚرس پیٚٹھ۔ آپریشن تھیٹر تہٕ اوس دوٚیمس پوٚرس پیٚٹھے۔ سارٕ کھُرٕ دوٚ دوٚ۔ نگینہٕ اُس نہٕ پننس بسترس پیٚٹھ۔ لوسہٕ زنانہٕ اکہٕ دوٚپُس۔ ”سہ ہٕری ژأنکھ اپریشن کرنہٕ۔“

سارس آو ہٕنگہٕ تہٕ مٕنگہٕ اوٚش۔ نأرِہ دَزہِش گیہٕ اپریشن تھیٹرس کُن اَتہٕ وُچھن طوطہٕ بینچس پیٚٹھ گُلہٕ موٚران۔ تَس اُسہِ اکھ زٕ زُنی حوصلہٕ دِوان۔ سارٕ گابرے یہِ وارئے۔ یوٚت سوزٕ مژ اُسن نتیک ژٕ ژھینہٕ بدلہٕ ووٚنُس طوطَن:“ کینژھہ نہٕ مُشکل چھُم باسان اُمہِ مُشد زوٗ بچُن۔“ طوطَن وٗنی یہِ کتھ بیکٕر ہیٚٹرٕ۔ تَس اُسہِ ہرِ گوٚ گلس کنڈٕ ہی لارے ہیتو۔ سارس آو مَنَس منز خیال زِ اگر خدا ژُوَس ماوچنہٕ زوٗ نی ہے۔ میون زوٗ اوسُس پیش کش۔ اُندیہ ڈراو بکپو نڈر اکھ اُمی وِزِ تھا نھتر یومُت۔ شہ ووٚتھ طوطَس کُن۔“ اُمس سیتہٕ کُش سہ چھُو۔“

طوطن دوپس: "کیا چھُ۔ یہِ چھُس۔"

کمپونڈرن ووٚنس: "خداکرِ ایحسان، آپریشن کوٚرہس۔"

سارن ووٚنس بٹان بٹان: "زُو چھا وارے۔"

"وُنہِ ہیکو نہٕ کینژھہ وٕنِتھ۔" کمپونڈرن دِتس جواب۔

طوطس تہٕ سارس دوشوٕنی گیہِ گلہٕ زیو۔ ہپتس کالس منز مُڑ رووکھ آپریشن تھیٹرُک دروازٕ۔ نگینہٕ کُڈ سٹریچرس پیٹھ دوپو خدمتگارو زنانو نیٚبر کنہٕ کوٚرُس طوطن بُتھِس میوٚنٹھ۔ نگینس اوس سورُے بُتھ ٹیلیوٚمُت، اُچھ آسس بند۔ پتہٕ کٔر واتناوکھ ہپتس بسترس پیٹھ۔

اَمی وِزِ آیہٕ اکھ لیڈی ڈاکٹر۔ تمہٕ وُچھُس نبض۔ پتہٕ آدبیاکھ ڈاکٹر تمہ وُچھس خوٚنُک دباو۔ کمپونڈرن دِتس پتہٕ کنہٕ بیاکھ انجکشن۔

طوطس تہٕ سارس اُسی نہٕ پنٕنی اوسان بجا۔ تمن روٗدنہٕ پتہٕ یادِ زٕ اُمِس ہے کو رہن زایہ۔ سہ وُچھون نا۔ سارٕ گیہِ بلیڈرُسس شیٖچھہ ہیتھ۔ ووٚنی روٗدنہٕ تمس آب تہٕ تاب۔ سہ آو نٕنہٕ دورٕ زنانہٕ وارڈس اندر۔ نگینہٕ حالتھ وُچھتھ گو دم پھُٹ۔ ووٚدی ووٚدی دوٚگُس ٹھلہ ٹھلہ مُدے گنڈِتھ وُچھنہٕ۔ پتس کالس اوٚنن اکھ نرسہ

بچہٕ تہٕ یہِ ٹھاوِیوٗن جھوٗلس منٛز ۔ سارِنٕ نیوٗتس اَتھہٕ منٛز تہٕ لٔجِس

ماہ تہٕ میٹھۍ کرنہِ ۔ رٕنٛجہٕ لوگ پیاں پیاں ۔ ڈاکٹر بھایہ ہوو سارِس اِشارٕ

زِ بچھ پتھ کُن ۔ سہ گیہ دروازس نِشہِ ۔ بلبدر اوس دروازس پیٹھ

کھڑا ۔

پیٹھنٕ سارٕ اوٗت نس آیہ ۔ تیمہ وُچھ پننہِ لڑکی کُن ۔ تس پھیوٗر

دِل وُبہِ ۔ سارِنٕ دوٗپُس کنس تل ۔ لعہ تہٕ لعہ تہٕ "مُبارک چھُو" تہٕ

لٔج اُمس ہو ہو کرنہِ ۔

بلبدر لوٗگس ہانکلہِ سِنٛدۍ پاٹھۍ ٹھٔلہِ ٹھٔلہِ وُچھنہِ ۔ سارِس اُس

رائے یہ زِ ہس کہہ چھہ منٛز ۔ مگر بلبدرن پھیوٗر بُتھ بییہ نگینس کُن ییٛرِس

کُن دِتُن نہٕ کانٛہہ توجہ ۔

ڈاکٹر بھاے وُڑھ طوطس ۔ یِنہٕ سہ بیمارِس زیٛر دِکھ ۔ اُمس

دِزیو آرام کرنہٕ ۔ یہِ بچہٕ تہٕ بھاوی زیون نہٕ ہیبس تل ۔ اکہ گھنٹہٕ پتہٕ

بییہ بیمارِس بییہ مُلاحظہ کرن ۔ اُتھی منٛز آو کمپوٗنڈر اکھ تہٕ خدمت گار

اکھ دوان دوان ۔

"ہے ژٕ کوٗت سہ ووتھ یور ۔ بعہ نہٕ ئے چانہِ خاطرٕ کمرُک انتظام

کوٚر۔ اَسہِ ڈاکٹر تہٕ اوٚن۔ تہٕ ییٚہ کیٚنتھ۔ تھٕہجہ نہٕ کُنہٕ۔"

زٕن اوس بلبدر کَھٹہٕ تہٕ تَس اوس پَتھ وانَس پیٹھ گرٛنٛدھن۔ تَس

سعہ تہٕ پیہ قدم۔

طوطن ووٚنُس۔" کانٛہہ پرواے چھُس نہٕ۔ خدا دِیس صحت۔"

خدمتگارَس توٚر نہٕ فِکرِ یہٕ کَس ووٚن طوطن۔ کَس دِیہ صحت۔

ییٚمِس زنانیا۔ کیٚتہٕ اُمِس بٕنٛتھ۔ یمَن کیاہ پانہٕ وٲنی وانٛدھ۔ آسکھ کینٛہہ۔
میٚے کیاہ۔"

خدمتگارَن نیوٗ بلبدر اَتھَس لٚتیپھ کرِتھ فیسہٕ کمرَس منٛز۔ غنہٕ جوٗ
تہٕ راجہ رٚینہٕ تہٕ اُس اوروٲنٛز منٛز۔

راجہ رٚینہٕ ہیوٚر وچھُس ژٕمچہ۔ زٕیوٗر سیٚتہٕ ووٚن تَس نہٕ کھینہٕ۔
غنہٕ جُوس رٛودُنہٕ آب و تاب۔ سُہ ووٚتھُس۔

" نِپہ یہٕ کیاہ۔ گرٛی گرَس ژُونٛتھ ژٕٹے نوٚن۔ گرِ بنہٕ ہے ناعلاج
تہٕ ہیوٚ اُکھ ہسپتال منٛز۔"

بلبدرن دِتُس نہٕ کانٛہہ جواب۔ تمہٕ ژٕدو بِسترَس پیٹھ ڈاپھ۔
راجہ رٚینہٕ لجُس ژٕنگن موہ ٹھ دِنہٕ۔

ییٚلہٕ ڈاکٹر ڈُبارٕ آو۔ راجہ ریٚنہ وُزٕھ تھوٚد۔

ڈاکٹرَن ووٚن۔ اُمِس چھےٚ تھکاوٹ گٔمٕژ۔ میٚے چھُہ باسان۔

یہِ چھُہ خبر کیاژ confuse گومُت۔ اَوَے چھُہ اُمِس دِلَس تہٕ

دِماغَس پیٹھ اثر پیومُت۔

یہ راجہ اُس سیٹھا خاموش۔ اَتھہٕ وَنوُنہٕ پرٕ سوٚ کوٚن کینٛہہ تہٕ۔

یہِ خاموشی اُس ترٛٹھے کھوژُونی تہٕ دَم پھُٹھ کرٕ وُنی یژھ دوٚہ دس

منٛز سفر کرٛن وٲلِس ہُنٛزِس چھےٚ وجہ واوِس بڑونٛہہ باسان

اُندرٕ گھبراہٹ اُسِتھ تہٕ پھٕٹنہٕ سٕہ نیبر باس دِوان۔ خبر مُسافر ماگا برٛژ

ناو ما لگہِ گژھے۔

نگینہ رٕوز رٲژ راتس بے ہوش۔ بلبدر رٕوٚد رٲژ راتَس ہُشار

تہٕ تَس سیٹھا راجہ ریٚنہ تہٕ۔ سارٕ رٕوز راتَس نگینس نشی تہٕ طوطہٕ گیٚیہ

ژھریہ راتھ کیٚژُت گرٕ۔

گاش پھولنہٕ بڑونٛہہ مُشرادِ نگینن اُچھ۔ تَس ژوٚل نیبر یتھ

"وا ے ماجے" بُڈنس گیٚیس یُہے حرکتھ ہِش۔ تہٕ اُچھ مُشراوِتھ

باسیوس ژھوٚو طرفہٕ نیوٚلے نیوٚل۔ زَن اوس سورُے ہسپتال نژان۔

زِن اُس سوٗ وُڑِھ پٔژنگس پیٹھ ہیٗوٚر آکاشس کُن دَوان۔ زِن
اُس سوٗ ہیٚر آکاشہٕ پیٹھ بوٚن زمینَس کُن لاینہٕ یِوان۔ تمہٕ دٕژ
سارَس کُن نظر۔ لوسہٕ وارٕژَس منٛز آسہٕ زنانہٕ کھرٕفٕکھ مادان۔ اَکھ
زنانہٕ اُس شُرِس ہیٚنٛس موم چاوان۔ تمُو سیٚنٛدِ شُرُت شُرُت کرٕنٛچ
آواز اُس دوٗر اُسِتھ تہٕ نزدیکھ باسان۔

سارَس پیٚیہٕ نٕچ یاد۔ جھوٗلہٕ منٛز تٕژ تمہٕ جَل جَل نٕچ تہٕ یُہیے
تھاوِن نیٚنٛدرِ منٛزٕ رٕگینَس وٕ چھُس سیتھ۔

ڈاکٹر بھابہٕ اوس اُمِس ماجہٕ ہِنٛد موم چاوُنس منع کوٚرمُت۔
تہٕ کرِتھ کٔڈ اُمہٕ رٕگینٛن بب اَکھ وارٕ وارٕ تہٕ ببہٕ ٹیوٗنڈ لوکُن نٕچہ ہنٛدس
وُٹھس سیتھ۔ نیٚنٛدرِ منٛزٕ بیٹھٕہٕ ژٕہہ ژٕہہ دِتہٕ تہٕ چٕت چٕت کرٕتہٕ۔
رٕگینن دوٚپُس عارہٕ ہٕشٕو چھُشمٕو ہمرِ آوازِ منٛز۔ "تس ما وَنِے یِو"
اِشارٕ اوس بلیدرس کُن۔

"تس ووت راتہٕ پیٹھ ییتہ۔" سارَن دِتُس نظر تُلنہٕ ورأی جواب
رٕگینن پٕژھس اُچھوٗ سیتھ "کتہٕ چھُہ؟"

سارَن دوٚپُس۔ "ییتو چھُہ لبہٕ نہٕ۔ ییکیاہ بہٕ وَنس یوٗرہ۔"

یہ وُنِتھ وُزِتھ سارِ بلبدرس نِش۔ راجہ ریٚنہٕ اوس چارپایہ
بوٚن کٔن سٟتہٕ رٔنجہ بیٹھ وۄہچھ تہٕ وۄہ گۄل گومت۔ تَس اُس اَمی
وَقتہٕ اَچھ بیٹھ اَچھ گٔمٕژ۔ مگر بلبدرس اُس یہ راتھ پٔنڈ کو دُراہمژ۔
تَس اُسی نگینس کُن پران۔ مگر شرمہ سیٹھ اوس اَندری گلان۔
راجہ ریٚنو نے اَتہٕ نَس آسہے سُہ آسہ ہے توتہٕ راتھ کیُت اَکہ دوہ تہٕ
لٔٹ بٔتیہ نگینن ٹُھتھ وُچھنہٕ خاطرٕ ہیۆر کھوتمت۔ وۄہ نیٚ بییہ سارِ
شٲنیچھ ہیسہتھ آیس۔ بلبدرن ہووُس کلہٕ سیٹھا اِشارٕ ژٕ بکھ۔ بہٕ تہٕ
ووتُس۔ اَندر ٔبکھو اُسی باقے بیمار کلہٕ نلہ کپٔر ژادر ژٕلیتھ گاش
پھعہ لنس پژاران۔ مگر بلبدر اوس دَیان یہ راتھ گژھ زیٹھنہ۔ سُہ اوس
زَن چھکرادنہٕ آمُت۔ سُہ اوس دَیان وُمرِ ہُند اَند گوٚ ژھ بیٹھ راتس
مُنزٕ سیدُن۔ صُبحٕنس پھولہٕ گاش۔ صُبحٕنس بوزٕ دُنی یاہ زِ نگینُن شُر
چھُ بلبدرُن شُر۔ یہ سارِے شَرافتھ یہ سارِے ٹینٹھ مینٹھ بتیہ
شوٹھس بتھر۔ تَس اُس نہٕ نگینس کانہہ ژٕرکھ۔ کانہہ گلالہ۔ تَس
اُس صدیوتھ جوٚنی نفرتھ گمژ۔ گانَس تہٕ انسانس چھے یہے فرق۔
خبر کمہٕ زٕنمک بدلہٕ اوسُس میٚہ ہیوٚن سُہ ہیوٚتمُت۔ خبر تہٕ تھاوُن تہٕ

یوٗتام سرٕ ہیٚنٛٹھ سہلاب تہٕ کھوٚتمٕژ۔ سہلابہٕ کِس اَتھہ دِکس بڑونیہ
کَتہٕ ٹھہرِن اوس نہٕ سَہل۔ بلبدر روٗد راتھ زانتس یانس سمجاوان زِ توہٕ
کیاہ گوٚو۔ تہٕ سپدِن اوس تہٕ سپُد۔ وونۍ کیاہ چارٕ چھُ میانہٕ
خاطرٕ تہٕ شرٕمسنبالنہٕ وَرائے۔ نگینہٕ یانس نِش رٹنہٕ ورائے۔
برادٕری ژھینہٕ کھوٚ کیٚ ہیہو۔ اَنٛگ اَشناو دِن یامہ۔ ژالو۔ راجہ زٕرٹینہ
واتہٕ حدٕ مہ۔ تہٕ دود چھُس لَلہٕ وُن۔ یہ زخم چھُس ہیٚشوٗن۔ ہیٚیہ نہٕ تہٕ
اَدٕ کیاہ کرٕ۔ مگر سیٚتھ اوس سوٗچان زِ لوٗکہ ماتلَن مےٚ کوٗن اوٗنِجہٕ۔
میون اوس سہلے آخر یہ لَڑکی ییٚ پگاہ بُڈہ اَمِس ماہیٚنٛڈ ژمٕ۔
اَمِس ما دِینمَ تہٕ چھےٚ بد ماشِن ہِنٛدِس اَڈس پیٚٹھ زامرِ۔ یِتھہ سنہٕ جَس
متٕر چلیٚیا اَمی شُند گُذارٕ۔ اَمِس تہٕ آسیا شِے یِزتھ یُس میانہٕ
بیٚیِس کوٗر کشوری آسہ۔ یوٚسے راجہ رَٹینہٕ ہیٚنٛز ڈٕنیہ چھےٚ پھٹمٕژ۔
یہے کھیٚچہ سوٗرِنٛج سوٗرِنٛج اوس بلبدرٕس راتھ راتس تلواس وٚوتھمت
تہٕ یِتھہ جیر آمت زِ اَمی اَمی اَکھ تہٕ ڈکھ ژاڑٕ ہیٚتی۔ مگر اَمی وَقتہٕ
اوسُس نگینُن موصوٗم تہٕ پُر اثر تصویر اَچھَن تَل یوان۔ محوٕبتکۍ
کیٚنٛژھہ ساعت اَچھَن تَل پھیران۔ واٹنیٚج اَسِس ڈٕبہٕ پھیران۔

گانہٕ وانَس کھسُن چھُ سہَل۔ مگر اَتہٕ اگرَے پکُن توٚ گژھِ یِتہٕ چھُ
پیٚتراوُن مُشکِل۔

سارِس کُن اِشارٕ کَرِتھ ترٛاو بلبدرَن راجہ ریٚنہ کُن نظر۔ تَس
اُس گوٚب نیٚندٕر پیٚمٕژ۔ غنہٕ جوٗ اوس کالیٚ گژھِ واپَس گومُت۔ راجہ ریٚنہ
اوس تَس باند کوٚرمُت زِ حسبہاے ہبا اپزٕ۔ یِیِتہٕ گژھِ مَرد
کانٛہہ آسُن۔

بلبدر ووٚتھ بِستر مَنٛز لٕہ تہٕ لٕہ تہٕ تھوٚد تہٕ کھوٚت ہیٚشوٚر لوٗسہٕ
وارٕڈِس اَنٛدر۔ نِکینَس اُس دروازِس کُن نَظر۔ سہٕ اُس بلبدرس پرٛاران
تَس اُسہِ اَنٛدری عجیب عجیب قسمٕکی خیال یِوان۔ تَس اُس یِہ ووہ زِ
دُبارٕ صدیق جُوٗن گژھِ رٛنٛج کانٛہہ خاہِش۔ تَس اوس موحبتھ مَنوٚر زور تھٕ
گژھِ منوٚر زوٚر رٕھتھ۔ مگر یِم چیز ما چھِ جبر سیٚتہٕ انسانَس حاصِل سپدان۔
اگرَے بلبدرَس مرضی اُس نہٕ۔ اگرَے تِمہٕ بہٕ قوٚبوٗل کرِس نہٕ۔ اگرَے
تِمَس ییٚنہِ نِکَس بیٚیہ تہٕ شک اوس۔ تِیٚلہٕ تیٚلہٕ۔

یِم وسواس اُسہٕ نِکینَس اَنٛدری اُکس کھٕ ہَس کھالان تہٕ یِیِس
کھٕ ہَس والان۔ ترٛ اُمتھ مَنٛز یُھتھے تِمہٕ۔ بجلی گاشَس اَنٛدر بلبدرٕنی

ژھانچھ وُچھ۔ تَس ڈرایہ لیڈرے مِیتِس ہُتھِس یِمۍ نارٕ چَپاژٕ ہیٚتھ۔
تَس گَوٚ پھوٚر سَپدِتھ شتھ گز ہکوٚد وٕتھتھ۔ تَس پھیر اَچھَن مَنٛز
اَکھ عجیب چمک۔ مگر دوٚیمہِ لحظہٕ گیِس یہٕ چمک ختم۔ بلبدرس ترٲیِس
دِیٚلیٖچ دُبرائے نیز گمژ۔ تمہٕ سپدِ مۆہ حبتُک راز اوس فاش سپُدمُت۔
تُہ گوٚ دارٕ دارٕ نگینہٕ نِس بسترس نزدیکھ۔ تیٚتھ لڑکی اوٚس
نگینہٕ نِس وُرِی نِس مَنٛز۔ تمہٕ سپدِس وچھَس سیٚتی لگیٚتھ پھِرستَن
سیٚتی گشدان۔ بلبدر ژھکیوو برونٛہہ کُن بَتہٕ بوٚن کُن۔ تمہٕ نوٚمرٲوِی
کوٚٹھ تمہٕ نوٚمراوٕ گردَن۔ وارڈس اَندر اوٚس ژھوہ پیٚوِ۔ مکمل خاموشی۔
اَندرٕ نِکھ آسہ کینٛہہ زنانہٕ وُنہٕ شونگو بہتھ۔ بلبدرن کوٚر پان بوٚن کُن
نوٚمراوِتھ زانٛژس میوٚٹھ۔ تمہٕ لوگ تمہٕ سپدِس ہُتھِس سیٚتی ہتھ تمہٕ
لوگ اَمی بہانہ نگینہٕ نِس وَچھس سیٚتی ہتھ۔ نگینٕس گوٚ سارٕ ہِی
بَدنَس وُشنیر تَس پھیوٚر ناڑِس ناڑِس خوٗن۔ وٲر ژٕ بیٚیِس شہلِتھ
ہیٚش۔ ڈگ گیِس مشتھ۔ بلبدرس ژیٚتھٕ تمہٕ سپدِس وُشنس تہٕ ویٚٹھس
موٚنس سیٚتی اَمی لحظہٕ وُٹھ لوگ۔ نگینٕس کھوٚت ہُتھِس وو شُلُن۔
تِمہٕ وَچھ اَچھ۔ تِمہ وُڈُ دوہ شوٚسے وُٹھ۔ مگر مَنٛزٕ ہٕٚری اوٚس تَس آواز

رِواژ :۔ " لاگمٕژ سٕنہٕ بٮ۪یہِ وُٹھ ۔ لاگمٕژ سٕنہٕ بٮ۪یہِ ژھٕژ ۔ بٮ۪یہِ لاگمٕژ سٕنہٕ زِ بیچھ کنٛو
بٮ۪یہِ ۔ بٮ۪یہِ ۔ بٮ۪یہِ ۔ بٮ۪یہِ ۔

بلبدر اوس تہٕ وونی بلبدر روٗدمُت ۔ تٔمۍ اُس نگینہٕ پننہٕ آشنہٕ
تسلیم کرمِژ ۔ رِواجس مُطابق اوس تٔمۍ ہسپتالس اندرٕے نگینس
سیتی نکاح پوٚرمُت ۔ قونوٗنہٕ موجوٗب اوس تہٕ وونی تَس پننِس جاداس
تہٕ مالہِ میراثس پیٹھ کانہہ حق روٗدمُت ۔ یوٚتام سہٕ پننِس مذہبس پیٹھ
قایِم اوس سہٕ اوس پننہِ کاروبارُک مالک ۔ پننہٕ گرُک زٕٹھیُٹھ ۔ راجہ زنٛنہٕ
ہنٛد روٗن ۔ کشورِ ہنٛد مول ۔ مگر وونی اوس تہٕ مذہب تبدیل کرنہٕ پتہٕ
تمِس اَتھ گرس سیتی کانہہ واٹھ روٗدمُت ۔ ہسپتالہٕ نیبرٕ کٔڈِتھ وُوتھ سہٕ
نگینہٕ تہٕ پننِس لڑکی ہمسہ پننِس محلہٕ کِس بازرس اندر ۔ مگر تٔمۍ سِنٛد
گرکو دروازٕ اُسۍ تٔمۍ سِنٛدِ خاطرٕ بند گمتۍ ۔ سہٕ اوس راجہ زنٛنہٕ ہنٛدِ
خاطرٕ تمہٕ دوہہ مودمُت ۔ یتِمہٕ دوہہ غنہ جوٗن ہسپتالس اندر ساریٚنے

تھی بلبدرس کھسیر واُج۔ راجہ رٔینہٕ دِتی کنن تھٔپھ۔ اَدٕ تور تُس فکرِ ز
بلبدر چھُنہٕ یانہٕ بیرام تہٕ توٚرے چھُ ہسپتالس اندر۔ بلکہ چھُس ماشوق شُند
لول تہٕ تمی پٔژ شرپھتھ تہٕ شرٛیٚہہ ہسپتالس منٛز بہہناوِتھ۔ سوہ گیہ تمی
وَقتہٕ واپس گرٛ تہٕ واپس نیران نیران وونُنس زِ ووٚنی وُ رپھوی میون
بچھ دُبار۔ یہ چھُنہٕ مُمکن زِ اکس بٹس آسہ بییک وقت بٹہٕ تہٕ نیتھر تہٕ
مُسلمانہٕ تہٕ۔ یتھے کُنہٕ یہٕ یہ مُمکن چھُ زِ اَکس مُسلمانس آسہ بییک وقت
اَکھ مُسلمان زنانہٕ تہٕ بٹاکہ بٹہٕ۔ منٛز بازرس منٛز واتتھ تورٕ تہٕ بلبدرس
رکھہنہٕ فکرِ زِ یہ کوٚت گژھ۔ رشتہ دارن ہنٛدی درواز تراسی
تہنٛدِ خاطرٕ بنٛد گمتی۔ تس اوس یقین زِ محلس منٛزے بنہٕ تس کانٛہہ
چھپن جاے۔ مگر تس اوٕ نہٕ بروٚنٹھ کُن کانٛہہ مُسلمان تہٕ۔ سُہ اوس
وُنہٕ اُتھی رگدائس منٛز "ٹانگہ یتھ بٔہن وَسنے زِ دھینہ وی وُژھ
وَدان وَدان سرٹکہ ہنٛد مکانہٕ ہیبر کنہ بہن تہٕ تمہ ووٚنُس: مہرا۔
تُہۍ کیازِ چھِو پریشان۔ یہ چھُس کرایہ دارین۔ مگر بیٚتس چھُس چھُس نو تام
مالِکیٚنہ تی نام کرایہ دِوان چھُس۔ یہی وَسے وار پکھو کھسو ہیتور۔ مے نش
رہو بیٚیس کمرس منٛز۔ لیرجاپہ چھے روزان ییتی۔ اِنسان چھُنہٕ بنان

دُبارہ۔ نِہجا لرٛتٲنِشس بچن٘ہٕ خاطرٕ باسیوو نہٕ بُدر دینِس اَمہِ کھوتہٕ بٔتیہِ
کانٛہہ مدد۔ نگینس کلہٕ نلہٕ ڈُسیہ وٕلِیتھ تہٕ بلبدرن سعہ ٹانگہ واگِلی ہیٚنڈر
مُدتہٕ سیٹھا تھوٚد تہٕ تَس پیٹھ پتہٕ کُل دھنہٕ وتی زاشرٕ کوٚچھ مَنز تہٕ
کھٔرٕ ہیوٚر۔

اَمی دوہہ شامنس ووت دھنہٕ وتی گرٛک سوٗرے سامانہٕ غنہ
جوٗ آو توٗملہٕ کھارہ ہیتھ۔ ماز ہیتھ۔ سبزی ہیتھ۔ تیل مَصالحہ تہٕ بٔتیہ
ضروٗوریات ہیتھ۔ اَکھتے اَنِن سعہ جچر تہٕ اوٗری یتھ بلبدر بدر دین بنیہٕ
برٛونہہ تموکھ اوس چھوان۔

کینژن دوہن ڈراونہٕ بدر دین درواژٕ نبرٕ تہٕ۔ دھنہ وتی اوس
سماجس اَندر محلہٕ والین ہیٚنڈرٕ نظرٕ تَل برٛونہہ کُن لوٚ نٛژر لوگمت۔ تس بٔتیہ نہٕ
بلبدرنہٕ اَتہٕ روزنہٕ سیٹھا کانٛہہ فرق۔ سعہ اُس دِپان دزنہٕ ڈزس یہ گرہ تہٕ۔ پوٗنام
زٕ ریتھ سیٹھے کنٛز گئے۔ نگینن اوس دوہہ ژ سنبولمت۔ سعہ اُس دوہ ژ پانٔنے
پانس تہٕ پننس خانہٕ دارس کیٚنتہ زنان پاکہٕ وان تہٕ تَس کھیاوان تہٕ
چاوان۔ دوہ یہ ریٚتہ پتہٕ ووت اَکہٕ دوہہ صُبحس دھنہٕ وتی ہیٚنڈرس
مکانس برٛونہہ کنہٕ سَرٛکہ پیٹھ ٹم ٹم۔ اَتہٕ اَندر اُس راجہ رینہ۔ اَمہِ منز

وڈاو غنۍ جُو۔ سُہ کھوٚت دٚھینہ وتی ہُنٛد۔ تمۍ ووٚن بلبدرس۔" راجہ رێنز
مہارا چھہٕ دُیان۔ وۅہ نی کیاہ سوٚپُنٛو۔"

بلبدرن ووٚنُس:" ہکٕنٛک۔"

" زٕندہ روزنُک " غنۍ جُوٚن ووٚنُس بٔڑٕ شٕنٛجیدگی سان۔
" مےٚ توٚر نہٕ فِکر " بلبدرن دِتُس جَواب۔
" آخر ییٚھے کُنہ کیٚنٛس کالس بہٕ تٕہٕ نٕر زٕنٛگہٕ دٕ ٹھٕہ۔ دُکانس
ووت ییٚلہ زٕ رہتھ بھگوانٕ سِنٛدِس فضلس پیٚٹھ۔" غنۍ جُوٚن ووٚنُس
آرہ ہٕتھ آوازِ منز۔

دُکان خۅص بٔز ووہٕ نی راجہ رێنہ یانہ تٕشبالُن۔ مےٚ روٚدنہ ووہٕ نی
تھۅکہ پیٚٹھ کانہہ دٔسگاہ۔" بلبدرن وُچھ نگیٚنٛس کُن۔ یِمہٕ سِنٛز شُرِس
معصوم اٚس چِاوان۔

" دُیان چھہٕ راجہ رێنز نٔہی دِیوٚمشوٗر۔ دُکان کیٚتھ کُنہ چلاوون۔
یہ گژھیا سورُے چھٕلہِ چھانگرِ گژھن۔"
" تٔس چھنہٕ پتا مذہب بدلاوٕنہٕ سٕیتۍ بدلہِ یہ ساٚنی رِشتہٕ۔"
" تٔس مێرا چھے پتا۔ مگر دُیان چھہٕ رِشتہٕ بدلہِ یہ۔ انسانٛیت

بدلہ یہ بہٕ کیٛنژھہ تہٕ۔ سو چھےٚ ہیٛنٛدس تہٕ تہٕ مُسلمانس تہٕ۔"

"اَتھ مطلب کیاہ چھُہ تمہٕ تُمُشد۔"

"وُپان مہرا چھکھو۔ بلبدر اوس دُکانک مالک مگر بدر دین تہٕ ہیکہ
دُکانک راہ چھہ ذر رٔوزتھ۔"

"گوٚتس چھُہ دُکانہٕ خاطر موٗہنیتو بکار۔"

"تی سنجھو۔ دُکانس چھہ داہ موٗہنیوی بیٚیہ تہٕ۔ موٗہنیوین پیٹھ
اگر تھہی رٔوزو۔ تو یہ چھا کاتھہ ہرجہ"

بدر دینن تُژوو اَشن۔ تمیٚنس تہٕ آو اَشن۔ مگر غنہ جُوس اوس
اَچھن منز اوش آمت۔ وھنہٕ وتی اُس بَرس نیٚتھ کتھ ہیٛنٛد سورُے
سوال جواب بوزان۔ تہٕ بوہٕ کنہ اُس راجہ رَیٚنہٕ یہ ڈیٚرہ تہٕ کنڈین پیٹھ
بیٛمتے ژٕژھو کھنٛڈی اورٕ بلبدر تہٕ غنہ جُویکہٕ وٹہٕ بوت وُتھی۔ سرٕ کہ
پیٹھ گوٚ لوکہ ارسات جمع۔ ہیٚٹہٕ مُسلمان۔ کاٗنسہ اوس نہٕ اوٗتام فکرہ
تران دلیل کیاہ چھےٚ۔ بدر دین آو راجہ رَیٚنہٕ بروٗنٛہہ کنٕ تہٕ ووٚنس

"مے کیاہ مہرا میلہ تنخاہ۔"

"تہٕ سیٚد فاصلہٕ تُہنٛز کام وُچھتہ" راجہ رَیٚنہٕ ووٚنس غمگین

آوازِ منٛز جواب۔ مگر تس اُس اَچھَن منٛز اکھ عجیب تہٕ خوش پوٗنٛ چمک ہَش پیدٛان۔ سوٚ ؤُزٛتھ ٹٔھ ٹٔہ پیٛیچھ یوٚن تہٕ بدر ٹیِن کھوٚت پانہٕ ٹٔھ ٹٔمس پیٛیچھ۔ غمنہٕ جوٗ بوٚیہٕ ٹھ بڑوٗنٛتھ کٔنہٕ۔

ٹُھمَس اوس روٗخ مہراج گنٛج کُن تہٕ رایہ رینٛہ ہنٛدی قدم اُسو دٔھنہٕ وٕنی ہنٛدِس کرایہ مکانس کُن۔ تیمٕ رٕٹ ہیوٗر گُھسِتھ نِگینہٕ زورِ ہنٛدِس وٕچھس سیٚتھ۔

[ اَنٛد ]

